ناوٗ : شِہِلہٕ کُل

مصنف : دیناناتھ نادِمؔ

چھپن وٕری : ۱۹۸۵ء

خطاط : محمد یوسف مسکینؔ

چھاپ : فوٹو لیتھو ورکس، دہلی۔

تیداد : اَکھ ساس

مول : ژتجہہ روپیہ۔

بہٕ چھس کتاب چھاپنہٕ باپتھ کلچرل اکادمی ہندِ مالی اتھٕ واسک شُکر گزار۔

(نادِمؔ)

# ترتیب

# نَذرانہٕ

کُلِ عالمہٕچَن ماجَن ہندِ ناوٕ
یِمَن مَنٛز
میٲنٛز ماج سوٗندر دید تہٕ چھےٚ

# سَرنامہ

بوٗنۍ تحتُ الثرالیس زان وُلتھ نال
ہیٚرے ہیٚور چرخِ گرداناس تٔمۍ تال

(اَحدزرگر)

کاشُر شاعری نوٚو زوٗ تہٕ زیتہٕ عطا کرن والی غلام احمد مہجوٗرن
اُس کاشرِس تُرانَس منٛز کَس تام ژیٖنہِ وَن وژ ہژسہ
اگر وُزِناوِ ہَن لُستی گُلَن ہُنر تراو زیر و بم
بنٛیُل کَر، داو کَر، گگرایہ کَر، طوٗفان پیدا کَر
یہ اوس اَکھ دُعا تہٕ تہٕ اَکھ شیٚنیچھ تہٕ۔ دُعا اوس دِلہٕ منٛزہ دژامت۔
لہذا گیِٔس جَل بَجِلہٕ اِجابتھ ــــ شیٚنیچھ۔۔۔۔ ع
شیٚنیچھ گیِٔ شامَن گامہٕ شہارَی
باغَن تہٕ جنگلَن پھیر ژرہ پارَی
رِگلہٕ وَون داوِس، داوَن لالَس، لالَن پیالس، پیٚالی کلہٕ والَس
کلہٕ والَن پھیشرِ ۓ خالَس منٛز
ۓ خالَس منٛز وُژھ ہوٗل ہالَۓ بالَس تہٕ بالَس لٔج ٹھسہ رایہ
شہرِ دراو وِہتھ بُجِس پیٹھ اَکھ راٗیِل ہیوٗہ آدمہ پکان تہٕ وَنان۔ ع

گوٗژُھے یوٗد نادِ چھُ شاہ ناؔدِمَس لِشہٕ حبہٕ کدَل پیٚژِ ہے
بَرَس یوٗد تارٕ اُسی نَو بہارو دارِ تَل پیٚژِ ہے

وِچھان وِچھان گوٚ اَکھ اَچھہِ نبہٕ گرٛز ۔ دینا ناتھ ناؔدِم سٕنٛز آواز
گرٛزِ بیٚ یہِ کاشرِ کِس شیٖشہٕ خانَس مَنٛز فرہاد سٕنٛدِ ٹوٗنگیٚ ٹاسہٕ رازٕ
ہش ۔ سُہ اوسُس گنگہٕ راوان ع

مےٚ چھُم خوشُس یِوان زٕلزٕلَن سیٚتی گِنٛدُن
طوفانَن اَنٛدَر وُزملَن سیٚتی گِنٛدُن
بُنہِ بُوپ نیرُن پھِلن سیٚتی گِنٛدُن

ہرگاہ گوڈٕ گوڈٕ اوس باسان زِ ع

دیوانہٕ بہ کارگہٕ شیشہ گر رسید

مگر جلدٕے بنیوو زِ کاشرِ زبانِ ہُنٛد دوٗر چھُ ماگ تہٕ دژاگ ژالنہٕ
باوجود یہِ سوٗرٕے وہتراوٕنۍ توٗژھ تہٕ تیٚنہ تھاوان ۔ دینا ناتھ نادِم
سٕنٛز آواز سپٕنٛز اَکھ تیٚژھےٚ بُنٛثیِل ثابِتھ یٚمی سوٗدرِکین سٕنٛدرِن پاز گرِتھ
تِمہٕ مَنٛزٕ اِظہارُک ہمالہٕ پربَت ہیٚوٗر کھور ۔ ناؔدِم سٕنٛدی آلوَن دِیُت
کاشرِ کِس لفظٕ سَمنٛدرَس چھوٗنپھ تہٕ اَمہٕ کِس بُتھِس پیٹھٕ لگی اِظہار تہٕ
باوُژ ہُنٛد پَرٛو ترٛاوِنۍ تہٕ ہیٚے بُثگہٕ گرٛونۍ لال جَواہر تہٕ موختہٕ اَنبرٕ
ناؔدِمَن اوس کاشرِ زبانِ ہنٛدِس ساری سے اَرزلَس کھولُو دِتھ
اَکھ تِم امکان دُرِی یاف کرِہٕ مَتی ۔ یِم تِمَس بَرٛونٛہہ ژھیٚپھ دِتھ تہٕ
ژھوپہٕ گرِتھ اُسی ۔ ناؔدِم بنیوو کاشرِ باوُژ بَل کیو لافانی فنکارو منٛزٕ

۷

اَکھ۔ یِمہٕ کِنۍ شاعر چھُ سارِی سےٚ تٕہنٛد ہی اَندٕر پکھس ژٕ ہہ دِتھ تمٕکۍ
بہترین سٔرِیٖہہ تہٕ زِیٖہہ پانٔس کُن اَنان تہٕ تِتھ مَنٛز پنٕنہٕ تخلیقی زِژہ مُنٛد
گاشس تأرِتھ اَکھ ترٛژہ قٕنۍ اُڈٕرن وُجوُدس مَنٛز اَنان یوس یہِ لوسہٕ مَتہٕ
یِتھ کالٕک تہٕ پنٕنہٕ وٲلہٕ یِکہٕ ہِک نالہٕ مۆت ہَش آسان چھےٚ۔ یہِ دور بنیوٚو
دِپیا ناتھ نادِم سُنٛد دور۔

کٲشُرس اَدبس مَنٛز مہجورٕ سُنٛد دور اوس تمس دِپہ مانٕے سورُیو مُت۔
مہجور اوس وُنہٕ زِنٛدٕے مگر ۱۹۴۷ سٕنہٕ تام وانان اوس تسُنٛد تخلیقی
تنٛدور وپتہٕ گومُت۔ تمہِ اوس اَکھ تخلیقی تہٕ تٲریخی رول زَبَر پاٹھۍ ادا
کوٚرمُت تہٕ دوبٕنۍ اوس اَکس قٲبلِ تعظیم مرِدیادہٕ پٕسنٛدی
پاٹھۍ لوب کُن۔ یہِ بُہ زِلس کیاہ اوس بہٕ اَتھ نوِ گیتہِ مَنٛز یہِ پرٛوسِنک
چکہٕ چاو۔ سُہ رۆد لیکھان تہٕ گاسہٕ کٔڑیٖجِن تھسپہ کٔرِتھ ژھا نٕٹھ وایان۔ مگر
تَس آس پٔنٕنۍ مَنہٕ ژٕیتھ کنٕس تَل وَنان زِ ناوِ چھنے نیرتھ گژھ۔ سُہ اوس
دوپُر سرٛدٕن سیٖتۍ آواز زِلادیٖنۍ کوٗشش کٔرِتھ اَکھ عارِ بُرہ ژٕ PATHETIC
صورتِ حال نظرن برٛونٛہہ کُن اَنان تہٕ اَوے اوس سُہ نوِ سمہٕ کیٚن علمدارس
پتہٕ کُنۍ گلہِ میوٚٹھ کران: ع

گُل دور کٔرِتھ دٕراے شٕپرِتھ جالے ژٕ نٕے تھوٚہے
رۆدی ژھاپہٕ تارکھ آفتابن لوگ پیٚلہٕ دربار[۱]

---

[۱] چمن لال چمن چھُ علی محمد لونُن حوالہٕ دِتھ وَنان زِ ۴۷ ہس پتہٕ پُرژھ اَکھ دۄہہ لون صٲبن مہجور
صٲبُس زِ تۄہہ گیاہ چھُ باسان پانٔس پتہٕ کُس پیہ کٲشرِس شارس مَنٛز بارِسس۔
مہجورَن وۄننُس نادِمس کُن اِشارٕ کٔران "سُہ کیاہ ہُسہٕ اَچِھن لاگِتھ شخص۔"

سارِین گُلَن پِتھ آکھ سارِین ہُنٛد تہٕ اَفسُردٕ آکھ

کَمہٕ پوشہٕ مَدَن آے کَران چھِی تٔسِے نمسکار

کاشُر زَبانِ مَنٛز کوٚر علامہ اِقبال سٕنٛدِس اَثرٕس تٕل بُلنٛد آہنٛگ خطابی لہجہٕ ہیجوٗرٕنِے متعارف۔ تِمۍ اَنۍ جدید فِکری نقوش تہٕ۔ عبدالاحد آزادن دِژ اَتھ تشابہ بٔنیہِ ہُن بِین تہٕ دَری بادٕ نظمس مَنٛز کوٗرُن لہجہٕ تبدیلی ہُنٛد اَکھ اَہم پڑاو طے۔ مگر یہ تبدیلی اَس رِواجن ہٕنٛز تابِین تہٕ رَسمَن ہٕنٛز تابیا۔ اَتھ اَس وضع دٲری ہٕنٛز ہا تنکل۔ مگر تیوٗت کٔرتھ چھُ یہ پَزر زِ تٔمسٕنٛدیو یِمھو مِصرعو اوس یِتہٕ والِہ یِگھک اعلان کوٚرمُت۔ ع

کَنِین، کھَبرِین، کھیٚین، کھراتشَن، پَکان چھُس مَنٛز گُٹَن گاشَن

---

تُلان چھُس ہول گگراین تہٕ شولان وُزملَن اَنٛدر

---

سَنبر ووٗگنیار، ٹُھٹو تٔے بیٚر ڈٕلیشتھ جیٚرہ چھُم پِوان

نادمَن ظہوٗر چھُ آزادی ہِنٛدِس ظہوٗرس سٟتی سٕیدان۔ کاشرِین ہٕنٛز آزادی ہُنٛد خواب کِتھ کٔنٛدس تام شولیو۔ سُہ چھُ اَلگ بَحث مگر اَتھ کِتھ پیٹھ چھُنہٕ نہٕ راے زِ ۱۹۴۷ہس مَنٛز اوس تِمَن پوٚختہٕ یقیٖن زِ تِمو چھُ غولامی ہِنٛدِس ووٚلہٕ بوٚرس اَٹھ دِتھ آزادی ہُنٛد نبہٕ دوٚنٛد پزٕ زلوومُت۔ اَمِی اِیحساسن تٕل ٹھہنٛدِ باطنہٕ کِین ناگہٕ رادن ٹھان۔ تہنٛد آو سیوٗمُت پھوٗر آو اَکہِ نوِ نوٗرٕ سٟتی بَرنہٕ۔ سیاسی سطحَس پیٚٹھ اوس اَمیُک سارِوے کھوتہٕ طاقتوٗر نِشانہٕ شیخ محمد عبداللہ شیرِ کشمیر تہٕ تمدنی سطحَس پیٚٹھ تِمۍ سِے ہیوٗہ تھوٚد

شانہٕ تہٕ کھوٗل وُچھ تھاوَن وول دینا ناتھ نادِم۔ اَمہٕ وِزِ اوس کٲشرِ ہِنٛد
پراچین تہٕ مالا مال تہذیب تہٕ توارِیخ زِہو ژھانڈان۔ تِتھ اَسی سَینٛس
مَنز اَنتھہِ رُسی آلو دِتہٕ بانٛدِ گامتی۔ تَس اَس اَکہٕ تھدِ ہٕنٛچ ضرورت۔
ییٚمہِ ذٔری یہِ یہِ بَنٛد گامژ کٔریکھ یکہٕ سان نِیبَر نیرہے۔ دینا ناتھ نادِم
ہٕسنٛدِ بَرٛوٚنٛہہ اوس باسان زِ کٲشُر ٹیک اوم کھوس ہیکہٕ تہٕ یہِ آتش ناکھ
مُس دِہتراوِتھ۔ مگر ییٚلہِ نادِمَن آلو تُل۔ سارِنے گوگوڑ پھٔٹرِتھ ہیوٗ۔
ریوایتی سازَن گَچھہِ تار۔ مگر نادِمنی آواز اَس زَن اَکہٕ کوہہ تھنگہٕ
پیٹھہٕ آبشارکِ پاٹھی وَسان۔ یا زَن تہٕ پیٹھے عظیم شینہٕ مانٛزی AVALANCHE ہِش۔ ییٚتھے
بوزَن والیو دَم ہیوٚہ سنٛدور تمَن ہیوٚتُن پے لگُن زِ یہِ آواز چھُنہٕ کانٛہہ
وِدہٕ یُرضَدا۔ یہِ چھہٕ کاشُر زبانی ہٕنٛدِ پاتالہٕ مَنٛزٕ وُزان۔ اَمیُک آہنگ
اَسرتَن ووہ پہِ ہیوٚ مگر اَمیُک مُزایہِ چھُ کاشُر۔ اَمیُک لفظہٕ ووٚتُر چھُ
تیٚتھ پاسہٕ زِ گُہوچَن پیٚیہِ ووہ نو ترتیب دِنی۔ یہِ آواز بوٗزِتھ ژٕیوٚن
سارِنٕے یَکدم زِ اَکھ پوٚز تہٕ تِنوٚد شاعر چھُ طلوع سپُدمُت۔ شاعر
لیٚس تورکُے آلو تہٕ اِجابَتھ آسان چھُ۔ شاعر لیٚس بَناوُنی گرتہٕ سیٹھی بَناوُنہٕ
چھُنہٕ پوان۔

تِم لفظ یِم یوٚتانی کھیہِ کھیمتی لَژٕتھ گامتی تہٕ زَرزرے منی اَسی باسان۔
تِمَن ژاو نادِم سنٛدِ مسیحا نفسی سنتی نوٚو زُو۔ تِمَو ہیوٚت گاہ ژٕاوُن تہٕ
نِپہٕ نِپہٕ کرُن۔ بقولِ نادِم ع

نیتھہٕ نُنی، نٔیش بوٚدی، سادٕ مَنوش

تھولہٕ تھولہٕ وٕنی، پھولہٕ وٕنی یمپوشس
نتہٕ ژھٹہٕ ماران یاوٕنی جوشس
لتہٕ موشجہٕ گٲمتی وُنتہٕ پلیٹھ پوشس
غُسکی آگر، مُتی مدہوشس

(لفظن کم کم مانہٕ دِلو)

نٲدِم سٕنٛزِ کرٛیکہٕ ہٕنٛز فریکونسی FREQUENCY اُس پٔتھ زٕ ریواتی فارمن ہنٛدِ میٹرٕ گژھ۔ امہٕ چہ تیزی سٕتی مسمار تہٕ کٲشرِس شعرٕ پیٛو نٲدی منٛز اَتھ بلینک وٕرس، آزاد نظم، سانیٹ تہٕ اوپیرا تھٕنہٕ تجرٕبچ کٲشرِ پاٹھی گوڈنیچ کہانی جوٲبی کارڈ (یہ سہ مٕتی اَدٕ تہٕ خوبصورت باسان چھنہٕ)۔ یہ اُس ہیُٚر ہٕنٛزٕ تٕرِ بُنیٲدی اہمیتُک تبدیلی زِ تمہٕ نٕے دوہن دُتہ شبو دان سنگھ چوہان ہیوِس "ترقی پسند" نقادس تلواس۔

"یم ساری وٕرتاو چھ نوی۔ اکس پسماندٕ ملکس منٛز چھ یم
وقتہٕ برٛونٛہہ کُنہٕ آمتی۔" (کونگ پوش نمبر ۹)

چوہان ہیٚوک نہٕ تمہٕ وِزِ یہ ٹاکارٕ پٔزر وُچھتھ زِ عہدساز شاعر چھ زبانٕ پننہٕ نٕین پھیکین پٹھ تُلِتھ شتہٕ کن تہٕ ہُدیٚن ہنٛدی منٛزلہٕ وٕریٚن منٛز ژھنڈنادان تہٕ امہٕ چہ پسماندگی ہنٛدِس شگافس چھ پننہٕ باوٕتھ بلہٕ چو لانیُو سٕتی وُچھان وُچھان واتھ دِوان۔ کٲشرِس منٛز اوس لٔلہٕ دیدِ اکہٕ وقتہٕ پی کوٚرمُت تہٕ اُردوہس منٛز مرزا غالبن۔ ہرگاہ نہٕ بوڈ شاعر ییٚتھی ہیوی ژھین واتہٕ۔ تیلہٕ کتھ گوشہ بوڈ؟ نٲدِم ہنٛدِس

عظمتس اگر یہِے اَث دٔلیل تھوٗتس آسہِ ہے تو تہٕ اوس نہٕ سیٹھا بوٚڈ۔
نادِم سٕنٛزٕن ابتدائی نظمَن "بٕہ گیوٚہ نہٕ اَز" منٛز چھُم کام بلتیے "
میون وطن" پرٛزُھن چھُم " میانہِ بو شارٕ وکیا دٕولٕ" بیترٕ ییلہِ نقاد کھوٚٹ
لاگان چھ۔ یمَن چھ یمَن مَنٛز تشبیہَن ہُنٛد گتہٕ جار، استعارَن ہُنٛد
تکرار تہٕ تصویرَن ہنٛز ترٛبہٕ ترٛچھ لوٗان" بوزنہٕ" یمَن اعتراضن ہُنٛد بہترین
جواب چھُہ نادِم سٕنٛزٕ پتی مہِ نظمہٕ" نابد تہٕ ٹیٹھٕ وَن، حارٕ ژاتھ، دِوٗر گُنٕل
بیترٕ۔ مگر منٛز یہِ برٛوٚنہہ اِشارٕ کوٚر۔ یہِ اوس تمہِ وِزِ تِپَشدِ توازی تہٕ
لِسانی روٗلُک اکھ لأزمی نتیجہ۔ ڈرِی یہِ وادَن ہُنٛد شعِثومُت شیٖن
اوس دلگلان تہٕ نادمہٕ سٕنٛدِ وُچھ مَنٛز گتھ بنتھ نیران۔ زن تہٕ اوس
کھادَن یارٕ بوہٕ نہٕ کُنہٕ تام کشب رنیشی متی سَرس ژھین دیِت مُت۔
تہٕ بَنٛد گومُت آب اوس ہچہِ کران نبر دژامُت۔ امیک مَتانہٕ
تہٕ بے واپہِ رَفتار تہٕ اظہار چھُ امیُک سہٕ حُسن یتھ نہٕ تنقید نِگأری ہُنٛد
کانہہ کلیشیے CLICHE ہمہ رأوتھ تہٕ شُس کٔرتھ ہیکہِ۔ عبدالرحمان
راہی یَس ہیوٚ نظر باز شأعر چھُہ وَنان زِ ییٚلہِ اُسی تمہِ وِزِ نادمنی نظم
بوزان اُسی۔ اَسہِ اُس یہِ دَن تہٕ شہلا بہٕ مَلرکی پاٹھی ڈٕ ہتھ نوان۔ "
یمَن نظمَن مَنٛز چھ پٔزی کنہِ ریزٕ کأری۔ مگر یم چھ تجربٕ کی ترٛ ظلماتھ یم
پٔرادتہٕ وَرأے اَزی چھہ پوختہ نظمہِ ہُنٛد قألب ہیکہِ نہٕ پٔرٛتھتھ۔ نہ
کٔرتھ چھُہ یمَن نظمَن مَنٛز تتیتھ صوٗرتِ حال تہٕ پیکر نظرِ گژھان یم
پروپیگنڈاکِس شور وشرس مَنٛز فرحت تہٕ جمالیاتہٕ چھہ وَن چھُنپہِ شہ

باسان چھ۔ یہ اکھ بصری تصویر چھ شاہد ع

چکن دۆزٕ ہنزٕ ہشرٕ ستی اَس پکان لالہ زارن اندر
تہٕ کھنڈٕ واو نیوٗ ہاوسو ژآنی اَسی شالہ مارن اندر
تہٕ بیٚنیہ راچھ روزن چھُ وچھ تلہ کینہ لالہ اندامہ نے
تہٕ تہندین مُلایم تہٕ موصوم موہہ دامہ نے
تہٕ بیٚنیہ راچھ روزن چھُ ماجین ہندین اولین زاولین گگہہ کین خابنے
لولہ میٚتحرابہ نے، (میانو شارو کیاہ وون)۔

(کونگ پوش)

نادمن فنی وتاد چھُ یمن نظمن پیٹھ نوٗ تمام کوتاہی یوٚ با وجود کاشر شارکہ دُلہ گوٚن ڈِنگ توآریخی نیب بتاوان۔ حالان کہ تمس ستی یمو شاعرو مان مان کرِتھ پتہ نظمہ لیچھ تموٚ چھےٚ پلنے تمہ ژھوہ ڈیرٕ بُنزی کرِ مژ۔

یہ کنتھ چھےٚ ژتس تھاوٕنی لایق زٕ اکھ دورس منز لیچھ گوڈٕ نادمن" وۄہ تہِ باغچ گگلی کوکو کنی ہش نظم۔ اَمہ نظمہِ ہندی پیکر تہٕ استعارٕ چھ تحقی تازٕ کار زِ ازتہٕ چھ بوزن والس ژوٚ ثیوت کران۔ منٛچھُنہ پناہ زٕ نادمن چھا میرا اَپنسٕ ستی مرثی وُچھتی کینہ نہ۔ مگر اَمہ نظمہ ہنٛد گوڈٕ چھُ اَنہس ہنٛزٕ بے مثال منظر نگاری ستی ستی بلی کہ کُنہ وِزٕ اکھ قدم برٛونٛہہ برٛونٛہہ پکان۔ مثلاً یہ ایچ ع

یمبرزٕلہ نے کلہ نوٚمراوِتھ

واوِن ژھن شبنم چھکراوِتھ

مالِنی شینچھ بۆزِتھ نٔہرینی زٕن داٲروگرٕ لٔج اوٚش ترٛاونے

امہِ نظمہِ ہنٛدی پٔتِم بٔنٛد چھ ناٲدِم سنٛزِ مارکسی اعتقادچ وکھنے کران

زٕن تہٕ مرثی، تشبیہہ پیٹھہٕ واقعہ نِگاری تام واتان چھ۔ ہرگاہ انیس

سٕنٛدِ نِہن مرثین منٛز

گرجا جو رعد، ابر سے بجلی نکل پڑی

محمل میں دم جو گھٹ گیا لیلیٰ نکلی پڑی

مچھلی جو سیخ موج تک آئی کباب تھی

ہوی STYLIZED شار وٕنِتھ چھ ہیکان۔ ناٲدمن مصرعہ

"شُنے چھُ باسان شاید اوبُرس تَل وُزُل لٔج مٔس مُزراونے"

تہٕ چھنہٕ کم پایہ۔ یہ نظم پٔرِتھ چھ امیُک پیغامی حِصہٕ تہٕ قِصہُک اکھ

بٔنے شوٗنک حِصہٕ باسان یُس شاعرن گوڈٕ تعقن یوٗرمُت چھُ۔ یتے کٔتھ

ہیکو صُبح گاہی " تہٕ دبہٕ ہاکہ کوہہ پیٛتہٕ زٕ دٕن کھٔر ژٕوٚٹ ہش " ہِش نظمن تہٕ

سانٛتہن مُتلِق وٕنِتھ۔ ناٲدمس پیٹھ چھ نقادو مائیکافسکی، جوش ملیح آبادی

تہٕ احسان دانش سٕنٛدِ اثرُک باربار ذِکر کورمُت۔ منے چھنے پانس

تھٔنٛزن برجستہ تشبیہن تہٕ استعارن وُچھتھ میرانیسن شاندار فن

ژیٚتس پیوان۔ جوش ملیح آبادی یس پیٹھ اوس انیسُن رنٛگ اثر۔ باسان چھ

لاریٛنی ما چھُ یہ پتہٕ ناٲدمس نشہِ لوہُر وۄتمُت۔ ناٲدِم اوس گوڈٕ گوڈٕ مشاعرن

تہٕ جلسن منٛز پٔننی یاتھ پران۔ یمن ہنٛد خطابی لہجہِ تہٕ رکنہٕ وسہٕ دن پٔنن

جو دماہ ناداں اوس۔ ییٚتھہٕ ناؔدمہ سٕنٛد قد، آواز تہٕ اَدا۔ جلٔسن ہنٛدۍ
جلسہٕ آسی زٕن اُتھی گژھتہٕ سٕتی یِرٕ گژھان۔ مائیکارفکی ہٕنٛزٕن نظمن تہٕ
اُس ییٚہے تراے۔ مِیرا اَپنٕنی مَرثی تہٕ اِقبالن شکوہ تہٕ باقے نظمہٕ تہٕ آسہٕ
ییٚتھے پاٹھی لَگن بٔرژٕ نہٕ کَنہٕ پَرنہٕ یِوان تہٕ ہوٗل ہالے تُلان۔ جوش چھُ
اُردوٗکہ بٔڈٕ سمنٛدرٕ مَنٛزٕ ہَم آواز تہٕ ہَم معنی لفظن ہُنٛد اَنبار لاگان۔
ناؔدم تہٕ چھُ یہ کَران۔ مگر اُمس برٛوٚنہہ یا پَتہٕ کُمۍ کاشُرٕ شاعرَن ہیوٚک
یہ کٔرتھ؟ ناؔدمس برٛوٚنہہ کَنہٕ چھُ کاشرٕ اِظہارُک اَلادینی چِن دٕس لبنہٕ
دوٚہدِنہٕ روزان تہٕ لفظن ہِنٛدۍ تودٕ پیش کش کٔھاوان۔ یِمو شاعرو ناؔدمٕ
سٕنٛدِس اَتھہ یِہلوٗس تقلید ہیٚژ کٔرٕنۍ تِمَن پیوٚ یَتہٕ پانہٕ پَننہٕ عاجزی
ہُنٛد اِیحساس کَرُن۔ یہ گوٚ تِہنٛد تہٕ کاشرٕ زبانہٕ دوٚہ شوٗنۍ کیٚژٛ جان زٕ
تِم لوٗش تہٕ ناؔدمس تہٕ بَدل وَتن کُن کھوٚرُک چلو ۔۔ تہٕ پَننہٕ پَننہٕ رَنٛگہٕ
بَنو وکھ کاشرٕ شار بختاوار۔ ناؔدمٕ ہنٛز سارِے کھوتہٕ اَہم پٔرزنتھ چھُ
سوٚے یوٚہ سہٕ پٔرتھ کانٛسہٕ پٔرِس شاعرٕ سٕنٛز آسان چھِ۔ سٕہ گوٚو لفظن
سٕتی تٕسنٛد وَرتاو۔ محمود گامی لیٚس ناؔدمس برٛوٚنہہ۔ یتھٕ ڈوٚہڈ ہتھ وٕری
اوس لیکھان چھُ "سنگلاب" کِین ترتیب کارن لَشہٕ "گوڈنیک
کاشرٕ شاعر یمیٚس کاشرٕ شاعری منٛز ہیٚتنی تجربہٕ کٔرٕنک ظوٗن پیوٚ۔
سوٚے چھُ مثنوی، غزل، لعت لیکھتھ کاشرٕ شایرٕ یہ محدوٗد دایرو
مَنٛزٕ کَڈان" بلکہ" تمی دِژ کاشرِس وَژنٕس سوہ زبان یمہٕ وٕرٲے
نہٕ اَتھہ بیٚیہٕ کانہہ زبان شوبہٕ ہے" ناؔدمٕ چھُ پَننہٕ وَقتہٕ محمود گامی ہنٛد

پاٹھی کٔشرن نٔو شعری منبفن کاشرس منٛز ڈسی لابہٕ کران ۔ بیٚیہ چھ سانہٕ شاعری منٛز تمن لفظن معزز تہٕ معتبر بناوان ، یمن نہٕ امہٕ برٛونٛہہ کانٛہہ پرزناونٕے اوس ، یتھین لفظن ہُنٛد گوشوار تیار کرُن گو اکھ لوکُٹ موکُٹ لغت ترتیب دیُن ۔

لفظن تہٕ مُشاہدچہ تازگی تہٕ توانایی خاطرٕ فقط زٕ بنٛد ؎

تازٕ مجسہ بدی چھ ہلہٕ ڑھایہ زدتن
ڈیمبہٕ گوگجا وحشچ بیب خوتن
زن سنگر مالہٕ نے لچ پھلے ہئے
ہئے ولےہئے ولے ہئے ولے ہئے
آرٕ ول چھوت سہ چھم ماٹہٕ ژچ ہیو
چھون تہٕ نون تیرٕ ہوت شیشہٕ ژچ ہیو
اوش ہران آب زن پیپھ پھلے ہئے
ہئے ولےہئے ولے ہئے ولےہئے

لفظن ہنٛزٕ یہ نوزٲر تہٕ تمن ہُنٛد یہ ساےٚدار قدتاو چھ کاشرٕ زبانٕ ہُنٛد سوٚرے لفظی ذخیرٕ شاعری خاطرٕ ارزان تھاوان ۔ یہ کتھ چھ ثابت گژھان زٕ یہ چھ شاعرس ہنٛز نظر تہٕ تسنٛد تخلیقی الاوچ خاصیتھ یوسہ لفظس بجلی تارٕ منٛز سجاوتھ گاشراوان تہٕ پرزلاوان چھےٚ کاشرٕ زبانٕ منٛز دوٚ کھنہٕ ونیک تام نادمس ہیو کانٛہہ لفظٕ فیاضا تہٕ نہٕ کانٛہہ تمس ہیوٚہ جودگرا لیس لفظٕ کِس آو سہ مبتس پھرس پنہٕ فنک دستِ شفا ڈالیتھ ۔

زِندگی ہُنْد جوشس تہٕ بوش یاد کرِہے۔ تَیشِنٕز اَکہٕ نَظرِ سیتۍ چھُ ہانٛٹھِین اَچھرَن تہٕ وُچھس دوہ دِکھسان۔ تہٕ یِم چھُ بُرزٕ دوہ دِ بَبہ بنان بیٚیمہٕ سیتۍ تادہِمیٚن شار للہٕ دیٚدِ ہٕنٛزٕ دٕہہ وُنہٕ ندِ ہِنٛدۍ پاٹھۍ شولان چھُہ۔ وُلو اَتھ ہِکتہٕ مَنٛز ترٛاوو اَسۍ تہٕ ناو۔ ع

ہے مٔنے نسأ چھُنہٕ پانس تامَتھ
وَنہٕ کیٛاہ کٔنۍ ماتلہٕ کُنہٕ ساتَن
اَنۍ ماذ پاٹھۍ ہے لایِم
گھٹہٕ تَن رُوقس شیٖشہِ دارہ
ژھیٚنۍ تَن غلطَن کُنہٕ جالارس
کٔن اَذٕ تَن اونٛگس پیٚٹھ بوٗنگلس
ژُکھ لگہٕ تَن کُنہٕ موہ کھٔنٛے ہارس
اَژۍ تَن کھٔرٛوب کُنہٕ موٹرٕ کارس
تاجی پٔنیہٕ تَن کُنہٕ مُرتی وُسی
چھوکہٕ لَد گرٕژھِ تَن آنہٕ سنگارک
اَجہٕ مٔینٛگہٕ قراقلی کاٹھہ پٔنیہٕ تَن
پٔنیہٕ تَن مَنٛدرس مَنٛز کُنہٕ پوتلس
گرٕژھِ تَن بزٕ نگ استانک زخمی

(دِکِینٛہہ ترٛاری ہتی شار نظم "خلش")

نادِم سٔندِس یِہی یلغارُس چھُنہٕ سُہ گرُت تہٕ سازِ سنگارُس تِیٚندِ

کینژن ہم عصرن ہُند خاصہ چھُ۔ مگر اَتھ منز چھِ برجستگی تہٕ بیٚے شوٗنکہر
زَن چھِ تٕمی سٕندِس اشارَس پیٹھ زٕمینکی وٕلسی گاٛمتی بال نَبس کُن اۄبرِ
ہستین ہندی پاٹھی رٕہار دوان۔ زَن چھُ پمپوشس برٕہما تھٲنہٕ پیوان۔
زَن چھِ ویرناگس دیتھ وُزان تہٕ ستکہٕ لِس شیشرم ناگ زیوان تٕمی سٕندن
تشبیہن تہٕ تٕمی سٕندین استعارن ہُند نوٗر چھُ ہیٚے بنگہٕ کرنہٕ باوجوٗد زَن
تہٕ ساتہٕ ژھیتہٕ وُترٛیک کاتھہٕ نقش دِوان تلاوان۔ سوٗے نالہٕ دیٚتہٕ ہتھ
خاصیتھ زٕعام نظارن منز پننہٕ فنہٕ کہ سنگ پارسہٕ سیتی تخلیقہ سوٗدر
وہیراونچ لے۔ ع

یارِ بیٚلہٕ ناپھ بنتھ بیٚلیہ گاسہٕ تجن کرِ سوہ تہٕ ساوی
مارِ بیٚلہٕ لاگہٕ کوٗھیُش کرِ یارِ کلین تام رتہٕ داوی
زیٹھہٕ پٕتھ چاٲنی موہرِ تنڈل ژھوہلہٕ میون تہرِ الم

تٕمی سٕندِس لہجس منز چھِ ڈراماٲیی کیفیت، گفتگو ہیچ تہٕ ڈایلاگچ خوبی
تہٕ لہجہٕ کہ کھنہٕ تہٕ لوسنکی تم انداز یم اَمہٕ برٛونٹھہٕ چھِ کاشرِ شاعری منز سے
یوت نایاب چھِنہٕ بلکہ یم تٕسندین کالی باجین منز تہٕ اَمہٕ کامیابی سان
کم نظرِ چھِ گژھان۔ تٕمی لیکھہٕ نہٕ یتھے کاشرِ زبٲنی ہندی گوڈنکی اوپیرا—
دراصل یوسہٕ زرتی تٕہنزن نظمن آس سوے بنے یہ یمن اوپیرائن منز
الاوٕ تہٕ اَتھ منز چھِنہٕ تس ساتہٕ زبٲنی منز دور دورتام کانٛہہ جوٗرِ اختیٚیے بوٗزِ و
واریاہن ہندوستانی زبانن منز یمن منز اُردوٗ تہٕ شامل چھُ، چھِنہٕ اَمہٕ
کوالٹی تہٕ کیفیتکی اوپیرا موجوٗد، یہ کتھ تہٕ چھےٚ یاد تھاوٕنی لایق زِ اظہارکس

بُراقَس پیٹھ کھسِتھ چھُ اَکِس مَرحلَس پیٹھ ناٛدِم پتہٕ صِرف آوازَن پَنٕنہِ واتناوِنُک وَسیلہٕ بَنان۔ زَن تہٕ سینٹا رُک تَنہٕ نا۔ لِیُس لفظَن ہیوٚر کھسِتھ جود وُزناوان چھُ۔ ناٛدِم سٕنٛدِس کلامَس مَنٛز چھِ یِژہٕ آوازٕ جانا وارَن ہُنٛزٕ تہٕ تہٕ سازَن ہُنٛزٕ تہٕ۔ یِیٚتہِ لفظ ژھوکان چھِ۔ چھُرا آوازٕ چھُ اِظہارُک سہٕ کرٕ یِچھِر شوٚنیراوان یِتھ کُن یہِ شار اِشارٕ کَران چھُ۔ ع

اگر یکسرِ موے برتر پَرم
فروغِ تجلی لبوزد پَرم

یِمہِ آوازٕ چھِ سارِنٕے کلامَس مَنٛز چھِکرِتھ۔ مگر آکاشہِ گنٛگہٕ ہِنٛزہِ زِدوان تہٕ سیاق وسباق لِنشہِ کَڈِتھ بےمعنی گژھان۔

دینا ناتھ ناٛدِم سٕنٛدِس تخلیقی ذیٚہنَس روٗز ہمیشہِ پرہٕ بلتھنٛچ تہٕ بہتر بَنٕنٛچ ترٛاے۔ یِیلہِ ترقی پسندی ہُنٛد خُمار وارٕ وارٕ پھیٹان گو تہٕ ۱۹۵۶ء مَنٛز جوزف سٹالین ہِنٛزِ شخص نُمائی ہُنٛد پوٗتل ٹوٗکہٕ سوٗر گژھِتھ پیوٚ۔ سانٛین شاعرَن زَن آو نظرَن ٹھوٗر کاسنہٕ تہٕ وارِیاہ بَرم پھٹی۔ سانٛی اَدبَن دیُت بیاکھ اَکھ معنی خیز تہٕ پُراز اِمکان لَرِ پھیٖر۔ رحمان راٛہی یَن ہیٚتھ پَنٕنیٚن نظمَن تہٕ اَمِہِن کاٛملَن پَنٕنیٚن غزلَن مَنٛز اَکِہ نوِ شعری مِزازٕچ آڈرَن تیار کَرٕنۍ۔ ناٛدِم صاٛبنۍ ذیٚہنَن تہٕ دِتُر ڈال تہٕ اَمہِ پتہٕ دِژاَیہِ نابَد تہٕ ٹیٚھٹہٕ وَن ہِش نَظمہٕ تخلیق چھِ اَمہِ نارٕ کوٗنٛدِ مَنٛزٕ۔ تِمی کوٚر نہٕ راٛہی تہٕ کاٛملہٕ سٕنٛدی پاٹھی زٕ ہِنٛھی اعلانیہٕ وَرق پھِرنُک اعلان مگر تُہنٛدِ فنُک اَنٛہ پوٚٹ رُود اَتھ دورَس تہٕ اَمہِ حسابہٕ کوٚم کَران زِہَر گاہے گنٛوہی مہٕ ضدی ہِنٛزٕ دِل آسہٕ ہے تہٕ سہٕ آسہٕ ہے

مرزا غالبؔ سٕنہِ ہیٚکہٕ ہے یکہہ دِتھ وٕنِفہٕ۔ ع

دیکھیں اس سہرے سے بڑھ کر کوئی کہدے سہرا

"نابد تہٕ ٹیٹھ وَن" چھ پننہٕ علامتی رٔنگہٕ، بٔنے شوٗنگی لہجہٕ، شوخ
گفتاری، حیاتی لُطف تہٕ تیتہٕ جنسی جذبہٕ عرتی تبقہٕ کٔنی وٕہان، زِ کاشرس
ادبس منز چھِپنہٕ رحمان ڈارنہٕ شش رٔنگہٕ علاوٕ امہٕ تھزرٕچ تہٕ نوعیتچ
کانٛہہ نظم دٕ دیتھ یِوان۔ بوزٕدِے تہٕ "شش رٔنگ" تہٕ "نابد تہٕ ٹیٹھ وٕنس"
منز چھ اکھ تیتھ باطنی واٹھ تہٕ رمزی ہشر زِیم چھ اکے گوڈ کِ زِ پیوٚند
باسان۔ اکھ گولٲبی تہٕ بیاکھ تمہٕ کھوتہٕ ژوٚزے یُہن ناروتار ییٚمیٚک
آفاقی اسطور اتھ سٕہ وِہراو عطا کران چھ یتھ منز انسانی تھزیبکی
کِنتی وِہی ژِستھ آمتی چھ۔ یہ وَنٕہ نس تہٕ چھِپنہٕ ہرج زِ نادِم چھ ازکلکین
شاعرن منز شاید امہٕ رٔنگہٕ۔ تہٕ لطیف جنسی تڑایہٕ تہٕ تہند بے باک
بیان چھ ساہن مُکہٕ باتن ہُند منہٕ شوژر تہٕ سنسکرت شاعری ہُند
"شرنگار رس" یاد پاوان یتھ منز، کانٛہہ مریض وٕٹھ موجود چھپنہٕ۔
"نابد تہٕ ٹیٹھ وَنِچ" گرمئے ذرا زیا دِ تلاٗفی ییٚمیٚک مطلب ہرگز
یہ چھپنہٕ زِ تسنٕز امہٕ دورچہ بلتئے نظمہ چھپنہٕ اکھ ارتقاٗپی کیفیت تہٕ
عصری حیثیت تھاوان۔ تسندی "حاری ناتھ" چھ ہیتی بلحاظِ ساتہٕ واکھ
ہشہٕ ذٕذ صنفہٕ ہُند نوٚد وَردن مگر یمن آہن ٹاکین منز لیس تس برٕنہٕ
آمت چھ اُسہٕ چھ اٗزٕنیک شمپین CHAMPAGNE یمن حاری ناتن چھ
نریلوکی ناتھ ریٚنہٕ INCIDENT وَنان۔ مگر مٔئے چھ باسان زِ اتھ ترجمس

مَنٛز چھِنہٕ نادمہٕ پسند تجزٕ یچ وٕر تہٕ دَل لِوان تہٕ نَوۍ ماگُڑھ یِمن

— EPISODES وَنُن زٮٛاد ضٕچھ۔ یہٕ کَتھ وُڑھ مُنٛزٕ۔ باوُن چھُ یہ زِ

یہٕ چھُ شعرکہٕ تمہٕ اعجازُک کاتشٕر موکھ یتھ کُن اِشارٕ کران غالبن وۄن چھُ

لیلئ معنی اسد محملِ نشین راز ہے

یمن حالَن تَتَن مَنٛز چھُ نادمَن فارمک تشدد تہٕ تکلّف زوٗمُت۔

تہٕ اکہِ خود آگاہ بےٚ ترتیبی سیتۍ تجرد تصویرن (ABSTRACT PAINTINGS)

ہُنٛز کیفیت وۄتلاوہٕ۔ حالاتَن ہُنٛز زبان چھ تازٕکار تہٕ ساوٕ دِ ولر۔

یمن ہنٛدی پیکر تہٕ تصویر چھ مُشاہدٕچہٕ ذہانتہٕ تہٕ زاوی جایہ کٕ آیینہٕ دار۔

مگر یمَن ہُنٛد کولاج COLLAGE چھُ اکھ تیتھ فضا پاد کران زِ تشریح

یا تفسیرٕچ کانہہ کوشش کرِ یمَن ہُنٛد شبنمی حُسن ختم۔ اَوے ہیکن یِم

تدریسی تنقیدٕچ ستم گری تہٕ زالِتھ۔ یمن مَنٛز تہٕ چھ نادمنہٕ لفظٕ

وُتریک کمال نظرٕ گژھان مگر تتھ چھ اکھ نوٚ تہذیب تہٕ ترتیب پادٕ گومُت۔

گوڈٕ اُکس یہٕ لفظَن ہُنٛز دمبالہٕ۔ ووزٕ چھ یہ تہنٛد کتھک رقص۔

یِم فن پارٕ چھ یِمن وَالِس سیوٚد اُچھَن مَنٛز اُچھ تراوان۔ پتہٕ

چھُس یٚمُن توفیق تہٕ تمیز زِ پکاسوہنٛدِ تصویرکی پاٹھی کُس مانہٕ تراوِ

اَتھ۔ شاید چھُ مانہٕ لفظ اَتھ جایہ وَرتاوُن بےمحل۔ یِم چھِنہٕ معنیس آویزٕ۔

یِم چھ فضا، کیفیت تہٕ ارتعاشس وُزناوان تہٕ ذہنس زول کران۔

سوے ناغنی کشمیری سُنٛز وَنی ہُز کتھ چھ

شعر خوب معنیٔ نہ دارد

یوہے چیز چھُ یمَن میر غلام رسول نازکی سٕنٛزن بصورتِ دیگر مارٕ منٛزن رُباعین تہٕ قطعن لِشہِ ذانتھ بدوٗن کَڈان۔ بِستمِ ظریفی چھِ یہِ زِ ڈاکٹر حامدی کاشمیری ہیوٚ بیدار مغز نقاد چھُ یمہٕ سارے کتھہٕ زانتھ تہٕ لیکھان۔ "یہِ چھُ پوٗز زِ دیناناتھ نادِم تہٕ چھُ نوٚ ادبی آگہی ہِنٛدِس تناظرس منٛز پرٛدن باسان۔" کینہہ فن پارٕ چھ تِتھی آسان یمَن فیشن کِس غارٕ معتبر تہٕ ڈُلہِ وِنِس فتوٲی ہَس لِشہِ پناہ گژھہ دِنہٕ یِن۔ یِم چھ کلاسیک تہٕ یمَن مُتعلِق چھُ اِقبال سٕنٛدِ یہِ مصرع یاد پیوان ؏

حدیثِ کم نظری قصۂ قدیم و جدید

نادِم ہرگاہ اَسہِ منٛز چھُ مگر یِم فن پارٕ چھ بڑٕ دِنہِ نۆو کلاسیک بنٕنے متی۔ یِم مانوٗس تہٕ پامال پرٛزرن ہنٛز وگ ژٕھٹِتھہِ اکہِ نوٚ شاعرانہٕ پرٛزرِکی پیکر وِتلاوان چھ یعنی سۄ ے باشش ییٚمیُک ذِکر فِٹز جیرالڈ خیام سٕنٛدِس ترجمَن منٛز یِتھہٕ کٔنی کران چھُ۔

O' LONE COULD THOU AND I

WITH FATE CONSPIRE

TO CHANGE THIS SORRY STATE OF
THINGS ENTIRE

AND BRING IT NEARER TO THE
HEARTS DESIRE

یا بقولِ اقبال ؏

صد جہاں مے روید از کشتِ خیالِ ما چو گُل
یک جہاں و آں ہم از خونِ تمنّا ساختی

حاری ثانن ہنر مانوس مفامیت چھ یمن سہ چیز عطا کران یتھ پاسہ آفاقیت ونو۔ حالانکہ یتہ چھ پزر زہر گاہ یمن ترجمہ کرو۔ یہ ہنر پیکر تراشی بیس زبانی منز منتقل گژھنہ باوجود روزِ نہ یمن منز ناد مہتہ شاندار کاشر ٹیک شریہہ زیہہ تہ زیہہ موجود۔ ع

آنہ کھنڈا اکھ اڈ گر مڈ گر

ژھوٹہ ڈیرس پیٹھ تراوان گاہ

گاواہ اکھ ترٛچ مدیاہ گرلس

ہونیاہ اکھ ترٛچ دیتنس ماہ

مژ اکہ تژ تھوزچہ ترپیشرتھ

امہ اور کمو وچھ کُس ونہ کیاہ؟

نادم چھ کاشرس منز اکھ نو دیومالا دوتلاونک ذمہ دار۔ یہ نہ زِ ہندو دیومالا اُس نہ کاشرس منز۔ للہ دید پیٹھے اوسن یہ نظارہ مژرن ہیتو مت۔ پتہ کور اتھ پرمانند رہ یہ بھوانی، کرشنہ رازدان تہ پرکاش رام ہوہو شاعرو واریاہ برژر۔ مگر یمن نشہ چھ دیومالا دھارمک تہ اعتقادی ٹکرلین اندی اندی دائرآوتھ۔ نادمن نیہ ہندو دیو مالا، تواریخ کشمیر سانہو لکہ کتھو تہ لکہ اعتقادو منز کردار تہ علامژ تہ تمن کورن سہ فنی ورتاو زِ تم بنے یہ اکہ کاشرِ تہذیبی فضاہکی (ETHOS) علمبردار تہ تفسیر کار۔ تہنہ اوپیرا" وِتستا" چھ اکھ کاشر اسطور بناونچ کوشش، نادمن نیہ سانہو رواتو تہ تاریخہ، اختہ جغرافیہ نشہِ

اِشارٕ تہٕ آکار تہٕ پتہٕ دِیتنکھ اَکھ نۆو ترتیب تِمہٕ آیہٕ زِ تِم چھ کأشرٕ ٹیک وۆجوٗدُک نیب دِوان۔ بۆمبُر تہٕ ییٚمبرزٕل او پیراہس مَنٛز چھ سمبل مُقامی تہٕ لۆکہٕ رَسہٕ کِہ اَنہارٕ۔ مگر تِمن مَنٛز چھ نادِم مارکسی لانژس اَلوَنٛد۔ اَلبتہٕ تَیسنٛز زیٹھ نظم شُہلی کُل ؏

چھ بُرگ بُرگ اُشتقہٕ رَسی لتگن لگن شمار کیا
دُبھرٕ دُبھر چھ تازٕ دَم پیٚترٕ سدا بہار کیا
سَبز سَبز چھ نور ہیوٚہ
یہ سونتہٕ کے سرور ہیوٚہ
شگتھ یہ سورگہٕ وۆلمُت چھُ دِوتہِو چِنار کیا
شُہلی کُلیک بہار کیا

چھُ بیٚنہٕ کأشرِس قومِیتس وَتِش دِوان۔ مۆے چھ پانہٕ نادِمَن وۆنمُت زِ تِمی چھُ یہِ شیخ محمد عبداللہ لِس توارِیخی رولس مُتلق لیٚوکھمُت تہٕ ہرگاہ یہِ کتھ اَڈکہٕ طرف تہٕ ترٲوِو توتہٕ چھُ اَتھ مَنٛز کأشرِ سنٛدِ وۆجوٗد تہٕ اِنفرادی شخصیٚژ ہُنٛد خوشبو یِوان۔ اَتھ سِلسِلس مَنٛز چھ تَیسنٛزِ نظمہٕ "نُنٛدٕ رٟیشی" تہٕ "ہے دٟیدی کُل دٟیدی" خاص اہمیتھ تھاوان۔ تِمَن نِہنٛدٕ یِی نِشانَن ہُنٛد بیٚمہٕ لولہٕ تہٕ تکرار سان شُہ وَکھنے کَران چھُ۔ تِمہٕ تَلہٕ چھُ شناختُک IDENTITY اَکھ واضح تصوّر دِوہ پدان۔

نُنٛدٕ رٟیشِن نظمُک یہِ بَنٛد وُچھو۔ ؏

کأشرِ زیٚوِ کأشُر حِصٕ ہاوس
چانی ناوُک دِوہ شُوٗنی بوش
نُنتہٕ شَہرٕ یہٕ ہن کرنام صحراوس

## ہارێشہ لاگےٚ ناوٕس پوش

یہ کُس صُحراو چُھ یُس کاشرِ ن نیٚنگلاوٕنہٕ خاطرٕ پنُن اِجارٕ اٚس وٕہراوِتھ چُھ؟ تٕمیچ کیٚنژہ باوٕتھ چھِ "چاٚرنس پیہرس نکھہٕ" ہِش نظمن مٔنز یا "ہٕے دیٚدی لٔل دیٚد" مٔنزٕ یِنہٕ لٔس قلاے۔ گنڈٕتھ وٕطنس چُھ ناٚدِم وِزٕ وِزٕ لول برٛان تہٕ ہر وِزِ نٔوی نقش تہٕ نٔوی نغمہٕ دوٕتلاوان۔ مہجورٕ سٕنزٕ "گلشن وٕطن چُھ سونُے" ہِنزٕ لَے تہٕ تٕمُیک مُژ چُھ ناٚدِم سٕنزٕ "سون وٕطن" نظمہٕ نِشہٕ پتھ گژھان۔ ع

میٚون وٕطن جامِوار ہیوٚہ

اٚوٚنگجہ پٔژٕ نِتھ یشرِنہٕ گرٛیکوڈٕو یہِ تٔل گلزار ہیوٚہ

ریشِمُک شُہجار ہیوٚہ۔ توسہٕ اٚنزٕلدار ہیوٚہ

ڈٔوٚنی ہیچہٕ ییٚٹھ توٕرکٕ چھانَن کھوٚنمُت، چُھ گلزار ہیوٚہ

آسُنک اٚمار ہیوٚہ

کاشرِ آسُنک تیٚتھ شدید احساس چُھ سانیو شاعرو مٔنزٕ مہجورَس پتہٕ ناٚدمَس نِشے لَبنہٕ یِوان۔ یہِ چُھنہٕ کانٛہہ میکانکی عمل۔ بٔلکہٕ اَکھ بٔنیِ پھٕژُک جذبہٕ ییٚمیُک آگُر تٕسنٛد باگہٕ بٔری تہٕ شعری ووٚجوٗدکین سٕنین مولَن مٔنز چُھ۔

کٔتن کھوٚنمُت بوٚن تَل یاتال!

یَش ژوٚٹمُت ہٕیرکِنی مارٕتھ ژھال

ییٚسلہٕ ییٚسلہٕ ناٚدِم سٕندِ ن کٔتن چُھ کٔشیرٕ ہِنٛد ناد گژھان تَس چھ

ہرِ ہندِ ساز یِنے ژھالہِ مِشان ۔ یِتھہِ کنی علامہ اقبالس کشیرِ ژہتس پیٹھہِ وِزِ مردِ مؤمن گِسند ' ہر ملک ملکِ ما است " مِشان اوس تہٕ سہ اوس وَنان ع

عرشس وکشمیر کے اعداد برابر نکلے !
بِل کے دنیا میں رہو مثلِ حروفِ کشمیر

---

جس خاک کے ضمیر میں ہو آتشِ چنار
ممکن نہیں کہ سرد ہو وہ خاکِ ارجمند

تِتھے کنی چھہ نادِمس تہٕ وَطن بالہِ یار ژھارنہِ وِزِ وِشال سوشلسٹ دُنیا ذیہنہٕ مَنزٕ نیران ۔ سہ چھہ اکِس شوقل شُری سِندی پاٹھو وِلسنس لوان ، ماجہِ کشیرِ ہِنزِ پوٗزِ لوٗنچہِ تل اژان تہٕ یِتھی لغمہِ گلان ۔ ع

اَسہِ وَطن رُت گام ہیوٗہ
تَھل رُونہٕ زَن بونہٕ شہلس گزلسی تس آرام ہیوٗہ
ڈل دہس پیٹھہ شام ہیوٗہ
آدنک بادام ہیوٗہ
ترٛیلہِ ہیتھ یِژ کالی دوٗ تھمت گامہ پیٹھہِ زَن مام ہیوٗہ

اقبال لنی تہٕ نادِمنی یہِ شُری گنڈہِ باشہِ چھہ اکے کانچ تہٕ اتھ چھہ جوازِ اقبالنی یہِ شار مہیا کران ع

زندگی کی اوجِ گاہوں سے اُتر آتے ہیں ہم صحبتِ مادر میں طفلِ سادہ رہ جاتے ہیں ہم

اَتھ سِلسِلس مَنز چھُ تَسُند یہِ حُزن آمیز بیان قابِلِ ذکر یُس

سَنہٕ ۴۷ پتہٕ واریاہَس کال لیکھنہٕ آمُت چھُ کِہ ع

یہِ چھُ سون وطن نُنۍ بون وطن

دُنہِ دَگہٕ زَدِ پیتیاه اوش ہاران — دُنہِ دروٗپدی ساٗنی شۍترس پژاران

دُنہِ شاہ تھوکُمت اُتھ اُمارن — وولہِ لیکھو اُتھ میثون وَطن

یہِ چھُ سون وطن یہِ چھُ سون وطن

ساٗنین شاعرن پرکھاوُنک اَتھ سروٗد میزان چھُ غزل اَمہِ نوٗزُک مزاج تہٕ لطیف صِنفُک دأیرٕ چھُنہٕ زیادٕ ووٹہٕ ژھانٹہٕ تہٕ ژھل باٗزی ہُنٛد اجازت دِوان۔ مگر تیوُت گۆڈ چھُ اُتھی مَنز سرساٗدی جذبن ہٕنز تازگی تہٕ گرٕ کچ تہٕ ساز چ یادگی رَتھ کھسان۔ کأشرِس مَنز چھُ رسول میرس ہیوٗہ غزل گو تہٕ ووتھمُت۔ مہجوٗرن تہٕ دِیُت اَتھ نوٗد بُتھ۔ پانہٕ ناد منٛلین ہم عصرن منز کوٚر اَہٕلین کاملن غزل تِمہٕ کامیاٗبی سان استیمال زٕ تِمۍ بنوو، اَمہٕ کہٕ برکتہٕ کأشرِ شاعری مَنز پٕنٛنٕ تقدیر۔ نادمنہِ غزل چھُنہٕ کاٗملنٕ پاٹھی بُنیادی اِنحراف کران۔ مگر اَتھ مَنز چھُ سو پہختہٕ کاری، سنبر تہٕ نوٚہر زِیہٕ چھُ دلوأیِک تسلسُل آسنہٕ باوجوٗد اَمیُک ہیرِتھ یِود باسان۔ یِمَن چھُ تِسٕنزے کَتھ لوٚ ہٕنز پیٚتی نے پَژٕ ہُنٛد دوٚنُن"۔ تِسٕنز ووستاڈِل چھُ یہِ زِ اَتھ صِنفس تژہر نادنہٕ وَرأے چھُ تُس اَمہِ کِہِن موضوٗعن، مفہوٗمن تہٕ بحرن نوٚو تجربو سِلتی اَمرٕ ہ بران۔ یمن غزلن مَنز چھُ سو کیفیت زِ یم چھُ پرینہٕ

نوِ نظرِ سئتی بیٚیہ نوٗان تہٕ آیَنٛدٕ تہٕ روزن سوخُن شِناسن ترٛلِش ہوٚمراوان۔

شعر۔ کھسہٕ وُن ہسری یہ تہٕ رامُن رلج
وَسہٕ وُن ہسری یہ تہٕ راوُن ووٚد
پاں ژادرٕ گییہ اَسی اُسی نیل !
تَس نہٕ خبَر کمؠ کوتاہ ووٚد

---

نیٚترن منٛز یائِترن پیٹھ — اوٚش گوٗ شبنمہٕ کھوتہٕ اُوٚتُل
سوتہٕ ہَوا وچھلیٖومُت شُرُ — خوٚش بوٗیہ ہیٚنہٕ یتہٕ یتہٕ ماگوٗ

---

رشے ووٚزلیومُت گوٗلابَس — نارٕ جم جم کیٛاہ وَنے
حَبہٕ خوتُن دژایہ آبَس — پادشاہم کیٛاہ وَنے

نادِم سُنٛد جس مزاج تہٕ طنز کرنُک انداز تہٕ چھُ پنُن خاص شان تھاوان۔ یہ چھُ غزلَن تہٕ نظمَن منٛز جایہ جایہ نزتان تہٕ وار یاہَن شایَن چھُ نظمَن ہنٛز نظمہٕ مثالَن ردی کاغذ، اخبارٕ کِشٕدِ سِتم ظریفی ہُنٛد آنہٕ ہاوان۔

نادِم چھُ کاشُر شاعری ہُنٛد بوٚ سارِوٕے کھوتہٕ تھدٕ بوٚ تھنٛگ منٛز تہٕ مٕنے چھُتہٕ کاتھہٕ شک زٕ یِنہٕ والین دورَن منٛز یِیہ تِسٛند نادِل دید، محمود گامی تہٕ مہجور ہوٚن تاریٖخ سازن سٟتی ہیٚنہٕ۔ سُہ چھُ وُنیُک تام کَس دَمَس تام یِنہٕ زمانُک سارِوٕے کھوتہٕ قداوار شاعر۔ تمی یتھ تہٕ شاعرٕ نادٕ پنُن اَتھ ڈول سوہ کرن سوہ نہٕ ساوی۔ تمی سُنٛد نعت تہٕ منقبت

تام چھ تٔمِسندِ اَندرِمہِ دَرٕ دَرٕ سٕتی نٔبہٕ نٔبہٕ کَران حُسین علیہ السلام مُتلِق وُچھتو یہ مِصرعہٕ۔ ع

یِم چھوکھ چھٕنہٕ چھوکھ یہ چھُہ سوٗنتھ اَسان
اَمرِتنہٕ شُدرس کھٕتی پوشِہ بُبَر

ہَرگاہ تٔمسُند مَرتبہٕ تہٕ مقام چھُہ بڑٕ وٕتھٕہے نِنیوٗمُت تہٕ پژٕ زلیوٗمُت تٔمسُندِ حقیقی دِنیچ ماہیت بَدٕ کَڈٕنٕس مَنٛز اَمِس اَکھ اَہَم وٕژھِنے۔ تٔمسُند کلام اوس تہٕ اَکِسے جایہٕ سُمبِتھ دَستیاب۔ یہ کَتھ چھَنہٕ صِرف تٔمسٕندی یوت خاطرٕ اَہَم بَلکہٕ کاشرِ اَدبہٕ خاطرٕ تہٕ فرٕژٕ زِ تٔمسُنٛز شاہٕ سوٗمبرٕن چھُہ دوہٕ زٕ شایع سپدان۔ مےٚ چھُہ یقین زِ اَمہٕ سٕتی ہُرِ سانِس اَدبَس تہٕ قَدٕ تہٕ تٔمسندِ دِتکہٕ وارِیاہ جہت تہٕ پاس گژھن روشُن۔ نادِم چھُہ ہَر رَنگہٕ بوٚڈ تٔمسُند کلامہٕ تہٕ چھُہ وارِیاہ۔ اَمیُک بیشتَر حِصہٕ ہَرگا یتھ سوٗمبرٕنِ مَنٛز چھُہ یکہٕ وٕٹہٕ کرنہٕ آمُت۔ مگر توتہٕ چھُہ وارِیاہ کلامہٕ یُنہٕ چھکرِتھے۔ اَمہٕ عَلاوٕ چھُہ تٔمسٕندِ اوپیرٕن مَنٛز فَقَط "وِتستا" اِکادمی شایع کوٗرمُت۔ تمِ چھِہ اوٚڈ دَرجَن زیٛادٕ اوپیرا لیکھمٕتی تہٕ یِم تہٕ گژھن جلد چھپنی۔ یِیٚلہِ یہ سوٗرُے سَرمایہٕ شایع گژھہِ۔ کاشرِ زبانہِ دوہٕ گٔنٕن شانہٕ تہٕ نادِم سُند مُقام مُشخص کرنَس مَنٛز گژھہِ آسٲنی۔ مگر یہ کیا کَمہ شیامٕنہٕ چھہ زِ یوٗت کلامہٕ چھُہ گوڈٕ رِنٛچہِ لیٚٹھ اَسہِ بڑٕ دٕنہِ کَنہِ۔ یِیٚمہِ خاطرٕ اَسی دٔری بَدٕ پیٹھٕ کرٕلیشان تہٕ توشان آسی۔

نادِمَس اوس یُنہٕ نِس دوٚرس مَنٛز زیٛٹھ ہیوٗ ہَم کال اَحد زرگر۔ اَحد زرگر سُند شعری مَرتبہٕ ہَرگا وُنہٕ پوٗرٕ پاٹھی آنٛکہٕ ناوُنہٕ تہٕ وٕژھٕ ناوُنہٕ آمُت چھُنہٕ

مگر اَتھ چھُنہٕ شک زِ لُکھنٕد شمار چھُ سانہٕ اَدبہٕ کین تھدین تیشتالین منز تمی سِنٛدِس شاعری منز چھُ پَنٕز شاعرانہٕ بجرُچھ نٔزُر پٔرزلان۔ یُس شاعرِیُس اَکھ تخلیقی ناگہٕ رادٕ چھُ تہٕ تُھنٕد یہ وَنُن حق تہٕ پوز چھُ۔ ع

پُرحُباب مینٛوٕنۍ عشقہٕ دٔریاو     ہا نگینین منز رٕچھنہٕ آو

دُر بٔنیتھ جُلوٕ دِوان۔ ژاو     سازٕ و سامانَس اَنٛدر

مگر یُس اوس کاشرِس منز اَکہٕ کاشرِ تہٕ مالامال رِوایژ ہُنٛد اُنٛدرتھ۔ تمی دیُت اَمہٕ رِوایتہٕ کِس سَنٛرَس دام تہٕ اَمیُک سوۄرُے مُل مایہ اۆنُن پَننہٕ شاعری منز۔ ناٲدِم چھُ پٔکھیچ پارے ہیتھ یِوان تہٕ یۆسہٕ رِوایتھٕکۍ تلو تیوٗ لنگل تہٕ نارہٕش" شروع کٔر۔ سون ییٚنہٕ کال کرِ تُھقی لوٕلہٕ مَتہٕ لاے۔

یُہ چھُس ناٲدِم صابُن سۄٹھاہ ممنوٗن زِ تمو دیُت مےٚ یتھ مجموعس سَرنامہٕ لیکھنُک عزتھ۔ یہ اُس نہٕ ڈیٹھ کھتاہ بلکہٕ لل دیدِ ہِنٛزِ کتھ "ہرمو کھ کوٗثر اَکھ سُم سَرِس" اَکھ دیُن، نتہٕ لوٕکہٕ واوٕرُن"۔ یہ اوسُس نہٕ یہ تابَد بور تُلنَس لایق مگر تِہنٛدِس شفقتَس کیا کَرٕ ہا۔ ع

یہ چیز وہ ہے جو پتھر کو بھی گداز کرے

محمد یوسف ٹینگ

جواہر نگر

۵، اکتوبر ۱۹۸۴ء

# آگرٕنیب

زَگتھٕ زَنٕنی کھوٲنی مٲج پَنٕنی
دِمَے مٮ۪ٹھو پادٕنے ماتا نمستے
ہُلَم بٔری بٔری چھےٚ مو کھٕتکو وادِ مالَن
تھوان پھری پھری چھےٚ یِم چانٕن گلالَن
وُزان چھُے ناگہٕ راژن پوژ کوتاہ
سلِندَن آرَن کولَن دوہٕ دوژ کوتاہ
ژٔے کمٕو وٚونٕنَے ژٕچھاکھ بےکس تہٕ بےلس !
ژٔے کمٕو وٚونٕنَے ژٕچھاکھ بٕژرٕہ یا تہٕ تنگ دَس
ژٔے کمٕو وٚونٕنَے چھےٚ بُلبُل چانٕز ہٲرِتھ
بہِتھ وٲرانہٕ نے مٔنٛز کارٕ- مارِتھ
ژٕچھاکھ ہمالیچ زٕٹھ ٹاٹھہِ ہش کوٚر
تَوَے چھُ نوٗرٕ آ بوشُن ژٔے بَرپوٗر
دَلیَس آو نیٚنٛدرِ مٔنٛز سوٚپنا مَس مٔنٛز
وُچھِن اکھ اُلیسرا نِشہٕ بوٗد وٗنَس مٔنٛز

یہ ڈلپشتھ آو اُسن تَس دڑایہ وُزَل
سَنگر مالَن کھٹِتھ رۄز ژھایہِ تَل تَل
یِہَے وُزَل تِہنٛدِ موکھ یام دڑایے
بَنتھ کشیپر دیوی پانہٕ —— آیے

یم شار چھ تمہٕ گوڈٕنچہ نَظمہِ مَنٛز یوسہٕ مےٚ ۱۹۴۸ءَ مَنٛز لیچھ یہِ۔ اَتھ چھُ سنسکرت آمیز کأشُر، مگر یم چھ کینٛہہ شار۔ یم چھپے یہِ پرتاپ میگزینس مَنٛز تمی وَری یہِ، انٹرنیشنل فونٹِک خطَس مَنٛز تہٕ اَتھ اوس چھپاوَن وول شری کنٹھ توشہ خأنی۔ اَتھ اوس اَخرس پیٹھ، ماتزٕ بھکت، تخلص وَرتاونہٕ آمُت اَمہِ کِنی زِ بہٕ اوسُس تمَن دوہَن اُردوٗ شأیری کران۔ کأشُر لیکھنَس مَنٛد چھان مگر مےٚ توٚر تمی وَقتہٕ فکرِ زِ میأنی اُردوٗ شأیری رِیہ نہٕ کُنہ واتھ۔ بلکہ یہِ بہٕ پَننہِ ماجہ زیوٚ مَنٛز وَنہ سے چھُ یقینَن اَکھ بوٚڈ سرمایہ۔ خبر مےٚ کیازِ گو نہٕ ۱۹۴۱ءَ پتہٕ تام اَتھ شأیری کُن رَغبتھ۔ شاید اَوِ کِنی زِ بہٕ گوس بیمار۔ پتہٕ آو ۱۹۴۶ءَ مَنٛز اَکِہ دوہہ عأرِف صأب میٖون گرٕ۔ تمی اوس نشاط مُشأیرٕ تھوٚومُت، نشاط اوس تمَن دوہَن میونسپل حدٕ نیبر۔ تمی تھوو اَتہِ مُشأیرٕ زِ خبر چھا کُس شأیر کیا وَنہٕ۔ بہٕ توٚرُس نیم بیمارے تور۔ عأرف صأب اوس مےٚ ہم جمأتی۔ سُہ گو سبٹھا حأران ییٚلہِ تمی بہٕ کأشرِ پأٹھی لیکھان وُچھنس ؎

مُژراوی بُرٕ تے دارِ وٕنیسی، سونتھ ہے سالہٕ آو
گُلُ لالہٕ سوٚمبلَن سیتی ہتی، کأنی کالہٕ ہے آو

پھوٚج ٹیکہٕ بٹنی سبنٛد بٹھین ماے براٗنی
تَس نیٚندرِ ہتین ژھایہ گتین آیہ جواٗنی
یُس لالہٕ کھٹِتھ اوس ژٹِھ جامہٕ سہ نوٗن دراو
مُژراوی بُرِ تَے دارِ وٚنیسی، سونٛتھہ ہے سالہٕ آو
گُلاب کھرِ لو خابہٕ مَشترَے آب چھُ چومُت
بیتاب جوٗین بنگرِ نرین چھوٗنی چھُ ہُرلومُت
خُمارٕ ہتین پوشہٕ کھتین وُچھتہٕ کوتاہ چاو
مُژراوی بُرِ تَے دارِ وٚنیسی سونٛتھہ ہے سالہٕ آو
تمی آسہ ژُومژ لولہٕ ہتین کارِ پتین سیتی
یا آسہ شوٗنگمُت میانہٕ دِلہٕ کین نارٕ ہتین سیتی
نتہٕ کیاہ رِ دوٚشلیومُت چھُ بالَن ژھایہ ضحکُ واو
مُژراوی بُرِ تَے دارِ وٚنیسی، سونٛتھہ ہے سالہٕ آو

یہ نظم بیٚلہِ منٛز یوٗرتَتہٕ ووٚتھ گرُز "بیٚنہٕ پرُد، بیٚنہٕ پرُد۔" یہ اوُس دستار پچادِتھ کوٚٹھ ژٹاہ نالی ژھنِتھ، ہنوکھمُت، ضیٖحتہٕ کنی تیوٚت کمزور زِ وَزنُس اُسم شیتھ پونٛڈ وٚکھی ہتی، مگر کیاہ تام اوُسم دِلَس ووُبدُر تلان، یمہٕ نے دوہَن اُس شیخ صابَن 'کویٹ کشمیر' تحریک شوٗرٗ کٔرمژ۔ منٛز اوس جیٖرِ آمُت، دپیوم کانٛہہ وَتہٕ ہاوُکھا گوٗ ژھم ممکن تیٚتھ زِ یہ باوِہَس ہیٚنی داوٗری۔ ۱۹۳۱ ہَس مَنٛز بیٚلہ ذمہٕ دار نظام حکومتہٕ باپتھ جدوجہد سپٕز شوٗرٗ، تتھ جدوجہدس لوٗگ میانہٕ نِے

اُردوٗ شارٕن پیٛٹھ کٔن ـــــ "مزدور کا خواب" "مزدور کی موت" تہٕ
"میرا کشمیر" یِم ترٛےٚ نظم پٔرے یہ مےٚ تِمہٕ نِے جلسن منٛز تہٕ پلسن ہیٚوٚلس
ژٕٹھ۔ مےٚ کٔرے یکھ خانہٕ تلاشی۔ سورُے اُردوٗ کلامہٕ رٔنیو پُلیسن ضبط
کرِتھ۔ تِمہٕ پتےٚ گوس بٕ بیمار، تہٕ تِمہٕ پتہٕ ڈٔلس ۱۹۴۶ء منٛز بیٛنیہ
بٕ مارکس منٛز ژھٹمُت شریپہٕ ہیتھ۔ اَمہٕ پتہٕ چھنہٕ مےٚ خبر ز کیا سپُد۔
اَکھ زبردس انقلاب ووتھ۔ بہ اوسُس تحت الشعورٕکی پاٹھی اُمیٖک
اَکھ اَنگ بنیوٚمُت۔ شیخ صاب آد ترٛاونہٕ۔ مُلکس گیہٕ تانہٕ باگے۔
بٕ اوسُس جیٚلمہٕ، دوٚہُم داندٕ گاڑِ کیتھ نیرہٕ نیبر نگر ووتُس کٔشیر۔
اَتہٕ اوس ژوہ پارِ اَنہٕ گوٚٹ۔ مہراج صاب اوس ژوٚلمُت۔ لوٗکھ اَسی
وَنہٕ پیٛٹھ نار ژالِتھ بِہِتھ ۂچِہ بوٚندوٗق ہیتھ پہرٕ دِوان۔ بٕ ووتُس
راتھ کیٛتُت لال چوٚک تتہٕ کوٚرہَم لوکو گیرٕ۔ شام لال صرافس تہٕ جیالال
کِلمس پیٛیہٕ نظر۔ تِمو پرز نووُس۔ ژٕنی جوراہ دِژہَم ستی تہٕ ووٚتھس گرٕ۔
تَتہٕ اُسی بدلے کمتام روزان۔ بٕ ژاس ہمسایَن ہُند گرٕ۔ ژون دوہَن
ہُند سِری بتہٕ کھیوٚم۔ صُبحَن دوٚکھس چھَن زنانہٕ تہٕ کوٚر ژھاران زٕ تِم
کتہٕ چھہ۔ واتان واتان ووتُس اَمرا کدل۔ پَتہٕ مَنہٕ پرٕژھی توٚکُس
دُگہٕ وونی گو ظاہر ۔۔

ژٕ چھکھ کٔشیر ہُند جوان
تلُن ژٕے چھےٚ آلگ نِشان
ژٕ گٔنڈ ڈکرٕ تہٕ تُل کمند — سِنارٕ سون کر بُلند

کٲشیرِ ہُنٛز ژٕ شان بَن

ژٕ میرِ کاروان بَن

کٲشیرِ پاسبان بَن

ژٕ نارِ چھکہٕ الاوٕ چھکہٕ ژٕ یاوُنک جَلاوٕ چھکہٕ

اگر ژٕ سونٛتہٕ واو چھکہٕ

ژٕ نیر اوٚبرِ ٹلی گٕھٹِنہٕ ژٕ نیر کوہ تہٕ وَن ژٕٹِنہٕ

شہیدنٕے ژٕ شان بَن

ژٕ میرِ کاروان بَن

کٲشیرِ پاسبان بَن

یہٕ اوُسُس یہ نظم ہیتھ وٚتھمُت مُجاہدِ مُنزِل۔ تِمَن دوہَن آسی لوکٕٹی جوان تَتہٕ سٹیج رٕٹِتھ۔ مےٚ زٕچہ مُتس کُس پرٕژٕھ ہے۔ اُنٛھس کیتھ آسُن نظمَس موٗزن موٗزن لگنہٕ سٟتی مێٹ گَژھ۔ اَتہٕ پچھونُس یہٕ یہٕ کانٛسہٕ اُچھو تہٕ کھوٚرٕ چھِسکہٕ ہاوان زٕ یہٕ ہساٮ چھُس سُے۔ پوٚز اَتھ جُبہٕ جوشَس مُشرکُس پَرٕزِناوِہَم۔ اٰخر کوٚر مےٚ جِگرٕ تہٕ ووتُس سٹیجَس نِش۔ اَتہٕ چھُ گُتام سَردار کیاہ تام پُران۔ مےٚ وٚنمکھ "مێتہٕ دِیوِ زٕ منٛٹھ۔ ضِلہٕ صدرِ اوس غلام محی الدین قَرٕ۔ تِمہٕ وُچھ میٚون شوٗنٛڈ تہٕ دوٚپُن نہٕ۔ یہٕ اوُسُس بچور ہیوٗہ۔ اٰخر پێیہٕ بخشی صٲبُس مےٚ پێٹھ نظر۔ دوٚپُنس اَمِن سأ زٕ منٛٹھ دِیُوس۔ شیخ صٲب آو اَمی وَقتہٕ۔ مےٚ دوٚن بخشی صٲبَن ووٚلہٕ پَرٕ۔ پننہٕ لپلا ویلا پرٕکھ۔ مےٚ پوٚز لیوہ یے بأتھ۔ سارِنٕے گوٚ دَم، عقلہٕ بقل

گَیَیکھ۔ ژٕ‏ے مِنٛژ لگی بٲتھ پرٕنَس۔ پَگاہ چھُس بٕہ نیٚندرِ ووتھان زٕسوم ناتھ زِتشی بیٚو وٲتِتھ۔ دوٚپُن اَز چھُ جَلسِہ حَبہٕ کدلہٕ۔ توٚہی یِیو تور مگر بٲتھ ہیٚتھ۔ مٕے دوٚپمَس یہِ بٲتھ چھِنہٕ تَترِ پَتہٕ پرٕن۔ تِمی پرٕ بہ بَدَل بٲتھ ؎

بٕہ بایہِ پَننہِ کیا وَنےٚ
تٕسےٚ گرٛاوٕ کَرنہِ واریاہ
ژٕےٚ گِلہٕ تہٕ چھی کَرٕنی سیٹھا
مگَر مٕےٚ بوٚڈ چھُ تاجب
ژٕےٚ دلوٕ نہٕ کیٚنہہ تہٕ گوٚے پسند — ژھیٚنی ژٕےٚ پرٛانی قاد بنٛد
غولامی ہِنٛدی فریب ـ فَنٛد
اَڈَس تَمے ژٕےٚ بار ی چھا
پَتےَ ژٕےٚ سوٗے بیگاری چھا
بُرِتھ ژٕےٚ اَشکہٕ ٹاری چھا
چھَنا تمِس تہِ ماے چانٛی
آزاد ییٚمی کوٚرُے وَطَن — آباد ییٚمی کوٚرُے چَمَن
چھَنا تمِس تہِ ملے چانٛی
سُہ پھیوٗر پانہٕ جیلہٕ نےٚ
ژٕےٚ ییتھ حقوٗق میلہٕ نےٚ

علیٰ ہٰذالقیاس تَمہِ دوہہٕ پیٹھہٕ گوس بٕہ کٔشیرِ مشہوٗر۔

تہ مٕنۍ لوٗگ نہٕ پتہٕ کُنہٕ وَقتہٕ شاعری تھوٗپ۔ یوسہٕ مٕنۍ پننہٕ
حُبہٕ، محبتہٕ تہٕ مایہٕ سیٖتۍ بڑوٚنٹھہٕ کُنہٕ وُچھ۔ زن مٕنۍ اَمِچہٕ پیٖنٹی ماج،
یوسہٕ کینٛشہٕ وُری بڑوٚنٹھ سوہ گواس اُس گاشر۔ بہٕ آس تہٕ اَکھی کُنہٕ۔
باسیٖوم کُس تام آوُچھ مٕنۍ پانَس کُن لمان۔ تُسے آوُیُس مِیانٛی نَمج
تَمہٕ وِزِہ گینگراوِتھ اُس وَنان سہ

مَنہٕ کۍ مٕنۍ گُلہٕ ٹوُر ژِدرِ ژوٚل
مَتہٕ سوٗتہٕ وَنتَم کونہٕ ۔کھوٚل
کَمہٕ شایہٕ رٕوُدُم ژھایہٕ۔ ہوٚل
کوٗ زانہٕ کُی ہِشنٕر مایہٕ دوٚل
کیاہ تام چھُہ گومُت بُلبُلَن

(سوٗنٛدر دیہ)

یہٕ گینگراوُن چھُہ مٕنۍ اَز تہٕ یاد۔ یہٕ گینگراوُن روزِ مٕنۍ دوہے یاد

دینا ناتھ نادم

جواہر نگر
۲۸۔ اکتوبر ۱۹۸۴ء

# نعرۂ شباب

وۄتھُن چھُم

وۄتھُن چھُم جنگک سازٕ سامانہٕ لاگِتھ

کرُن گژھہ گرٚس پتھ مےٚ پروانہٕ لاگِتھ

تہٕ دیوانہٕ لاگِتھ

پنُن خوٗن دِتھ چھُم وطنَ شولہٕ ناوُن

مےٚ چھُم تازٕ یاوُن

مےٚ چھُم تازٕ یاوُن، مےٚ چھُم تازٕ یاوُن

---

لڑُن چھُم

لڑُن چھُم محاذَن اندر سرحدَن پیٹھ

کھٔیِن خندقَن منٛز، وَتَن وتہٕ پدین پیٹھ

پلَن پیٹھ وتَن پیٹھ

بہٕ قومی سپاہ چھُس، وطن چھُم بچاوُن

مےٚ چھُم تازٕ یاوُن

مےٚ چھُم تازٕ یاوُن، مےٚ چھُم تازٕ یاوُن

ژُلُن چھُم

ژُلُن چھُم، طُفان دُشمنَن لشکرَن مَنز
گژُن چھُم منے گگرایہِ زَن محشرَن مَنز
وَتَن بازرَن مَنز

وۄہ زِلی نعرہٕ دِتھ چھُم جہان الراوان
منے چھُم تازِیاوُن
منے چھُم تازِیاوُن ، منے چھُم تازِیاوُن

---

یکُن چھُم

یکُن چھُم منے جمہورکِہن مشوٗرَن پیٹھ
نظر چھُم منے کشیرکِہن رہبرَن پیٹھ
تہٕ بئیہ کاشرِن پیٹھ
منے دُنیا چھُ ہلہٕ ژارہٕکِن کُن بناوُن
منے چھُم تازِیاوُن
منے چھُم تازِیاوُن، منے چھُم تازِیاوُن

---

پھِرُن چھُم

پھِرُن چھُم منے نوٚو روٗخ جماعتَن سماجَن

اصوٗلن،خیالن رُسومن ، رلہ اجن
بُڈۍن سامراجن
چھُ دۄ گنٛیار کاسِتھ ہِشٕر آزماوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن، مےٚ چھُم تازٕ یاوُن

---

## کرُن چھُم

کرُن چھُم مےٚ پیدا نۆوُے اَکھ جہاناہ
نۆوُے آدما نۆ زٔمین آسمانا
نۆوُے نۆو زمانا
نۆوُے سوٚنت ہَرداہ نۆوُے ہارشِراوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن ، مےٚ چھُم تازٕ یاوُن

---

## اُنُن چھُم

اُنُن چھُم بُلبُلن مارکن محفلن منٛز
مےٚ چمکُن چھُ اَلبانٛی ہیتھ وُزملن منٛز
نبس بیٹھ دِلن منٛز

چھِ آسَن نَہ آسَن ہٹاوُن مِٹاوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن، مےٚ چھُم تازٕ یاوُن

---

لیکھُن چھُم
لیکھُن چھُم مےٚ تقدیرٕ نوٚو مُفلِسَن ہُنٛد
یتیمَن، کٕلِہن، عاجزِٕن بےٚ بٔسَن ہُنٛد
موٗنٛدَن بکِیَن ہُنٛد
نٔوٕ نگِتھ قِسمتاہ چھُم یِہُنٛد وُزِ ناوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن ، مےٚ چھُم تازٕ یاوُن

---

بھرُن چھُم
بھرُن چھُم مےٚ نوٚو جوش پرٛانِین ترانَن
کرُن کیاہ مےٚ فرسوٗدٕ رنگِین فسانَن
تہٕ پرٛانِین نِشانَن
مےٚ چھُم لولہٕ مَس عالمَس بٲگراوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن ، مےٚ چھُم تازٕ یاوُن

●

سنہٕ ۱۹۴۷ء

# نعرۂ انقلاب

ژٕ چھکھ کشیرِ ہُنْد جوان تلُن ژٕ ئے چھےٚ اَلگ شان
وُچھان ژٕ ئے کُن چھُ دٕرس جہان
ژٕ گٔنڈ کمَر تہٕ تُل کمَنْد ستارِ سون کر بلنْد
کٔشیرِ ہُنْد ژٕ شان بَن
ژٕ میرِ کاروان بَن
کٔشیرِ پاسبان بَن

(۲)

ژٕ نار چھک الاو چھک ژٕ یاوُنک جلاو چھک
اگر ژٕ سونتہٕ واد چھک
مَہ روز اوٚبرٕ تَل کھٹِتھ ژٕ نیر کوٚہ تہٕ وَن ژٹِتھ
طُفان تُل طُفان بَن
ژٕ میرِ کاروان بَن
کٔشیرِ پاسبان بَن

(۳)

گرٛزک تہٕ آبشار زَن پرٛزرک تہٕ لالہٕ زار زَن

کھنٛیہٕ شفق تہٕ تار زَن

چھےٚ چانٛی گرٛز تہٕ بٔیِیہٕ گرٛدم ژےٚ تازٕ یاوُنک قسم

تُلک پیٛٹھ زبان بَن

ژٕ میٛیر کاروان بَن

کشیٖرِ پاسبان بَن

(۴)

ژےٚ کیا کرٛن چھُ حاصلس مہ پژار ووٚنی ژٕ قافلس

ژٕ نیر برونٛہہٕ مُشکلس

دِ ووٚنی ارادنہٕ جَلوٕ چھُ وٚتھ تہٕ صاف ترٛاو دُو

ژٕ سون زُو تہٕ جان بَن

ژٕ میٛیر کاروان بَن

کشیٖرِ پاسبان بَن

(۵)

مہ روز ووٚنی غمک اسیٖر ژےٚ کیاہ کرٛی تُفنگ تیٖر

ژےٚ راچھ چھےٚ پننی کشیٖر

ژٕ گنٛڈ سلحہ تہٕ زینِ جنگ ژٕ پننہٕ خونٕ جامہٕ رنگ

ٲرتھ ژٕ جاودان بَن
امیرِ کاروان بَن
کٲشیرِ پاسبان بَن

(۶)

وُدُن رُدُن چُھ شبنمٕک اُسُن پھولُن چُھ گُلشنٕک
وَطَن پیٚہ زِندٕ تھاوُنٕک
چُھ اَکھ اُصول کارگر ژٕ سَرَپنُن نِثار کَر
شہیدِ نوجوان بَن
امیرِ کاروان بَن
کٲشیرِ پاسبان بَن

(۱۹۴۷ء)

# گڑاو

ژٕ ے بھایہٕ پننہٕ کیٛاہ وَنَے
ژٕ ے گڑاوٕ کرنہٕ وارِیاہ        وَنِنٕ ژٕ ے کلہٕ تہٕ چھی سیٹھا
مگر مےٚ بوٚڈ چھُ تأجباہ
ژٕ ے دلو نہٕ چھُے یہِ کیٚنہہ پسنٛد        ژھیٚنی ژٕ ے پرٛاُنی قادٕ بنٛد
غولاٗمی ہنٛدی فریبٕ فنٛد        نُمتھ یہِ سرنہٕ گوٚے بُلنٛد
ژٕ ے دلو نہٕ اوے کیٚنہہ پسنٛد
کھوٚتے گُلَن تہٕ چاو ژٕ ے        کھوٚتُے نَبَس تہٕ ناو ژٕ ے
ہُریوے معمل تہٕ بھاو ژٕ ے
ژٕ ے دلو نہٕ چھُے یہِ کیٚنہہ پسنٛد؟
نہٕ دُین خراج و باج چھُے        نہٕ پرٛون سامراج چھُے
پنَن ژٕ ے لوکہٕ راج چھُے!
کَنفاہ وَنَے بہٕ صاف صاف        خطا مگر مےٚ تھوٚی زٕ معاف
اگر بہٕ زیادٕ ڈیوٚٹھ وَنَے        موٚدرٕ وَنَے نہٕ ٹیوٚٹھ وَنَے

ژٕنے چھے نہٕ شرم چھےپہٕ ننگ ژٕنے چھے نہٕ جوش یا اُمنگ
نظر تہٕ ژھوٚٹ دِل تہٕ تنگ
نتےٚ وَنتہٕ ژٕ بے دَرنگ

اَلُس تِمَے ژٕنے باٗرِ چھا؟ یتےٚ ژٕنے سوٗ بیگاٗری چھا؟
برِتھ ژٕنے اَشکرِ ٹاٗری چھا؟
ژٕنے دٕبوٗ نہٕ چھے یہٕ کینٛہہ پَسند

وُچھن ژٕنے کُن چھُ دُنُس جہان زگُتھ چھُ چاٗنی دٔپے کَران
ژٕ توتہٕ واے وٕپے کَران

منے نوٗن چھا چانے چھا تہٕ کینٛہہ تہٕ میاٗنی ماے چھا
چھِنا تمُس تہٕ ماے چاٗنی؟

آزاد ییٚمی کوٚرُے وَطن آباد ییٚمی کوٚرُے چَمَن
چھِنا تمُس تہٕ ملے چاٗنی

دِتیُے ژٕے سوٗکھ تہٕ شادیٚمی تلُی ژٕنے دوٗکھ تہٕ داٗدی ییٚمی
چھِنا تمُس تہٕ ملے چاٗنی

سُہ کھیوٚر پانہٕ جیلہٕ نے ژٕنے یتھ حقوٗق میلہٕ نے
چھِنا تمُس تہٕ ملے چاٗنی

نہ کَس مَنٛدٕس اَنٛن ژٕنے زٕوٗ ارادنے دٔیتِن جلوٗ
ژٕ توتہٕ واے وٕپے کَران

"مئے نوٗن چھامئے چلے چھا          تہٕ کاٗنسہِ میاٗنی مارے چھا"

نَساٗ تِمَن چھپٔے ملے چاٗنی

ژٕلی یِمو تھرہٕ ژٕے پوش          یِمَن چھُ لوٗٹ مار روش

نَسائٕ تِمَن چھپٔے ملے چاٗنی

یِمو گُلَن وُڈٕاو خاک          یِہُند عَمَل چھُ شرمناک

نَسائٕ تِمَن چھپٔے ملے چاٗنی

یِمو ژٕے گرٕ تہٕ بار زاٗلی          یِمو ژٕے شُری تہٕ باٗژ گاٗلی

نَسائٕ تِمَن چھپٔے ملے چاٗنی

یِمَن ژٕے مارُنک جنوٗن          یِمَن نِمَن چھُ چون خوٗن

نَسائٕ تِمَن چھپٔے ملے چاٗنی

یِمو کٔشیر زاٗج چاٗنی

تہٕ زانہٕ ہیے بَلاے چاٗنی

ژٕے کیاہ یِمَن کتھَن سَنُن          ژٕے چھُے پَنُن بَنُن وَنُن

ژٕے چھُے نہٕ نوٗن ہیکہٕ کوٗرِن          قصوٗر تَس تہٕ ہیکہٕ لدُن

آزاد ییٔمی کوٗرُے وَطَن          آباد ییٔمی کوٗرُے چمَن

ییتیٔے نَساٗ ژٕ بوز ساٗ

دَماہ ٹھٔہر تہٕ روز ساٗ

خبَر دَلیس یہٕ کیا گوٗمُت          تِمس یہٕ کونہٕ ظوٗن پیوٗمُت

یہٕ کوہ مری تہٕ باہٕہال پہاڑ، مرگ، وَن تہٕ بال
کھوٗرے یہٕ اَندی اَندی زَن مےٚ آسہٕ ہیٚنہٕ یتھ وَطن

پھوٗلِ تہٕ زَن مےٚ دارِ پوش
کَشیِر زَن کھَسی یہٕ بوش

ییہٕ ہے تہٕ سوٗنتھ وارِنے نِشاط شالہٕ مارِنے
وَزِہے یہٕ پوٗنی ناگہٕنے وُچھنہٕ گوش باغہٕنے
بوٗرے کھَہن سکھ تہٕ ڈاکھ گژھن زمینہٕ کھوتہٕ چاک

اَمیُک تہٕ کیاہ مےٚ اوس غم
مےٚ توتہٕ آش روزِ ہم !

مےٚ نوٗن چلے واتہٕہے تہٕ ہتھ بُلاے واتہٕہے

(۱۹۴۷ء)

# کشیرِ ہُنڈ دعویٰ

بِلہٕ ژارِ ستی دُنیا منٛے چھُم یکسان بناوُن
منٛے چھُ ہیٛوند تہٕ مُسلمان بیٚیہِ انسان بناوُن

ہیٛوند میلہِ سکس ستی، ہیٛندِس ستی مُسلمان
وۄن کمو یمن بیٚون بیٚون چھ کُنی ماجہ ہٕنڈی سنتان
کاٮ۪ستھ منٛے حسدکی کنڈی چھُ گلستان بناوُن
منٛے چھُ ہیٛوند تہٕ مُسلمان بیٚیہِ انسان بناوُن

شمشان بنیوٚمُت چھُ ہندوستان پاکستان
تِنہٕ خونہٕ برنہٕ جامہٕ ڈلِتھ ہیٛوند تہٕ مُسلمان
مَس اولہٕ کے چھُم بازرس ارزان بناوُن
منٛے چھُ ہیٛوند تہٕ مسلمان بیٚیہِ یکسان بناوُن

مۄنٛزٕ ذرٕ سندِس حاصلس زردار کریا ژھٕر؟
تلہِ کیازِ گلن گیوٗر گرِتھ مانٛچھ تُلر ویکٕر

جمہورٕ لکن ہُنٛد چھُ عٲلی شان بَناوُن
مےٚ چھُ ہیوٚنٛد تہٕ مُسلمان بیٚیہ انسان بناوُن

کوٚت تام زَرَس بوش ، سَرَس تاج اَمیرَن
کوٚت تام آسن دول رَتَس ناگرِ غریبَن
تقدیر آدم سُنٛد مےٚ سیٛٹھاہ جان بَناوُن
مےٚ چھُ ہیوٚنٛد تہٕ مُسلمان بیٚیہ انسان بناوُن

یَتھ جایہ کُنُے آسہِ دِلَن شوق، کُنی تیٚز لے
کُن جوش، کُنُے ہوش، کُنی ماے، کُنی رٲے
تَتھ جایہ چھُم نوٚو لولہٕ کُے اَستان بَناوُن !
مےٚ چھُ ہیوٚنٛد تہٕ مسلمان بیٚیہ انسان بناوُن

(۱۹۴۷ء)

# سۄ وِز

سۄ وِزیٖنۍ میٲنۍ غٲرتہٕ سینہٕ دٲرِتھ نیرِ طوٗفانَس
پھُٹَن دٔنٛد ہرد واوَس زرد رنٛگ گرٛزِہ کالہٕ اَسمانَس
گرٛزَھن گگرایہ دَم پھُٹی تیٖر کھسِہ زردار شیطانَس
ترٛٹَن شاہ لوسہ نبہٕ گرٛزنی کوٚل گرٛزِھتھ بیٚیہ دوٗروانَس
سۄ وِزیٖنۍ میٲنۍ غٲرتہٕ سینہٕ دٲرِتھ نیرِ طوٗفانَس

سۄ وِزیٖنۍ میٲنۍ ہِمَتھ ژونٛگ لٲگِتھ پھیرِ اَسمانَس
ہسَر لگہٕ وُزمَلَن دِلَن مٲج باوَن چاک دامانَن
لگَن سۄنہٕ شرٲنہٕ بےکَس نیتھہٕ ننِین مُفلِسَن کوہستانَن
وٕٹِتھ گنٛڈِ نار اوٚبرَن تارکَن وُزِ رٔیِیہ شمع دانَن
سۄ وِزیٖنۍ میٲنۍ ہِمَتھ ژونٛگ لٲگِتھ پھیرِ اَسمانَس

سۄ وِزیٖنۍ میٲنۍ رَحمَتھ واو لٲگِتھ اَژِ گلستانَس
ودٕ ژھُن تھوٚد بَرہٕ گمِتی گُل تھوٚد وُتھِتھ گلزار وُزناوُن
یِمبرزَلہٕ لولہٕ پھوکھ لٲیِتھ گلابَن نار وُزناون
ژٕ یُس کرِ دوٕن گُنٕ سیتار تمِی نار وُزناون
سۄ وِزیٖنۍ میٲنۍ رَحمَتھ واو لٲگِتھ اَژِ گلستانَس

سوہ وِزبیٚلہِ میٲنی سِرت چوٗنہِ لٲگِتھ نیٚبر دامانس

خیالن مُشکہِ امبرن تمنا وَچھ ژٕھٹھ نیٖرن

بہارکہ جامہِ وُلہِ وُلی ژے ہیٚکی ارمان پوٗت پھیرن

بُڈتھ حسرت لوہ کٹی گژھی گژھی کھسن دوٕ دوِستن ہیٖرن

سوہ وِزبیٚلہِ میٲنی سِرت چوٗنہِ لٲگِتھ نیٚبر دامانس

سوہ وِزبیٚلہِ میٲنی حِکمتھ شیٖر پھٹہِ بخت اِنسانس

کُجر ژلہِ بے زبانن زیوِ ہجر گژھہ دور تدبیٖرن

غلامن پین وُستھ زوالہِ گژھہ زن سور زنجیٖرن

موزورن بوش کھسہِ محنت کشن ہُر نوٗر تقدیٖرن

سوہ وِزبیٚلہِ میٲنی حِکمتھ شیٖر پھٹہِ بخت اِنسانس

کُنے گژھہ دون جہانن لولہِ مس گژھہ عالمس جاری

جمہورک تاج دِتھ کرِ راج لاچاری تہٕ ناداری

وَسن بون زُون تارکھ سری پہ پھُرس پیٹھ سمن ساری

سمتھ دِن پیٹھی شیٖرس نادِمس آزاد اِنسانس

سوہ وِزبیٚلہِ میٚون غارتھ سپنہِ داگِتھ نیٚبر طوفانس

# یرادٕ

وُشُن وُشُن ووٗزُل ووٗزُل ووٗزُل ووٗزُل وُشُن وُشُن !
وُشُن وُشُن ووٗزُل ووٗزُل چُھ خون میون !
جوان چھُس طُفان ہیوٗہ طفان ہیوٗہ جنون میون

مےٚ شوق چھُم کٔشیرِ پیٹھ فِدا گژھن تہٕ جان دِیُن
بٔہ واو چھُس مےٚ کیا کرٕ یِہ آوُن یِہ آوُن
نَلکھ بٔنِتھ پزٕیا ڈلن انٛدر رٕہُن کھٕٹِتھ رٕہُن
بَتُن چھُ یوٗپ دُشمنس چھُ دِیُن لٕہُن چھُ دِیُن لٕہُن
توَے توَے وُشُن وُشُن ووٗزُل ووٗزُل

بٔہ شاد چھُس کرُن وَطن آزاد چھُم آزاد چھُم
گٔٹھیُش کٔڈِتھ کرُن چمَن آباد چھُم آباد چھُم
وُدن رُون پٔتِم نہٕ دارٕ یاد چھُم مےٚ یاد چھُم
نوٚوُے مےٚ جوش چھُم نوٚوُے یرادٕ چھُم مراد چھُم
توَے توَے وُشُن وُشُن ووٗزُل ووٗزُل

دَزُن دٔزِتھ گژُن مےٚ کوٚر اِشارٕ نارٕ وُزملوَ
ترٕلک پٮ۪ٹھک مےٚ بوو سیر بے قرار زلزلوَ

رٔگن منٛز خوٗن بۄر نوٗوٕ شہید مزارکیو گلو
شہن وُچھن منٛز ہوو زٕلو منٛز آئی بہارٕ بلبلو
توٗسے توٗسے وُشٕن وُشٕن ووٚزُل ووٚزُل

یٕنبر زٕلن تہٕ سوٚمبلن اُچھن چھ نوٚو خُمار ہیوٚو
غریب گرٛ لیستنس کران اٚمیر زارٕ پارٕ ہیوٚو
بڑٕتھ ووٚمیدنے چھ لوکچار نوٚبہار ہیوٚو
دِلس انٛدر منٛز پرٛون وٚلولا چھ بےقرار ہیوٚو
توٗسے توٗسے وُشٕن وُشٕن ووٚزُل ووٚزُل

دزن چھ میانٕ زٕون ہیٚم قرار کیا قرار کیا؟
رٕون چھ میانٕ گُل ہیٚم منٛز وار کیٛا منٛز وار کیٛا؟
بٕہ کونسلن تہٕ فاصلن تہٕ پرٛاوٕ کیا بہ پرٛاوٕ کیٛا؟
تُلن منٛز نار چھُم کریم منٛز نار کیٛا منٛز نار کیٛا؟
توٗسے توٗسے وُشٕن وُشٕن ووٚزُل ووٚزُل

یٚراوٕ چھُم بہٕ ہاوٕ یاوُنک بہار عالمس
بٕہ سونتہٕ واوٕ پاٚٹھی کرٕ جگر نثار گلشنس
رٔنگن بٕہ بنٕنہٕ خوٗنہٕ کھارٕ مول بہٕ وارٕ شبنمس
بنِتھ بنیٚل تہٕ نار کرٕ بٕہ لارٕ لار دُشمنس
توٗسے توٗسے وُشٕن وُشٕن ووٚزُل ووٚزُل

# "پٔرژھن چھُم"

دِیَن پۆرِی کِنی گاش لوگ باشہِ کرنے
سیاہ بختہٕ نے موٗختہٕ دامانہٕ جرنے
اَما آو پنجرَن یہ ما بَر مژرنے

نَبس پیٹھ کھسُن چھُم سِتارَن پٔرژھن چھُم
پیٹھے باہٕ کین نوبہارَن پٔرژھن چھُم
گُلن، بُلبُلَن، لالہٕ زارَن پٔرژھن چھُم

ژٕٹھِ سینہٕ بالَن، پکُن ژھالہٕ مارَن
پلَن باج، ہیتھ داج دِین کوہسارَن
چھُ کُس شوق آبَس اَندر گژایہِ مارَن؟

مِیے اَنہٕرِی تِسنے آبشارَن پٔرژھن چھُم
پیٹھے باہٕ کین نوبہارَن پٔرژھن چھُم
گُلن، بُلبُلَن، لالہٕ زارَن پٔرژھن چھُم

کُسُند خوٗنِ ارماں چھُ بالادرِن مَنز
کُسُند گمہٕ چھُ لرزاں پاں ژادرِن مَنز
کُسُند رَتھ چھُ زونان وُنہٕ ہی تھرِن مَنز

نِشاطَن پرٕژُھن، شالہِ مارَن پرٕژُھن چھُم
پیٚٹھے باپہٕ کیٚن نوٚبہارَن پرٕژُھن چھُم

گُلَن، بُلبُلَن، لالہِ زارَن پرٕژُھن چھُم

چھِ کمٕی خوٚن دِتھ، چوٚنہٕ داماپہٕ گُرِ ہتی
یِمَن ماز دِتھ ساز و ساماپہٕ گرِ ہتی
ژٕ ٹھِتھ نَم تہٕ ژَم کمٕی چھِ دُرداپہٕ گرِ ہتی

وَچھو تلہِ کینٕہے موٚختہٕ ہارَن پرٕژُھن چھُم
پیٚٹھے باپہٕ کیٚن نوٚبہارَن پرٕژُھن چھُم

گُلَن، بُلبُلَن، لالہِ زارَن پرٕژُھن چھُم

خیالَن پیٚٹھے ٹھاپہٕ کوٚت تام روزَن
بے حِس قہر و طوفان کوٚت تام روزَن
شئوٚ نگیتھ مئیأ فی ارمان کوٚت تام روزَن

تہٕ مغروٗر سرمایہِ دارَن پرٕژُھن چھُم
پیٚٹھے باپہٕ کیٚن نوٚبہارَن پرٕژُھن چھُم

گُلَن، بُلبُلَن، لالہِ زارَن پرٕژُھن چھُم

جمہوٗرُک ہشَر آسہِ لیس شولہِ ناوُن
عوامُک بجَر آسہِ تھۄزٕ شایہِ تھاوُن
پرٕنیا شوق لَس اَڈوٕ تے نیندرِ ساوُن

مۆزوٗرن پٔرِژھن، کاشکارن پٔرِژھن چھُم
پیٹھے بانہٕ کٔہن نوبہارن پٔرِژھن چھُم
گُلَن، بُلبُلَن، لالہٕ زارن پٔرِژھن چھُم

زَرَس بوش، زَردارنے، راج روزِیا؟
ژھرین لوٗرِ کُٹہٕ نَن سَرس تاج روزِیا؟
اَکِس ژوٗر تہٕ ہُر بیا کھ موحتاج روزِیا؟

وَچھَس پیٹھ کھٔستھ تاجدارن پٔرِژھن چھُم
پیٹھے بانہٕ کٔہن نوَبہارن پٔرِژھن چھُم
گُلَن، بُلبُلَن، لالہٕ زارن پٔرِژھن چھُم

چھ اَکِہ شایہ دَولَت تہٕ حشمَت تہٕ راحت
تہٕ بێیہِ شایہ نُنی تَن ژھرپر، فاقہٕ، غربَت
چھ کَمہِ شایہ تِم ہیتھ قلمدان غیرت؟

اُدیبَن تہٕ فنکار یارن پٔرِژھن چھُم
پیٹھے بانہٕ کٔہن نوبہارن پٔرِژھن چھُم
گُلَن، بُلبُلَن، لالہٕ زارن پٔرِژھن چھُم

(۱۹۴۹ء)

●

# سونتھ تہ ہرُد

وۄتھی باغچ گُلری کوٗکوٗ کرٕی کرٕی جل تہٕ قمری مَنہٕ ناونے
وُچھی سونتہٕ کرِ واوُک ہوٗہوٗ آمُت باغہٕ ببر وُزناونے
گاہ لوٗگ گنڈہٕ سیتی مُتی کرٕنے
شَبنَم لوٗگ باغَس چھوٗتی برنے
مےٚ چھ باسان شاید اوٚبرس تَل وُزملہٕ لۍ مَس مُژراونے
پاڑٕ مَستَس عطر تہٕ پھولہٕ ملتھ
رو پیہٕ سنٛبر تنہٕ سونہٕ سُند جامہٕ وُلتھ
کرٕ تہٕ سان نوٗرٕ تہٕ آمُت چھُپے نوجور گلُن ٹھیکہٕ ناونے
گوٗہہٕ ہیٚتھی پاں ژادر ہچے کرتھ
رودہٕ داماںس چھوتہٕ موختہٕ جرتھ
پوٚت زوٗنہٕ وُکھتھ ڈٕلہٕ ہلنے پیٚٹھ آ ہژموٗت یاوُن چھاونے
یتھ بُرز لہٕ نے سر نوٗمراُودتھ
واوُن ژھن شبنم چھکراُودتھ

مالِنۍ شیٖنچھ بوٗزِتھ مہریٖنہٕ زَن وٲرِو گرِ نٕج اوٚش ترٛاوٕنۍ

نوٚو بوٗشس چھُ کھوٚتمُت پوشہٕ تھرن

باوِڈِ گُلہٕ نِ تے بُٹ٘ھگرِ نٕرن

دوہ ہینِہ ہُند دوہ دِ شُرپینہٕ پوٚنپُر کھوہٕ کھوٗنہٕ کپرِ وٕتھ لجہٕ ہاوٕنۍ

اَنگ دیُت کوہ نگ جامَن آرِ وٕلَن

رَنگ پھیُیر گلہٕ ٹوٗرِ ہوٗ سُندی جِرِ ڈلَن

موصوٗم لالَن سیٚنْدِ نالَن پیٚٹھ آمژ مَسوَل اَسہٕ ناوٕنۍ

اَمُنک پٲغاماہ ہیٚتھ فطرت

آمژ گُل داو تہٕ شبنَم ہیٚتھ

اَفسوس فَقَط اِنسانِہ یوت آو ناوِ پنُن مَنْدچھاونۍ

مزدوٗرس نوٗرس ژوٗر گرِتھ

زَردار پنُن داماہ بٔرِتھ

سَرِ بازِری پھیران نازگرِتھ آدمی مازَس موٗلہٕ ناوٕنۍ

رَتہٕ قُدرَت ساہِن بَتہٕ کِہنی کِہنی

غَلہٕ دارو دِیہ گَنٛتھ ماٗرِتھ ژھنی

پیٚٹھہٕ وژاہتی بتھِ نِ غازہٕ مُلتہٕ اَستانَن دَشہٕ ہزراونۍ

ہُمَن کینہہ ہیٚیِہ موہرتہٕ زر

دُنہٕ پھیران فرٛہنگی بٲزی گر

سوٗنہٕ سٕنٛزٕ ہتھکرٕ ہیتھ دٕلہٕ نے تَل آہتی اَسہٕ بٕلیہٕ ژُھلراونے

وولہٕ زہر دِمو اَز طوٗفانَس

مظلوٗمَس بے کَس اِنسانَس

اَلہٕ قوٕ دَرکھ چھلہٕ چھلہٕ گژھ عالمُ ییٚلہٕ وُزملہٕ پٕن شٕیٚچھ باونے

نوٗ سوٗنت جمہوٗرُک دِتھ تاجاہ

دٕرامُت دِنہٕ چمنَس نوٗ داجاہ

اَندریُم دَنہٕ دَزہٕ ہیتھ اَز نادِم آمُت پٕزَرس وُزناونے

# مٔنّے چھم آش پَگہچ

(۱)

مٔنّے چھم آش پَگہچ

پگاہ شولہِ دُنی یا

دوہس گاش ہُرِ گُل تہٕ گُلزار پھٕرزلن

زٔمینس سٕتہٕ لگہِ تہٕ سبزار پھٕرزلن

وٕچھس مٔتہٕ ہُمس لولہٕ پھمواد پھٕرزلن

پگاہ شولہِ دُنی یا

گٕژُل لاگنٕے گرٕژھن اچھ گٕژالی

وٕسم دو دتہٕ بُبہٕ ٹینڈی گرٕژھن مے دوزالی

تہٕ دٔہرہِ وہری دِشہٕ ہار پیہِ سون سالی

پگاہ شولہِ دُنی یا

کٕنَن گرٕژھ مٔنّے چاں میاں ژٕلیم وسے تہٕ واے

وٕچھس تَل مٔنّے ژٕہہ ژٕہہ کرِم آیہِ گرٕایے

لبَن لوسہٕ گُٹھ ہسے کھٕسیم مؤلہٕ ملیے

پگاہ شولہِ دُنیا

"ہُمہ" بُرژِر نہ تل کن تھوتھ بوزِ لوت لوت
تہِ تھز کاآر تھاآوِتھ تُس بتیہ نیر پوت پوت
تہِ وَنہ وُن ہمس پوترِ مالِس بو سوت سوت

پگاہ شولہِ دُنیا

پنُم شدر پنینے وَدِو چھے مُبارک
یہ چھس پوترِ ماج چھتیر بوزِ فکرِ تارک
ہیمکہ کوہ چھ ہیوِ از بوہ ماکینہِ تہ بارک

پگاہ شولہِ دُنیا

دپان جنگ چھ ووتھ وُن
پگاہ گوژھ نہ سپدُن
پگاہ شولہِ دُنیا
پگاہ گوژھ نہ سپدُن

(۲)

مٔے چھُم آش پگہچ
پگاہ واد چھُم تس

بوہ دوہ لوسنین ہیوہ تھرن ژھایہ پژارس
تہ ہی مال زن لولہ تے مایہ ــ پژارس

گژھیس ژیرِ غم کیا چُھ بے وایہ پژارس

پگاہ وادِ چھُم تس

شہ پیپہ مایہ موت ژھایہ ہول گرایہ مارن

یہ آسِ تمِس مالہ کِتی پوش ژارن

کرِہم کتھ یہ روشِس تہ چھو لگہ اشارن

پگاہ وادِ چھُم تس

سیٹھا ہیو نگِنہ ژٹِتن یہ تھوکار بون کُن

تہ ییٹلِہ ڈلی ژہم تیلی وُچھس ادا چھِن کُن

ژہم نالہ اد اوش دُرن ما چُھ ممکن

پگاہ وادِ چھُم تس

تھوتہ کار کو چھ منز دِلکی دآدی بادس

تہ روہ پیہ سینکی داغ ندرانہ تھاوس

پژژھس بو ژے کو لاگہ جنقس لولہ داوس

پگاہ وادِ چھُم تس

ونیم دوہ چھ نزدیک ژھوہ مارِ یاون

چھُ تنی پاکٹی اسِہ لول ہاون تہ باون

یِنیم پتھ چھُ ترآون تہ نُوونیچھ ناون

پگاہ وادِ چھُم تس

وَپان جُنگ چھ ووتھ وُن
پگاہ گوٚژھ نہٕ سپدُن
پگاہ وادٕ چھُم لتَس
پگاہ گوٚژھ نہٕ سپدُن ۔

(۳۱)

منےٚ چھُم آش پگہچ
شُرِین مول واتہم
یتھےٚ بوزٕ آو تیتھےٚ برٛونٹھٕ ییرس
رَٹِن نالہٕ متہٕ زورٕ اَندری اَندری لوٚب پھیرِس
نوس تازٕ گاٹس پیٹھےٚ جلےٚ شیرس
شُرِین مول واتہم
ٹھکِتھ آسہٕ اَمت گوڑنی یاد ناوس
تہٕ موٗٹھ دوٚگ دِوان وُلہٕ وُلی نیٚنٛدرِ یاوس
تہٕ نکہٕ چی گھرٕ برٛونٛہہ کنی نظرٕ تھاوس
شرِین مول واتہم
گھرٕ منٛز نوی گُل تہٕ گُل زار آسن
منےٚ چھیٚٹھ جانہٕ کنہٕ واجہٕ طوٗمار آسن
حبیبس خُتن تاج کتی دیار آسن

شُرِن مول واتیم

یلہِ نہِ عیز کتی اَسی یَلو نُوی بَنا وَو

تہِ کُچہِ پوٗتی جوراہ تہِ قربان تھاوَو

جبَس ژاٹہِ باجَن شِرِن باگراوَو

شُرِن مول واتیم

دَیان جَنگ چھُ ووتہٕ وُن

پَگاہ گوٚژھہ نہٕ سپدُن !

شُرِن مول واتیم

پگاہ گوٚژھہ نہٕ سپدُن

# ٹہ گیوٚ نہٕ از

ٹہ گیوٚ نہٕ از
گُلن تہٕ بُلبُلن تہٕ سوٚمبلن تہٕ مَسوَلن
ہُنٛدُے خُمارٕ ہوٚت
تہٕ مارٕ موٚت
موٚدُر موٚدُر تہٕ ہِنٛدرٕ ہوٚت
سُہ نغمہٕ کاتھہ
ٹہ گیوٚ نہٕ از سُہ نغمہٕ کاتھہ
تہٕ کیاز از — تہٕ کیاز از
غُبار گرد جنگچی کھٹن چھےٚ رنگ مَسوَلن
تہٕ دِہی بُشَنگہٕ جنگہٕ کی ژٹن چھ چونٹھ بُلبُلن
تہٕ سوٚنبلن اَپارٕ یپور گرٛھان چھونی چھُہ ہانکلن
تہٕ وُزملن بِہِتھ اَچھن چھُ زال زن
گھٹِتھ چھُ کوہ تہٕ بال زن
تہٕ کالہٕ اوٚبُرسنگرن وُلِتھ چھُ نال زن
ٹہ گیوٚ نہٕ از

تہٕ کیازِ اَز چھ جنگ باز جالساز ہوٗل گنڈِتھ
کشیرِ میانہِ زاگ ہیتھ

بہٕ گژھ نہٕ اَز
بہٕ گژھ نہٕ اَز، نشاط، شالہِ مار، آبشار، لالہِ زارکۍ
نرم نرم
پشل پشل
تہٕ سبز سبز شبنمک سُہ نغمہِ کانہہ
بہٕ گژھ نہٕ اَز سُہ نغمہِ کانہہ
تہٕ کیازِ اَز تہٕ کیازِ اَز

بٔنے واہِ جاہِ جاہِ تاپہِ کزاپہ زَن چھپے زاگ ہیتھ
کران چھ آیہِ گژاپہ یتھ ژٔلن پہٕ میون باغ ہیتھ
توٗرے چھ شاہ اَندرۍ گوٚمُت گٔمُن
چھ لالہِ داغ ہیتھ۔
جوٚیَن چھ گنگراپہ پلیٹھ تہٕ پہرِ زَن
سوٚ تتے پہٕ گکولہِ واہ
تہٕ بیوٚٹھ ہارِ وَنچھ اَہرِ زَن

تہٕ گژھ نہٕ اَز
تہٕ کیازِ اَز چھ جنگباز جالساز ہوٗل گنڈِتھ
کشیرِ میانہِ زاگ ہیتھ۔

بہ گیوٚ نہٕ اَز

بہ گیوٚ نہٕ نوبہارٕ بالہٕ یارٕکے اَمارٕکے
رٕنگاب رٕنگ ووٚزُل تہٕ ہور
بیوٚل ووٚزُل توٚت تہٕ شوخ
نغمہٕ کانٛہہ

بہ گیوٚ نہٕ اَز شہ نغمہٕ کانٛہہ
تہٕ کیاژٕ اَز ــ تہٕ کیاژٕ اَز

بہارس چھنے لار ہٕردٕ وادٕکے ہارٕ چی
وَنَن اَنٛدر اُوارٕ تازٕ شودیا چھنے نارٕ چی
سَکھر چھنے آدمَس تہٕ آدمی ہسندے شکارٕ چی
یٔمبرزَلَن توٚے ٹٔھپس چھنے بَنہٕ ہُرٕ
ہَوا ژھینٛتھ پیوٚمُت
تہٕ ہی چھنے کھارٕ بچارٕ ژھینہٕ ہُرٕ
بہ گیوٚ نہٕ اَز

تہٕ کیاژٕ اَز
تہٕ کیاژٕ اَز چھ جنگباز جالساز ہوٚل گنٛڈتھ
کٔشیرِ مٔیانہٕ زاگ ہیتھ

بہ گیوٚ نہٕ اَز
بہ گیوٚ نہٕ اَز کھُہن کھلَن تہٕ ڈورنے

اَندرٕ سہ دانٕہ وٲلی ٲلی سُند

نٮ۪شدَن ہٮ۪ندرے سُہ گمہٕ بُرتھ

تہٕ نغمہٕ کانٛہہ

ہٕ گیوٕ نہٕ اَزٕ سہ نغمہٕ کانٛہہ

تہٕ کیاز اَز تہٕ کیاز اَز

کھٮ۪ن چھُ لاوِ نٮ۪ہلہٕ آرِ، داوِ دٲوی نٮ۪ٹ نیومُت

کھلَن چھُ ہالوَن ہٮ۪ندرے پٮ۪نک تہٕ پٲرٕ زن پیومُت

ڈیکَن پٮ۪ٹھے چھُ خوفہٕ ستی گمہٕ زَن شٕکٕژتھ گومُت

پلَن چھُ آوِلُن ژرٕ پٲری گمتھ کرَان

تہٕ گاسہٕ تاہ نے کرٕیٹھو کرٕیٹھتھ

مول زَن چھ رَتھ ہَران

ہٕ گیوٕ نہٕ اَز

تہٕ کیاز اَز چھ جنگ باز جالساز ہول گنڈتھ

کٲشیرٕ میانہٕ زاگ ہیتھ

ہٕ گیوٕ نہٕ اَز ہٕ گیوٕ نہٕ اَز

توتام یوتام نہٕ

کوہ تہٕ بال

کھاہ تہٕ ڈوری

گُل تہٕ پوش

زٕگ تہٕ پٔرٛون
ژُمیٖر تہٕ کُرکل
بول بوش
ۂرد تہٕ سوٚنتھ
وٚن تہٕ باغ ، جھے تہٕ آب ، ہی گلاب
شالہٕ مار ، لالہٕ زار ، آلیشار ، نوبہار
زوچہ بال ، بُرزہٕ بال ، نٔنگہٕ بال
شیشہٕ ناگ
وادٕجن
وارٕ کارٕ خوفہٕ رٛوس تہٕ پہرٕ رٛوس تہٕ اُہرٕ رٛوس
یہٕ بیٚیٖے وُچھن
تہٕ ژھمبہٕ میلہٕ وُن
سُلی
سُلی یٕسُلی
یٔرادٕ میٹانی بیٚیٖے اٗسن ، لسن ، لبن
تہٕ رٔکھہٕ کھسن مُراد میٹانی
تہٕ ڈُوڈھ میون ، ٹُنٹہٕ بون ، بارغ سون
یوہے یٔژن پٔژن وٚطن
یہٕ بلٖیہٕ وُچھن

آباد، آزاد تہٕ خوش یُوٗن۔ بہار ہیُوہ
تہٕ لوہ کچار ہیُوہ
بُہ گیوٗ تیٚلی۔ بُہ گیوٗ تیٚلی
نٔتہٕ توٚتام گیوٕ نہٕ گیوٕ نہٕ زانٕہ
سُہ نیٚندرِ موٚت، خُمارِ ہٚوت
بوہ سوز کاشُہ
تٔرے بہٕ نیرٕ۔ اَز بہٕ نیرٕ۔ وٕتھ بہٕ شیرٕ
ہُٹھ تہٕ بیرٕ شمی کرکھ
بُہ نیرٕ تیزر نوٚو قلَم تہٕ شراکھ ہیتھ
تہٕ دُشمَنَن تہٕ رٔہزَنَن
ڈٔہ کرُ قلَم تہٕ درٛوت ہیتھ
یٔرادٕ دوت پٔروت ہیتھ
بُہ پھیرٕ جایہ جایہ، شایہ شایہ، پٔلنہٕ آیہ
پٔرتھ بلایہ درٛوت ہیتھ
ڈٔہ کرُ قلَم تہٕ درٛوت ہیتھ
رُموٗرُموٗ بُہ گُمہٕ کُڈٕتھ ژھیلَن یہ ٹوٗٹھ یار غسون
یہ نُنٛدٕ بون
بالہٕ یار ــ لوہ کچار
چون میٛون

تہٕ کھُہ تہٕ کھَیہٕ، کھوڑُ تہٕ لایہٕ ٹہٕ نورٕ سٕتی پوٗرٕ وکھ

ٹہٕ گیوٗ نہٕ آز

ٹہٕ نیرٕ آز

ڈوکرُ قَلَم تہٕ شـٔراکھ ہیتھ

یَرادٕ اَکھ تہٕ بٔشاکھ ہیتھ

(۱۹۵۰ء)

# مٕنۍ چھُم کأم باقی

مٕنۍ چھُم کأم چھُم کأم چھُم کأم باقی
مٕنۍ چھُم واریاہ کأم
باقی
سیٹھا کأم ، رٕژ کأم ، رٔوزِتھ گٔژھ کأم
واقعی
مٕنۍ چھُم کأم باقی

---

مٕنۍ چھُم اُوی لِین زاُوی جارَن سٕنٛز
لولہٕ نارَن سٕنٛز
نَوے شوقہٕ کِین لالہٕ زارَن سٕنٛز
نو بہارَن سٕنٛز
مٔوزوٗرَن سٕنٛز ، کامگارَن سٕنٛز
بالہٕ یارَن سٕنٛز
تہٕ تہنٛدِین دِلاوَر اِشارَن سٕنٛز
بٔلییہ خُمارَن سٕنٛز
مٕنۍ چھُم بُنٛھی کھِپرِن حوصلَن ژھوٗہ بُرَن
تہٕ لرِ لوہ کرُن

ژھَرَن ہِمَتَن سیتی لَرِ لوہ کُرُن

تہٕ نوٚو گوڈٕ بُرُن

اِرادَن نوٚین ژھُم منٛے نوٚو گوڈٕ بُرُن

توٚرے اَز وَنُن

نوٚن وَنُن

گرٛڈلیسَنَس ژھُم وَنُن، کاشکارَس وَنُن

نالگارَس وَنُن

جاں نِثارَس وَنُن

تَس یٔتیمَس

میٚأنی پأٹھٕین چھُ وَنہِ کأم باقی

سلیٚمھٕ کأم، رِژ کأم، رٲوزِنتھ گٔژ کأم

واقعی

چھیٚنے تَس کأم باقی

تُمِس لَیس وُچھتھ داند اَلبانہٕ ہرٛٲنٛہ برٛٲنٛہ اُڈی پیری ترٛاوَن

تُمِس لَیس چھُ یاوُن کوٚلن ناگہٕ رادَن ہُندٕے پاد ناوَن

تُمِس لَیس چھُ پرٛاکاش صُبحَن ڈیکَس نوٚو کلابوت چھاوَن

تُمِس لَیس چھُ نوٚو سونت کُن تَل یوٚن یاوُنک سیر باوَن

تُمِس لَیس کوٚہَن ژھاپہٕ گگراپہٕ گِس گِس کرِتھ وَلوَلَن پھاسھیلاوَن

سُہ یُس تاپہٕ کڑاین اَنٛدَر زُدٕ ژٕٹھ دوہ تہٕ دِین راوٕ راوَن
تٔمِس لَیس چھ ڈارَن اَنٛدَر ڈٕنگی جہِ پیٹھ لولہٕ مَژہ راٗژ راوَن
تٔمِس لَیس ہَرُد کم بُرِتھ دامنَس سوٚن جُرِتھ نیچھہٕ ناوَن
سُہ یُس
فالہٕ کے نوکہٕ سیتی پڑتھ وُہرِ ماجہ بُتراٗژ نوٚو لون لیکھن
تٔمِس لَیس
چھ بُتراتھ پڑارَن وُڈٕر پیٹھ
مُرِس گیتھ رِزق ہیتھ
ہٕکنکھ ہیتھ، مَکاےٚ، وُشکہٕ، موٚنگ، مُٹھ تہٕ ماہ ہیتھ
مُسُر ہیتھ رُماہ ہیتھ
بُدٕج، راٗفی، گیوزیر، برز پادشاہ ہیتھ
منٛے چھُم اَز وَنُن
کاشکارَس وَنُن
نالنگارَس وَنُن
بے قرارَس وَنُن
تٔمِس لَیس چھےٚ زٕٹ ناٗلی
تَس یَس چھےٚ یڈ خاٗلی
تَس یَس کرہٕن ژم
تہٕ گسہٕ آمتی نم

اَکھَن خآز پییمٕژ
زٕنگَن ژٕرم شروکیمٕژ
دُوٚکھَن ہلے پییمٕژ
شُرِن وَہ سوٗ تییمٕژ
سہ یُس فالہٕکے نوکہٕ سیٚتی پٔرنٛہ وُہَر
ماجہ بُتراُژ نوٚو لون لیکھن
گُٹِتھ لون پَنہٕ نے
چھُ تَس لون لیکھن
ژُٹِتھ خون پَنہٕ نے
چھُ تَس لون لیکھن
تمُس یَس مُہتھ گُل نوان ہَردِہ کالے
ژٕہان رَتھ، مُہان ځلو کُذان ژٕٹ چھ نلے
مٔنے چھُم اَز وَنُن تَس
ژُٹِتھ بٔرِیڈِ جاگرٕ دَرَن
وٕڈ دَرَن
سوٗدَرَن ہٕنٛز
پَننی مٲج بُترات سانٛہن ژٕ والِس
جِگر دوٗر
تہٕ ژٕو اوٚر

کرِتھ ووتھ
کمرَ گنڈ

ژٕ اَلبانٕی ہیتھ ووتھ۔ کمرَ گنڈ
یہٕ پٹ پرانٕی ہیتھ ووتھ۔ کمر گنڈ
پَننی مَاج بُتھرات پھرُون ژٕ واپس
ژٕ شیرُن تہٕ پارُن
ڈیکَس وژہ، بُتھس گیٖنی، اُچھَن زال کاسُس
وَچھَس بییر شیرُس تہٕ زنڈ زال کاسُس
ژٕ رفتار آرَن ہُندُے سوی کرُن چھے
ژےٚ دَب چھے کرَنی آبشارَن کولَن سیتی
ژےٚ چھے چوٗنٹھ دریاوٕنے ہُند پھرُن
پَننہِ بُترائژ کُن
ژےٚ کاسنی ہو کھے چھے
بِہتھ بنجرَن وُڈرَنے بیٚیہِ کریوٚن
ژٕنَین ژکھ ژےٚ چھی دِنی
گگر واج پوٚرٕنی
ژٕ سُہلابہٕ سے سینہٕ دارِتھ چھ روزن
گگرَ ووتھ کمرَ گنڈ
ژٕ بُتھ ژکھ تمَن

یِم بَدل بُتھِ کرِتھ زاگہِ چھِی لاگنۍ چانہِ پۭزارَن

تِمَن یِم چھِ وُنہِ زال واہَرِن

تِمَن یِم کرِتھ اُٹ

فرِہنگیَن تہٕ جَنگ باز جادوٗگرَن سۭتۍ

چھُ وُنہِ زال واہَرِن

ژےٚ ما پورنۍ اَز

ژٕ ما چھُکھ کُنۍ اَز

کمیُل چھُکھ ژٕ چھُک ہول بێیہِ گرٛاس چھُکھ

ژٕ چھُکھ وارِیاہ وارِیاہ وارِیاہ اَز

ژےٚ چھےٚ مٲج بُترٲتھ اَز راچھدَر

بێیہِ تہِنٛدِ کرٕنۍ گبَر

دُنِیہکۍ حالِ ساری

کُلۍ کامہِ پیٹھہ زوٗ ژٕنَن وٲلۍ ساری

توٚے وۄنہِ تہٕ سَکھر کر

ژٕ یکھ منزلس کُن

ژےٚ چھےٚ کٲم چھےٚ کٲم چھےٚ کٲم باقی

ژےٚ چھےٚ وارِیاہ کٲم

واقعی

ژےٚ چھےٚ کٲم باقی

(۱۹۵۰ء)

# گوٚنہٕ ماتَس موٗتُک شُر گرِ کیا؟

شیٚیچھ گیِہ شامَن گامہٕ شہأری، پھیر ژوٕ پأری
باغَن تہٕ جنگلَن پھیر ژوٕ پأری، لٔج پرٕژھ گأری

لٔج پرٕژھ گأری رُت ننٛدٕ بوٚنیُ، توٕہِ ما وُچھوَن
مہجوٗرٕ سونیُ، توٕہِ ما وُچھوَن، توٕہِ ما وُچھوَن

بُلبُل لوٚگ گلزارَس پرٕژھنے، یارَس پرٕژھنے
رُومِش لٔج زٕنب آرَس پرٕژھنے، آرَس پرٕژھنے

یارَس پرٕژھنے، مالیُن کرٕ ونیُ، توٕہِ ما وُچھوُن
توٕہِ ما وُچھوَن، مہجوٗرٕ سونیُ، توٕہِ ما وُچھوَن

ہی تھٔرِ کُن تلٕو یاوُن آمُت، شراوُن آمُت
سونتَس شیٚیچھ ہیٚنتھ شراوُن آمُت، شروٕ کنیَن ژامُت

شروٕ کنیَن ژامُت، جَل بولہٕ وُنیُ، توٕہِ ما وُچھوُن
مہجوٗرٕ سونیُ، توٕہِ ما وُچھوَن، توٕہِ ما وُچھوَن

شبنم دژامُت پَے ہیٚنہٕ لالَن، سنگرٕ مالَن
وُزٕملہٕ شیٚیچھ پرٕژھ سنگرٕ مالَن، ہُنے ووٚتھ بالَن

ہُنے ووٚتھ بالَن، گُل اسہِ وُنیُ، توٕہِ ما وُچھوَن
توٕہِ ما وُچھوَن، مہجوٗرٕ سونیُ، توٕہِ ما وُچھوَن

مَسوَل دٕراٲژ چھنٛدریمٕژ ہش، ہُنٛدریمٕژ ہش
وٕہیٚژ اَشہِ گٕژ، ہیٚنٛدریمٕژ ہش، لُج بیٚیہ پُرسِش
لُج بیٚیہ پُرسِش، کھَنٛدٕ کَر ووُنُے، توٚہہِ ما وُچھوَن
توٚہہِ ما وُچھوَن، مہجوٗر سونُے، توٚہہِ ما وُچھوَن

یِنٛبرزَلہِ دُیت بوٚمبرَس آلوَ، دوٚکہٕ لَد آلوَ
کلہٕ والَس کُن اَچھ پھِر پیالوَ، گٕرزِتل لالوَ
گٕرزِتُل لالوَ، دِل کھولہٕ وُنُے، توٚہہِ ما وُچھوَن
توٚہہِ ما وُچھوَن، مہجوٗر سونُے، توٚہہِ ما وُچھوَن

لِلَس وٕنی دِتھ ہولاہ ژھارَن، ہولا ژھارَن
حُسنَس عشقاہ پتہٕ پتہٕ لارَن، پٕرژھہ لوکچارَن
پٕرژھہ لوکچارَن، یاوُن میٚونُے، توٚہہِ ما وُچھوَن
توٚہہِ ما وُچھوَن، مہجوٗر سونُے، توٚہہِ ما وُچھوَن

سنطوٗرَس ژٕژھہ تھٕرہ تھٕر تارَن، ووٚنٛدٕ چھین تارَن
سارَنگہِ لَرِ پھیٚر دُیت لوکچارَن، پٕرژھہ سیتارَن
پٕرژھہ سیتارَن، رُت وَنہٕ ووُنُے، توٚہہِ ما وُچھوَن
توٚہہِ ما وُچھوَن، مہجوٗر سونُے، توٚہہِ ما وُچھوَن

شُلیٚچھ گٔیہِ شامَن گامہٕ شہارٕ
باغَن تہٕ جنگلَن پھیٚرِ ژٕوٚپارٕ

کلہِ وۆن واوس   واوَن لالس ، لالَن پیالس ، پیٲلی کلہِ والس

کلہِ والَن پھِرمٕے خالس مَنز

مٕے خالس مَنز وُزھ ہۆل ہالے

بالس تہٕ بالس لجِ ٹُھسہٕ رازے

زَن گو آلَو — مہجوٗر کوٗت گو — مہجوٗر کوٗت گو !

پوٗت پھِیرِتھ آو آلَو والِس

ییٚتی چھُے — کوٗت گو ؟

لالَن زھالے مارَن گرالے ییٚتی چھُے ، کوٗت گو ؟

یاوَن رالے ، بے پرٕوالے ییٚتی چھُے ، کوٗت گو ؟

آرِ وٕلَن مَنز ، سَندرِ ڈُلَن مَنز ییٚتی چھُے ، کوٗت گو ؟

دعدِ شری للہِ وان ، اُشی پھِرِ مولہِ وان ییٚتی چھُے ، کوٗت گو ؟

الہِ باٚذی کاران ، کٕمی لین زھاران ییٚتی چھُے ، کوٗت گو ؟

موٗزوٗرَن لَش ، رنجوٗرَن لَش ییٚتی چھُے ، کوٗت گو ؟

نوٗ آش مَنہِ وان ، پرٕزاگاش بَنہِ وان

مہجوٗر زِندٕ چھُے ، زِندگی مَرِ کیٛاہ ؟

گوٚ نہٕ مالس موٗتک شَر کَرِ کیٛاہ ؟

(۱۹۵۲ء)

# ڈَل ہانٛزنہِ ہُشد گیُون

تازٕ تازَے مئے اُذٕ ئے ڈُلَے ہے
ہَے وو لَے ہئے وو لَے ہَے وو لَے ہَے

پُھلیہِ وانگَن تہٕ پاری مرٕ اُلَے ہَے
ہئے وو لَے ہَے وو لَے ہَے وو لَے ہَے

مَرتٕہٕ وانگَن تہٕ وانگَن چھِ ہیّون ہیّون
مَس مَلرِ تہٕ ہیوٕ وانگَن چھِ ہیّون ہیّون

ناوِ مَنٛز چھِی کران ٹھولہٕ ٹھولَے ہئے
ہئے وو لَے ہئے وو لَے ہَے وو لَے ہئے

تازٕ نُجہٕ بُدی چھِ ہلِہٕ ڈھایہ زوتَن
ڈیٹھبہٕ گوہ گجاہ وو زرج ہیب خوتَن
زَن سنگرٕ مالہٕ نِے لُج پُھلَے ہئے
ہَے وو لَے ہَے وو لَے ہئے وو لَے ہئے

ہَے ژٕ نے پٕژہ پینی تُلی وو ذٕ سیٹھاہ چھُے
دٕ ناگہٕ نِے مَاری کیاہ دِی ژٕ نے راہ چھُے

اَتھ رَٹی ینہ تَلےَ ہے ژَلےَ ہے
ہے ووٗلےَ ہے ووٗلےَ ہے ووٗلےَ ہے

کیاہ وَنے پتی ہہ برہ بسوارِ پیالیس
زور اُرسم ہۂ لٔٹھ زورِ دژایلس!

دوٗدِ ہیڈرُ ترٛووے پھرِ تَلےَ ہے
ہے ووٗلےَ ہے ووٗلےَ ہے ووٗلےَ ہے

آرِ وَل چھُوت سُہ چھُم واہِ نچ ہیوٗ
چھوٗن تہٕ نوٗن تیرِہ ہوٗت شینہٕ ژُچ ہیوٗ

اوٗش ہران آب زَن بیٹھ کھلےَ ہے
ہے ووٗلےَ ہے ووٗلےَ ہے ووٗلےَ ہے

لَستہٕ پنجاہ گرِتھ مٲلِ سُنٛد ہیوٗہ
ریٛنبہٕ سُبتھ زَن لوکُٹ ماجہِ ہنٛد ہیوٗہ

لیمبہٕ چھُہ پمپوش پھوٗٹمت ڈَلےَ ہے
ہے ووٗلےَ ہے ووٗلےَ ہے ووٗلےَ ہے

زَن کَنَن چھُم گرٛزھان شُرٕ وَدُن ہیوٗ
زَن وَچھس نَل گرٛزھان چھُم برٛزھن ہیوٗ

اَز مے دیدِ چھُم سلیٹھا پوٗت گلےَ ہے
ہے ووٗلےَ ہے ووٗلےَ ہے ووٗلےَ ہے

(۱۹۵۲ء)

# سانیٹ

ژُسنے چھِی تا لولہٕ میٚلنے یادٕ ٚم دوٚہ
گِنٛدان اوٚس سون یاوُن ژُوٗرِ ژوٗرسے
وُچھان اُسی اَکھ اَکس اُسی دوٗرِ دوٗرسے
کَران آسی کالہٕ پٔنٛژ شُر بَران دوٚہ
نہٕ آسِن کرٛوٗٹھہ ہیو ہارٕس کوٗرن پوٚہ
چھُنِتھ پَن پیو بہارٕس لاوِ موٗرسے
مگر وُنہِ ژوٗنگ لوٗلک سانہِ زوٗرسے
چھُ وُنہِ وان گاشس گٔژھِ کارٕس کَران توٚہ
اَمی اَکہِ گاشہِ ہیٚیہِ تھوٚو آش میٚثاقی
یِکان گوٚو تٔے فلا سانے اُمارک
امارن لَج پھُلے نوٚو سونتھ ووٚتلیو
گلالوٚ پھولنہِ وِزِ رٔٹ ترٛاے چاکی
چھُ ووٚشس چون خوشس ہوا سانے بہارک
نِوٕس سَمیٚس چھُ چھِنے نیک پرتو

(۱۹۵۴ء)

# زِتنہٕ

## نَظَر

نَفوٗد وُزٕہ ، أچھ ٹارٕ‌ٕو کھُٹر ، اَژٕہ رَژٕہ ہٕش
دژایہِ نیبرَ
ژوٕن طرَفاتَن ، ژھُنڈ آیہِ گڈِتھ بیٚیہِ ژایہِ اَنٛدر
ہوٚنہِ پھُلہٕ وۄلُس کیاہ تام کٔنۍ ٹٔلی
اَسہِ ما چھےٚ خبَرَ ؟
اَسہِ وُچھ أچھ ٹینٹاہ
پَتہٕ أشی دَدرایاہ

## وَرہٕ ہٕج

اَتھ دارِ چھُ پیٹوُمت پٔراکَر زَن
مُژراوُن دِیہِ پرِژھ
دُنیِ تلہِ عالمَ
وَرہٕ ہٕج زَن زام چھَ نوٕشہِ بیمٕژ
گاہ مُژٕرن وَر گاہے دِتہٕ وَر
پٔرتھ کتھِ پیٹھ ژالنۍ پام دوہٕ ہکے

(۱۹۵۷ء)

# کاٹھی دَروازٕ پیٹھٕ گٔرٕ تام

کھروکہٕ وِزٕنی ژھلیا
لُکہٕ ارساتھا
تارِن پیٹھٕ پیٹھٕ
کُنتوجہٕ بِماتھاہ
زٕنگہٕ ترٕیہ ہٕنزٕ گژکھ
ناپھا پھولہٕ وُن
کرٕ مُنٹھو ہلماہ
زلہٕ وُن زلہٕ وُن
ٹکہٕ واوجہٕ کُل
زٕنگ ووہٕ سیمتی
موصُم ہاوَس
پوکرٕ چھوے میتی
"توت کیا با چُھکھ"
پوشُنس پی پَن

دُف دِتھ گیہٕ کوت
میٚنتہٕ گرٕژہ پی پَن
"توت کیا با چُھکھ"
تژیشاہ چمہٕ ہا
کتر ژو گُر پُھٹ
نوٚد گرٕ ہیمہٕ ہا
"ووشلُن زَن چُھے"
بُتھ ووپھرٕ ژومُت
تھوکُمُت تھوکُمُت
شاہ تیز ژومُت
"تیٚہ کیا با چُھے"
ووتی دِیہٕ ہا تھاکھ
کھوورٕ بَیہٕ تَل
دَھک دَھک دَھک دَھک

## نو جغرٲفی

عملی ہِندسا — چھَم چاۍنی سَتھ
نوِ کاۍپی کیٚتُت — وَلہِ ساۍ مالیٚا
کاکَد دَستا — گوٚبرا ٹاٹھیا
"توٚت کیا باچُھکھ" — ڈَبلَس پوٗنٛسَس
ہنبکرِ نَے ٹکی تھے — سورُے دُنی یاِ
واتے گرٕ دوہ ژ — توٚت کیٛا باچُھکھ
میٚے چَھنہٕ ہیکہٕ تھے — ٲہ تہٕ وُچھ لیٖلا
ژوکہٕ ژٕنی ہیکہٕ بی — ٲکوسِے پوٗنٛسَس
یہ چھیٚے نُژلاوَر — دِلہِ ہُنٛد ساۍلا
اُچھ نہِ بوٗچھ چھَس — ناۍ ودِ گُدلَس
اَتھ چُھنہٕ باوَر — رَنکھہٕ گرٕ تھکھ دیٚن
ہوش ہا گوٚبرا — آنٛس بُلبُل
بَجہ بی موجی — میٚتہِ گوٚژھ اَکھ دیٚن
لُج سیٖہ پیٹھ کُن — ہیکہٕ بی کاۍنُل
وۄلہٕ کھوٗنہِ للہٕ وتھ — اَتھ چھا موٗلہٕ وُن
اَجہِ اُچھ گاشا — یہ چھُ پوٚژھ سونٛتھ
ژلہِ وُن ژلہِ وُن

هوش ہا گوٚبراہ

نَچَ بٕی موچی — کَنہٕ تَلہٕ کے چھُم
اُڈٕی ہیسے پوٚشنَس — ژُچھی چھَے مُہس
پاواہ لاگی — کوٚٹ چھُم کاہِل
"نَچھ کیا دِدی چھُس" — دَسے میوٚن ژُچھنس
اُچھ پوٚر تھوٚی نَے — کھُوَچہٕ تَلہٕ چھوٚت
بلیہِ میشانِن سان — وَن با لوٚ کیاہ؟
پھوٚلی نَے، نوٚی نَے" — اُڈیک سوٚن چھُس
ینٛبر زَلہٕ گوٚنٛد — لوٚ دَہہ یا باہ
ژٕرٕوِنی تارکہ — شاہِس ہیتی گو
ژُنہٕ ماجہِ اُنٛدی اُنٛدی — مُثِل سوٚنہارِس
بادامَن گَرکھ — نیٚلِس زَن کھوٚت
دوران تہٕ گوران — چھوٚت اٹھ بارِس
کیٚنٛژہٕ چھُنہٕ پَروا — لُجی سَیہٕ پیٚنٛٹھی کُنی
دَنٛد تہٕ چھُ بڑکہٕ وان — مٔنے چھٕلے جانٕی سَتھ
سٕے تھاوِلِس شہہ — اَجہِ اُچھ گاشو
اوٚنگاری آسمان — بہہ ہا کھوٚنہٕ لُلوَتھ
کاژرٕ کھٕچلیاہ — وَنٛدہٕ مے زُو ژٕے
نوٚجغرآنی — گمہٕ چھ آہتی
علی محمد ساہ — مالہِ چھ کھٕچلہٕ زَن
شتُرگنین ژاہتی

(۱۹۵۰)

## ژھٹھ

ٹکھ نتھ آمژ از بال ژٹھتھ
پژتھ کاُلیہِ سنان
پژتھ کاُلسہِ ونان
بۄزو اسہِ پوشپن
مُبارک توہہ لوکن
کلہٕ تلہٕ وُج ژادر لوکو
پانس ژاپہِ اندر
ژھٹہٕ گوَ پہ ہتنک
ژُ اوّن ہلمس کیتھ شپنہٕ ہلم

## وُنل

لوّت لوّت پچھ
کوٚلہِ بٹھی بٹھی
گھژ کوچہ کنی
وتہ مینان
رژہ رژہ برادان
زن غمہِ دُنیا
پژتھ کاُنسہِ ولان ملمہِ اندر۔

(۱۹۵۸ء)

# ڈل ہٹھی ہٹھ

ژٔے تہٕ واتی کُنہٕ وِزِ وآری ❊ ژٕ یِکھ ہٕلہٕ پآری لگے
وُتھی گگٕرہ نۍ برٕہن نآری ❊ ژٕ یِکھ ہٕلہٕ پآری لگے
وُچھ شولان ڈل چھ ژٕہ پآری ❊ ہَواشی ہشی چھُ کران
کری ہِزی بگہٕ رُسی سونہآری ❊ ملرٕ ژِمی ژمی چھ کران
لوہ لنگرس یم تہٕ چھ لآری ❊ ژٕ یِکھ ہٕلہٕ پآری لگے
ژٕبیتہٕ واتی کُنہٕ وِزِ وآری ❊ ژٕ یِکھ ہٕلہٕ پآری لگے
پٕنچ ییٔنبر زلہٕ ہٕنز ڈٔولی ❊ چھ رسہٕ رسہٕ وِگنہٕ گپوان
بٔونبر پھیران ہیتھ جٔولی ❊ چھ زن تسنزِ یآسی دوان
یہ چھُ پردیسی بنجآری ❊ ژٕ یِکھ ہٕلہٕ پآری لگے
ژٕبیتہٕ واتی کُنہٕ وِزِ وآری ❊ ژٕ یِکھ ہٕلہٕ پآری لگے
ہُسہ چھُ پیلس کھینہٕ چنہٕ وان ❊ چھ اَتہٕ ووہ نی زآری لبان
تیٔلہٕ اسہٕ شوکھن بھگوان ❊ سِری سرکآری کھسان
کم روہ رغ ہآدِ یٔنیمی سمسآری ❊ ژٕ یِکھ ہٕلہٕ پآری لگے
ژٕبیتہٕ واتی کُنہٕ وِزِ وآری ❊ ژٕ یِکھ ہٕلہٕ پآری لگے

وُچھ باغِ نشاطچ شان — خزانن ٹھان تُلتھ
گوٚر پٔری زٔبرونہٕ شران — نیٚندرِ بھگوان تُلتھ
رُدٕ پھیٚرِ چھ ژلان نٔنہٕ وآری — ژٕ یکھ ہلہٕ پآری لگے
ژٕ بیتہٕ واتی کُنہٕ وِزِ وآری — ژٕ یکھ ہلہٕ پآری لگے
قدِ سروَن کوٚڈ مُت ٹے — مگر میوٕ ماڈیو نٹھُن
اسمانس دِنہٕ کھوٚت سٕے — مگر میوٕ ماڈیو نٹھُن
یہ چھُ ازلے شایَد زآری — ژٕ یکھ ہلہٕ پآری لگے
ژٕ بیتہٕ واتی کُنہٕ وِزِ وآری — ژٕ یکھ ہلہٕ پآری لگے
پمپوشو کوٚڈ بیٚنہٕ وول — وُپھان آسی مزٕ گرٕی گرٕی
گوڈ خانٔدر پتہٕ دیوول — نوان چھکھ رزٕ گرٕی گرٕی
آمی اپرن ماری بجآری ! — ژٕ یکھ ہلہٕ پآری لگے
ژٕ بیتہٕ واتی کُنہٕ وِزِ وآری — ژٕ یکھ ہلہٕ پآری لگے
یم بنگلہٕ چھ آسن وآلی — یہنٛد دُنیا چھُ الگ
ہُمہٕ پہر چھ زٔخمن گنڑآلی — یہنٛد دُنیا چھُ الگ
اڈٕی عاقل اڈٕی بیٚنہٕ چآری — ژٕ یکھ ہلہٕ پآری لگے
ژٕ بیتہٕ واتی کُنہٕ وِزِ وآری — ژٕ یکھ ہلہٕ پآری لگے
یہ چھُ مندر بیشر وآتی — بہٕ گنٹا آتی چھپے وزان
ہُہ چھُ استان با برکاتی — چھُ کمہٕ جبہٕ ناتھ گرزان

اَسہِ چھِتہٕ مُنشٕر دوٚسہٕ دیوٗاری　　ژٕ نِکھ ہٕلہٕ پاٗری لگے

ژٔیتہٕ وانی کٔنہٕ وِزٕ واٗری　　ژٕ نِکھ ہٕلہٕ پاٗری لگے

ژُکھ کُنہٕ پیٚٹھ زَن چھُپے شاپھ　　ٹُلان چھُکھ تَنشِلہٕ ٹُتی

سیٚوون کنیٚون کھِنتہٕ ترٛاوکھ ڈاپھ　　گرٛژھی زَن شہہٕ ژٕ ٹٔے ٹٔیتی

موٚت گَرٕ چھُکھ ٹہٕ گیے پاٗری　　ژٕ لوٚت نِکھ پاٗری لگے

ژٔیتہٕ وانی کٔنہٕ وِزٕ واٗری　　ژٕ نِکھ ہٕلہٕ پاٗری لگے

(۱۹۶۱ء)

# باپو

یێمی شوقَن وَنہٕ کوٚڑ گٕنڑہٕ مَنٛزٕ گاہ
یێمی شوقَن وُزٕنوو سوٗنتہٕ ہَوا
وُپھ ہێچھنوو یێمی پٔتی گوٗمُت شاہ
تٔسی شوقَس ناو کوٚرُکھ گاندھی
تٔسی ٹوٹھ لقَب دِیُت اَسہٕ باپوٗ

یێمی سازَن شوٗزرآو پَزرٕچ نَے
یێمی سازَن اَسہِ تھآو صبحٕچ شَے
یێمی اَسہِ دِژ وِزِ وِزِ پَزٕ آگَے
تٔسی سازَس ناو کوٚرُکھ گاندھی
تٔسی ٹوٹھ لقَب تھوٚو اَسہِ باپو

یێمی جبرٕ وٕتَن دُرٕسی ٹھاکھ پھُٹٕری
ظُلمکہ دَنٛد ہیبت ناکھ پھُٹٕری

وولہٕ کہِ پھوکہِ سِتی یِنٛمی شۆراکھ پھٹر
تِمی جَبرٕ تٔلٕس وٕڈن اَسہِ گاندھی
تِمی ٹۆٹھ لقَب دِیُت اَسہِ باپوٗ

یُس تارِ صَدا گگرلے بَنیِوٗ
بالَن کھوٗت واوِچ گرٛزلے بَنیوٗ
شُدرس آءنچ تھَتھراے بَنیوٗ
سُے تارِ صَدا اَسی وٕڈن گاندھی
تَسی ٹۆٹھ لقَب تھوٗو اَسہِ باپوٗ

(۱۹۵۹ء)

●

# اَمِنچہ اپیلہٕ پیٹھ دَسخط

مٮ۪ے دوٚیمَس کاکدَس پیٹھ کَر ژٕ دَسخط
اَچھن کُن تَس وُچھم کیا ہتام سُپدُم
تَسنز رتمہٕ چشمہٕ پھوٚلہٕ متی ہی دٕنٛھر زَن
یِمہٕ برزٕ لہٕ بوٚمبرٕ روٚس بے گاش جوراہ
دِوان شُدرَس چھ وُذی آکاشس جوراہ
دہ دے پیالَن اَپز گھشرہٕ مژ چھپے کھُر زَن
چھتِس پمپوشِسے زانُت گوٚبرُ زَن
پژگاشَس زَن گیٹہٕ متی کاشہٕ جوراہ
سَنگرمالَن ہِنزے رِگتہٕ باشہٕ جوراہ
کوہَس پیٹھ ناگہٕ پوکھرِن منز اوٚبرُ زَن
مُدے گَنٛڈتہٕ چھ پژاران زَن پژگاشَس
ژھنڈان موہنہٕ پھُلی چھ پیولِس شبنمَس منز
وُپھان زَن لوٚ ہتی آلامَس منز
نِژن ہِندی پاٹھی دوران زَن چھ راتَس

مےٚ دوٚپمَس کاکدس پیٹھ کرٕ دسخط
وٚتھن پیٹھ وسنہٕ لوٗگ موٚصم اُسن تس
ہیوتن ٹارِن اَندر زن یُپ کھسُن تس
قلمَ سارانٕ واراہ اوٗش روٚٹن پتھ
گرٕ بتھی کھپری نہٕ پھپری ٹارِن کھسنہٕ لگو
موہلی دُرداہٕ زن دکہٕ ویر زاہتی
چھ نوٗرس وچھنہٕ باغس ٹوٗری دٔناہتی
گگس ترٛوٗکھ اچھر والن اَسنہٕ لگو

موہ چھے منٛز اَتھ زٕتھ وٚنٛنم یہ لوٗت لوٗت
سداہ وٕری شے اچھن ہُند کاش روٗوم
وچھے تلہٕ کےٚ مےٚ جگرٕک کاش روٗوم
بمَو گولَو مےٚ کوٗرہم یادٕنس سوٗت
وٕون سُری پیٹھی مےٚ گو دوہ نی وَدنہٕ ہرگز
اچھر والَو دِیَن دٕر اُش پھنیرِن دوہن
پتھر پینہٕ کاکدس پیٹھ موکھتہٕ لر زن
ہوٗکھتھ گےٚ رُوہ پہٕ پٹس پیٹھ سوٚنہٕ اچھر زن
چھ اَمنس راچھ ونہٕ رَتم شولہٕ ماران۔

(سنہ ۱۹۵۴ء)

# صُبحدم

کُنُے زوٗن یُرٛ چھُ پَرٕ زھیوٗن گاشہٕ تارُک
مُشتھ گومُت چُھ شایَد کاروانَس
چُھ لوٗگمُت دارِ کِنی بے چارٕ تارُکھ
پَننی ژھاران رِوان ڈُنی آسمانَس
گُلالن وُچھ تہٕ سپنَس گوٗ تمَس داغ
پَتھَر شَبنَم بنِتھ دولُن در آغوش
زمینَن دُعا کوٗرُس نوٚی لَس کُنَس باغ
ژھرِن دُکہٕ ویرِ پیٚیے، لوٗرِن کھَنے پوش
نَبَس پیٹھ اوس کُن بوٗن ووٚتھ سیٹھا گوٗ
کھوچِر تھَزرُک ژوٗلُس بلہٕ ژارسے مَنز
گُلَن مَنز گُل تہٕ لوٗ مَنز موکھتہٕ سَیدلو
حَیاتُک پے لوٗبُن گُلزارسے مَنز
عوامَس سیتی لَیس گو میٚل سہٕ برٛووٚنہہ پوٚک
بدوٗل لیس روٗد مُنزِلَس واتہٕ نے تھوک

(۱۹۵۹ء)

# نابد تہٕ ٹیٹھ ویٚنہٕ

بجلی بتہٕ اَندری اُتھی جوراہ
ویگِس پیٹھ مہرٕنی مہرازا
ہُتہ کٔلی شہلس تَل ٹیکہٕ ژٹنیا
وُنی دژاہٕژ وٕوبی کنی چوکہٕ لوتہ
کستانی سالی وُڈنہٕ اَندری گگہٕ ڈلی
سوٚمبل مشکن ڈری چھس دکہٕ دیٚت
مَنز گامی چھ پھوٚلمُت ژنڈُن سکُل
نیٖلس پَرَدس ڈُنہ تھتھرلرِ
کلپترا ماشترالس دژاہٕژ
گُنڈالس مَنز دوٚن ٹورِن پیٹھ
دوٚن سری ین ہُنٛد آکارا ہیوٚہ
اَندری ٹیکھی سوٚدرا شیشے ناگس
پمپوش تھَنہٕ پھوٚمُت برہما

بُنگرِن گَو چھوٚنی چھوٚنی آنہٕ أندرِ

مٮ۪نے چھُ باسان راٗژ ہٕشنہٕ باہ آسَن

ہُتھ پرَدس پٔتی کِنی کَتھ کَتھ ہٕش

دوٚشوٚے دارِ یوٚ کِنی أچھ جورا

کاٗژاہ نَجِہ کاٗژاہ مایہ بٔرِتھ

مُدیا وُٹھ کمہٕ جارا گِلنا

ریشم ریشم نَرمی نَرمی

کھرِ پَتجہِ چھٮ۪نے وٕژھمژ رِشنہٕ مآنیا

بوٗنیا بجرا بٮ۪یہِ شیٖہجارا

سَروا سبزرا بٮ۪یہِ دوٚنژ ازرا

سوٚنہٕ چِچرِن دِپھ تُج عَرشس کھوٚت

دیوِ منہٕ مَرِ ووٚڈھ لاٗے ہکہٕ نارٕس

کُنتی ما گرٕنَن آو دِیُت

رِگیہِ مَنزٕ شایَد شُرتھَنہٕ پیوٚ

أچھ تودُر لَبہٕ پیٹھ تصوٖیرَن

موٗزرِینہٕ کُر دَہہٕ دوٚہی یٔرِس کَتھ

ژٕندرم لوٗسِتھ نٮ۪ہہ گٔٹہِ اَندر

ژھوٚٹ رَخ لاگِتھ مَریم لوٚت لوت

ہُمہٕ کوٚہہ داہنی گیہِ ژھیپہ دِتھ گوٚت

سَحرَسس ہُتھی سے وۄشلنی کھارا

کَنہٕ تیٚہجہِ چھِنٛے وۄزلیپٕرٕ اۆبَرس

چھَلہٕ چھانگرٕ گیہِ وادَس زُلفَن

کھَچہ سۆرگوَ گُمہٕ ئُری باغَس

ہیٚرٕ بوٕ نہٕ اُوِج زاُوِج ہی کھُر

مُنٛزٕ باگَن تھزرا وۄزجارا

نابَد ٹیٖٹھہٕ وین ٹیٖٹھہٕ وینہٕ نابَد

پیٚچ شُکنتلا بیٚنیہِ مالیُن کُن۔

(۱۹۵۹ء)

# شبنم شبنم

شبنم شبنم شبنم شبنم سُری سُری کُمی بوٚر پوشن لول
ترٛاوِو اوٚبرُک کرِ فر ترِ ترِ وُچھی تو نَنہِ اسمانکُ سٔریٚھ

اُخر کوچو کوچو چھپرتھ، پانٔے پانس نشہِ ووت پاز
اُچھ ووزلاوِتھ دَنڈ ٹکراوِتھ، اُتھی چھ وَنان میخانکُ سٔریٚھ

ہیہ چھ مرٛز ہرِ آسے کاتیاہ بامن، اُڈی گیہ بڑاڈی پامن لگی
وُنہِ مالوٚژ لنہٕ گیہ ووندہِ داَدِس، وُنہ ماہوکھ دامانکُ سٔریٚھ

دُنی یا پاوِتھ دُنی یا داری، داراگس سیتی موٚلہ وِنی کتھ
آرِبلن ہنزکس مٹھ مالے، کُمی روٚچھ پزِ وارانک سٔریٚھ

ناَدِم صابو مارے تہٕ موٚحبتھ، دارے تہٕ دوٚپ سمسارکی وِہی
ہمہ تمہ رنگہٕ مُلہٕ مایہ کرتھ بوز مُلہٕ تلہٕ پنہٕ نے پانکُ سٔریٚھ

(۱۹۵۶ء)

# چارلس پیپرس نکھ

بَب اوسُم وۄیود، بُڈِ بَب سُہ نَہ کیٚنٛہہ

بُڈ بُڈِ بَب سُہ چھُہ ناداہ کَنہٕ نے

تَمہٕ پَت کُن کُس کُس بَب، بُڈِ بَب

تہٕ چھُہ سرِ پَتھ کالس پَکھ نے تَل

سٕنگہٕ پارس اَلس مَنٛز ژژہٕ رِتھ

سوٚ نہٕ کاناہ کَتہٕ تام چھُمبی گاٹہٕ

کیٚنٛہہ رَژ رَژِہ رَژِہ سیکہٕ زَن ہلہٕ وِتھ

آبَن آہٕ مَنٛز لَلہٕ وِتھ شُلہٕ وِتھ

سوٚنٛبرِتھ ساوِتھ اَسہٕ گوٚرُوس تَتھ

ڈیٚدہٕ ہُشہ ڈیٚنجہٕ ہوٚر بینہٕ ہُشہ ہٹہٕ پھوٚل

بُڈ بُڈِ بَب اوس ناداہ سُہ تہٕ موٚٹھ

تَمہٕ بژوٚشہ ہَلمَت اُدین ریٚنچَن

یا تازٕی بَٹ نَتہٕ کانٛہہ کلہَن
یٚوت وأتتھ پھوٕ یاد مٕتے سوٗرٕے
چانٕس پیپرس نَکھہٕ ییٚلہٕ ووٗتُس
کیٛاہتام دوٕتلیٚوم أندرٕی أندرٕی
کٔمۍ تام پرٛانہِن داجہٕ پٹارَن
ٹھان تُلتھ نیٖوٗ، مُشکہٕنۍ اَدفرَ
میٛانہِن دِلہٕ چَن کُٹھرِن گاہ پھوٕ
خوٗبن زَن لٔب خوٗبچ خوشبوٗ
ماز نمَن، نَم مازَس ژھارَن
چانٕس پیپرِس سَمیَن سوٚت سوٚت
اَتھ ڈٲلتھ رَنگ بُجرُک ڈیٚتمُت
شاسترٕی اَچھرَو، کٲشرٕ آہی
کٔمۍ تام میٚتھرَن جُرٕی جُرٕی تھوٚومُت
اَسہٕ دوٕ شوٕنۍ ہُند جَد یا اَمجد
کُنہٕ مَحلَس یلہِ آسہٕ پرٛزتھیوٗمُت
لول، موٚحبتھ، میچھر ٹاچھپر
ییٚتی کُنہٕ رَنگہٕ لرِ مَنز آسہٕ بوٚرٕمُت
حَسبَس نَسبَس مِنٛل اگہٕ دوٕنہٕ ورٕی

بۆرانِد تہٕ بَر لَرِ سانٕے ییٚچھ

تاٗزی بَٹ ، شاہ آمیر تہٕ سۆیا

یوٚت وآتھ بیوٚ یادٕ منٕے سورُے

ژیٚتہٕ آسی کُنہِ کوچِس مَنٛز یِیتی

منٕے سِتین لَٹھی کِہ نوٚٹھ گینٛدمُت

ژیٚتہٕ آسی زاتھہ نٕرکاٗنٛ قَلمَس

کَتھِہٕ[1] تٔر اَوِتھ بِسمِ اللہ لیوٚکھمُت

ژیٚتہٕ آسی مِنبرَس مَکتبہٕ یِتھ

بَبہٕ ہِشنٛز ژھیٚٹ میٚٹ بُتہٕ یَن کھیٚہٕر

عیٚنٛز تہٕ ہیٚر ژکیٚت ژیٚتہٕ آسی

ہارَن گینٛدمُت یارَن سیٚتی

ژیٚتہٕ آسی پَنٛز کَتھِہ پیٚٹھ زاتھہ زاتھہ

ہَرکرِنَس ژُوِنَس مَتہٕ گومُت

ژیٚتہٕ آسی وَژھ واٗلنجہِ لوٚزِ ژھمُت

واسے خوہ دایا میشانہٕ کٔشیرے

بوچھ رُوٚس پُنزی کینٛہ سوچھ گوٚژھہ آشن

ژیٚتہٕ آسی وُچھ ژکھ گھرٕ ہٕرٕ

خَرسوہ نہٕ ساٗوی مُدو لَلہٕ وان گرٕی

---

[1] قحط

ژبیتہِ آسی ژگھ ژاپٕنۍ پیمٕژ

ووٚلہِ اَز بیٚیہِ اَکہِ لَٹہِ ئُبے بارٕنۍ

اَکھ اُکی ہِندی دوٚکھ سوٚکھ کھوکھٕ لاوَو

بیٚیہِ اَز پاوَو یاد تمِے دوٚہ

لَلِہ ہِنٛدی واکھ تہٕ نُندہٕ ریٚشنِہ شرُکی

یُنھ اُندی ئِکھی لَبکِن شہرکی

ہِندرِ وُزٕہَن اَسہِ کنُ وُچھَن

اَسہِ کنُ وُچھ وُچھ وُچھَن پانَس

پانَس وُچھ وُچھ سَنٕہَن پانَس

(١٩٥٩ء)

# سانیٹ

مےٚ گیہِ ووٚنی وٲنس اکھ یتھ شاپہ پہی پہر
گرٚس پنٕنس اَندر زن اکھ ووٚپرٕ ژھاے
اَبلوٗن دود حدِ روٚس زیٹھ اوٚنہہ راے
سَمے بہرٕو پٕے چھُ بتھ پھری پھری کران وِہی
مَنَس پنٕنس ژھنیوو کوتاہ مےٚ پہی پہر
سَنی جگرٕک دِلُک سٔریہہ لولہٕ ہُرماے
مگر اَتھ ترکرِ چھےٚ ہیٚور گُنٕےٚ ترٚاے
پہ اَز میچھر چھُ تَتھ پکِہ چھےٚ ما چھہہ
اگر کانہہ شوق چھےٚ پرٚژھہ تَس تھوٚگُک ما
ژٕےٚ ما ووٚلہٕ بور گوٚے اَز یان پنٕنےٚ
سَرس مَنز باگ ننگہٕ باپتھ ہوٚگُھک ما؟
ژٕےٚ گوٚے گرٕژنٕز پھیٚر ڈُوٚلےٚ میزان پنٕنےٚ
یِمَن سوٗنتن کُرُن اوس گیہِ کرِتھ کراو
ژٕےٚ وُنہِ خابو آندِرکہ خابن کرُن ناو

(۱۹۵۹ء)

# وُنَل

نَہ چھُہ بُتھ شَہر اَتھ
نَہ چھُہ صوٗرتھ کانٛہہ
اَن زانٛنۍ خیالاہ موٗکھمُت
شاید ترٛنیومُت
کٲتام پرٛزُھس ناواہ
وۄنِنس ژٕرے گٔییہ وُنَل ؟
کولہِ بُٹھۍ بُٹھۍ پٔیچ لوٚت لوٚت
کھٔرش کوچوکنی
دَتہٕ مینان، رَژِ رَژِ بڑادان
دوہ نوۍ نٔرِ گلہِ ناوان
زَن غمہٕ دُنیا !
پرٛتھ کانٛسہِ سَنان !
پرٛتھ کانٛسہِ پیہے زَن وُنہٕ والان
ہَشکہِ منگہِ ژٕلہِ کُنہِ دزِ گلہِ اُخر
اَکھ اکۍ سَند بُتھ دلوٕ اُسی تہٕ وُچھو

(۱۹۵۹ء)

# گاہہ تُل

یَتھ گاسہٕ تُلِس گیہِ میشٲنۍ وُنَن
سۄرٕنیہہ اوُسس تیٚلہٕ اوس پۄٹ پِشُل
واوَس تہٕ زِمَن تاوَس تہٕ زِمَن
وَنٛدٕ راٲژن مَنٛز اَز رووُس سرٕنیہہ
کرٕ یِچھَرٕ ہیتھ پڑاوُن اَینٕہے تیٚنیہہ
وِزِ یَتھ ڈُج تَتھ ڈُج ذاکھ پَننِ
کھورٕ تَلہٕ دزالیَس بُتراتھ پَننی
پھوکہٕ سیتی چھُپٹٕ، دَکہٕ سیتی چوٗرٕ گرٕڈھیس
رٕنیہہ ہٲوئیس وُچھی تو سۄر گرٕڈھیس

(۱۹۵۹ء)

# ژۄر

مےٚ چھُ دزامُت کُس تام ژۄر کرِتھ
ناحقَے لارٕۄس چھٹہِ پوٚشپرٕ ژھارنہٕ وارِن مَنٛز
اَچھ ناٹہٕ کرِتھ تنٛبہٕ لوٗدُس اَزتام رَنٛگہٕ ژھایوَ
دٕہہ دۄہ گرٛزرٕۄم زونُم لوٚب مےٚ لوٚب
ییٚیتہٕ کیٚنہہ نیوٚ سورُے کُم تام گوٚ مےٚ پھرِتھ
ٹیٚکو تاپکی سونٛتکو ہَر دِکی رَنٛگ
ریتہٕ کالہٕ چھِ ژھانٹہٕ، چھِ شیٚپنہٕ شَرٕط
اَسہٕ دُن شوقاہ، وَسہٕ وٕنی ماے
پٔژ ہیتھ کُنہٕ ڈۄد دِتھ گوٚ ژۄر
تہٕ وۄنی کیاہ چھُم باقے!
اَکھ پھُٹمٕژ کانٛگر
تِتھی مَنٛز سٕپنہٕ ٹھُجاہ۔

(۱۹۵۹ء)

# یہِ چھُہ میثون وطن

یہِ چھُہ میثون وطن یہِ چھُہ چون وطن!
یہِ چھُہ سون وَطن نُنشدِ بون وطن!

اَتھ وَطنَس سٲنِس تاپھی پھُتی
کُنہِ رۄدنہِ شترانہِ تہِ گُل لۄ ہتی
کُنہِ شینَن سِری یہِ چھُہ دِتیمُت یُتی
سۄ نہِ رۄ یہِ سِتی کیا مولہِ وون وطن

یہِ چھُہ سون وطن نُنشدِ بون وطن

بالَن سپنَس دۄ گنیار مُبلَند
قَدِ رعنا تھُدی دودار بُلند
ہِمالَس رۄ یہِ دَستار بُلند
تھَدِ پایہِ دۄ ہے اَسہِ زون وَطن

یہِ چھُہ سون وَطن نُنشدِ بون وطن

جنگلَس مَنز ژَتنگ دار شہُل
مَرگن پیپھ شۄد سبزار شہُل
ویتھِ ہُند بوٹھ، گنگہِ ہُند تار شہُل

## شیٛنہجارٕک مالیٚنۍ کرٕزدن وَطن

یہ چھُ سون وطن نُنٛدٕ بون وَطن

لۄچھ وۄہُر چھُ لۄچھ پھِر زامُت نوٚو
یتھ گومُت بیٛنہ بژروٚنہ آمُت نوٚو
سون کھوٚتمُت کھوٚچہ دزامُت نوٚد
بو آیہِ یکُن گوٚژہ پژدن وطن

یہ چھُ سون وطن نُنٛدٕ بون وطن

کھاہہ نے ردلیس زُن گینی دزاہِژ
اَکہ گٔنی لۄچھ لُٹِ زاہِژ پیشاہِژ
زُن لکھمی باگہِ چھینے ییتی آہِژ
یدِ یدِ موکھُتک وَرشُن وطن

یہ چھُ سون وطن نُنٛدٕ بون وطن

کھیتَن منٛز ہیٚوٚل ہیٚوٚل ودہ شیلیوٚمُت
کھاہے منٛز کھوٚل کھوٚل ودہسِ آمُت
یُٛندرازَس زُن ژُندرَمہ زامُت
امبر امبر ییٛتہٕ سون "وطن"

یہ چھُ میون وطن یہ چھُ چون وطن
یہ چھُ سون وطن نُنٛدٕ بون وطن

اَسہِ پَنُز اَتھ وُطنَس لول بَرُن

رُمہِ رُمہِ گَمہِ پَینہِ نُےموکھتہِ جَرُن

نُوِ آیہِ نوّ وُے تقدیر گَرُن

ژَلہِ نَکھہِ گَژِھ پوشُن سون وُطَن

یہِ چھُ سون وُطَن نُنشہِ بون وُطَن

رَنگہِ رَنگہِ گَژِھ سوٚ رگا پوٚر بَنُن

اَنگہِ اَنگہِ نانُپُن طوٚر بَنُن

لَنجہِ لَنگہِ پھوٚلہٕ وُن نوٚر بَنُن

یُتھ دورے پژِزَناوون وُطَن

یہِ چھُ سون وُطَن نُنشہِ بون وُطَن

وُنہِ ذَکہِ زَدسِپتا اَڈش ہاران

وُنہِ دردیدی ساَنی ستھرس ژِاران

وُنہِ شاہ تھوٚکمُت اَسہِ اَمارَن

وَلہِ نوٚو لیکھو اَتھ لون "وطن"

یہِ چھُ میٚون وُطَن یہِ چھُ چون وُطَن

یہِ چھُ سون وُطَن نُنشہِ بون وُطَن

●

(۱۹۵۹ء)

# کأپھ تہٕ زولہٕ

وُچھ وُچھ۔ ہاہا ہوٚ ہوٚ
ہوٚہَم ہَم ہوٚ
ہوٚہَم ہَم ہوٚ
ٹارِن پیٚنٹھ پیٚنٹھ پوشے گوندرے
ہاہے ہاہے
نیٚنٛدرے نیٚنٛدرے
مایا مایا
ژٕلہٕ وِنی ژھایا، ڈٕلہٕ وِنی گرٛایا
ژٕلہٕ وِنی ترٛایا
ہوٚ ہوٚ ہاہا
نیلےَ ناگاہ، آلےَ پوٚتراہ
رانزاہ ــ رانزاہ
سوہنہٕ اندازا
موٚکھٹمت بازاہ

ساسا ماگا۔ ماگارے سا

رٕو کھسہٕ بالس۔ اُچھن لگے۔ پچھن تارے

سُے بو وٕندے پاڑ ریے

سہ دِلہٕ کتھا طوطس وَنتے ہاڑ ریے

کٔنڈی دامانس لاڑ ریے

کُس تام، کیاہ تام

کوٚت تام درامُت

سائلس مُنزی بازاڑ ریے

ہاہا ہوٗہوٗ ہوٗہوٗ ہاہا

سوٗہم، ہم سوٗ، سوٗسوٗ

سوٗسوٗ

ہوٗ

سوٗ

(۶۱۹۵۹)

# نظم

اَز تہِ بوٗزُم مُشکہ پوشَن پھوٗچھنِتھ

اَز تہِ بوٗزُم سوٗنزلہِ رَنگ نیوٗزَن ژھِتھ

اَز تہِ بوٗزُم شبنَمس شِہہ مار بنیوو

اَز تہِ ڈیوٗٹھُم شُرِ اُسن رَتہِ داُدی گوٗ

اَز تہِ بوٗزُم وَچھ تلُک سرٕیہہ سوسہِ نیو

اَز تہِ ڈیوٗٹھُم ماے زِنٛدہِ ڈلی گیہِ وَٹھسی

بُزدِلا ہو بے زَبانا بے ہِقلا

یوٗت بوٗزِتھ چھُے نہِ ژِکھ ہیوٗ ژنے لگان

یوٗت ڈیشِتھ چھکھ نہِ وھلسنہِ ناٹھہ یوان

گوٗس گمہِ شُرِ کَتھ کلیٛم کیٛا کَرَو

کُس سَنا ٹھک کَران کُس چھُو ٹھک ٹھک

ٹھک ٹھک بَرَس

مےٗ گیٛمہِ گَٹھہِ گوجہِ کرہِ کیٛا ٹھک ٹھک

واو صُبحُک آو شاید چاُنی کِنی

(۱۹۶۱ء)

# نظم

تصویرس پیٹھ وقتن تھکھ دِیت
اَکھ اَکھ کُل کھوت مُتی مُتی دزاو
کاکہ وَرقس جنگل سائپن
ییٚمی رووٹ وَتہ پوٚدسے توٚت تراو
پننی شہرہ کھسِ وس کھر ورگس
نتہ کتہ جنگل، نتہ کس واو

ہنگہ منگہ ڈیوٹھم، رنگہ پترِ نووم
پکہ آم آلو شاہ گوم بند
ناو ہیٚرمس پتہ نے زیوِ منے
وُٹھ سوئم، بُتھہ دزنم پینٹھ
برمُنڈینن رووٹ اوٚند پوٚکھ روتلی
وُزملہ زن ہیٚتی ہاوی دنڈ۔

(۱۹۶۰ء)

# آلوٗ

کوٗہہ پیٚٹھۍ کنۍ لاران ژٕنھٕ

ٹھدِ ہٹہٕ آلوٗ بٔڑ ہٹہٕ آلوٗ

کٔنہٕ کھنٛبرٕ ہوٗ ٹنٛزی، شٔنہٕ ٹسدرٕ وپیٚٹھی

چھوٗکہٕ لدٕ ٹپٔدی، سینس شوخ نِشان

پھوٗلہٕ پھنٛبہٕ توٗمبہٕ نٔے ہیٚچھ لاٗدی گوٗلاب

کٔرٕ زیوٗن ثواب

بوٚن وأتی آلوٗ چھلہٕ چھانگرٕ گٔے

چھوٗکہٕ لدٕ وٕنہٕ آے یکہٕ وٹہٕ چکہٕ پچھ ہش

کوٗہہ دامنی ہوٗنہٕ بوٗز

تہٕ لاجِکھ ووپھرارٕ سے

میٚتر ژٕکھ تہٕ تھوٗد اسمانٕ نٕلکھ

شُرۍ کھیٚنچ کھنٛڈ آیہٕ گرٕ وٕنہٕ ترتھ

آلوٗ چھ ژلان بٔڑٕ ونٛہہ بٔڑٕ ونٛہہ

تہٕ پتہٕ پتہٕ شُرۍ لاران

کمرٕ بکہٕ نادٕ ٹُلان

چھِے ٹاوٕمتیو چھِے ٹاوٕمتیو

ووڈٕ ہیٚٹھ چھِے ژاگان کاوٕمتیو

یہٕ تہٕ بوز اکھ ڈانٛب

کٔرٕ زیوٗن ثواب

(۱۹۶۰ء)

# ژٕنتس چھُپہٕ

ژٕنَس چھُپہٕ کیٚنٛہ وُری بڑوٚنٛہہ تاپہٕ دوٚہہ اُکھ
پٮ۪تہٕ مہٕ پہَرے وُشنہٕ اُش وانہٕ ناوِتھ
پٮ۪نہٕ تمنا لوٚلے مَنٛز ژٕوٕرِ ساوِتھ
دِلچ دُبرائے ہیتھ سوٚنٛبے منٛے آہی
منٛے دوٚپیٚمَے لَس تہٕ اَس تھوٚد شانہٕ پٔراوِتھ
ژٕنٛے ییٚژ ھرنے لولہٕ بائچ پادشاہی
ژٕنٛے ترٕوِتھ اَزٕ سہٕ دُنیا ... نٔہوناوِتھ
منٛے گیہٕ لاوِن اَمارَن روسِیاہی
وُچھان گژھہ میوٚن دُنیاہ بڑوٚنٛہہ ہناکھ

○

منٛے لگہٕ ہتی شاٹھہٕ کاتیاہ ٹاٹھی اَرمان
گٔمتی میانین خیالَن شاہ پریشان
ژٕنٛے ترٕوِتھ پوشِس پٔژ بنتھ لول میوٚنے
منٛے گیہٕ گرِکھ دِتھ پھلَے منٛز سوٚنٛتہٕ وآران
چھُ وُزملہٕ ٹارِ کھوٚتمُت اول میوٚنے
وُڈر پیٚٹھہٕ سٔتی بوجاہ وُٹھ چھُ پھیٚشان
اَماراہ ترٕ لیشہٕ ہوٚت ییٚژ کول میوٚنے
ژٕنٛس پأوِ کتھاہ اُکھ کوٗ کھرٕ ژکھ؟

(۱۹۶۰ء)

●

# واو

وُنی اوس یێتی گوٚ بالہٕ ترٚتھ۔ واوُک ہُوٚ ہُوٚ
کھٚمچہ ترٚاوِتھ ژۄل
تَنبہٕ لٲوِتھ ژۄل
مَنہٕ ناوِتھ اُنی تون سال کرِتھ۔ واوُک ہُوٚ ہُوٚ
ٹھوٗیہٕ متی چھم ٹیپاٹیپ مٔنے پیالہٕ برِتھ۔ یۄت آوُنہٕ کانٛہہ
دَدہٕ راے لجِم
وِتھ ژۄدرٕ ژجِم
کُترٕ آوُسہ زانٛہہ، برٕ ژاوُنہٕ کانٛہہ،
پھۄٹ موٚختہٕ سہ اوُسُم مالہٕ کرِتھ
دِرِگژھہ نے تھرٕ پیٚیے پوشہ ہرِتھ۔ ہترٕ نیٖوو گوٚ گوٚ
وَنتہٕ پدرٕ نے تھوٗمس چشمہٕ جرِتھ۔ خوش بو خوش بو
مَنہٕ موٚختہٕ لواہ
پھٹ موختہٕ سہ اوُسُم مالہٕ کرِتھ
دوہہ دۄرِ سِتھ گو
دَتہٕ شامہٕ پیٹھ
لوٚتہٕ لوٚتہٕ ژۄل اُندرٕ کنہٕ ماشہ ترِتھ، زُن سوٚنتہٕ ہوا
کُس تام پوٚک کنہٕ نل ناد پرِتھ، خوش بو خوش بو

(۱۹۶۱ء)

# حارٕ ثاتھ

(۱)

گُل دووٕدَن وَنہٕ کوڈجافر
آلو دُثینَس بڑثز کھتشڈ پژار
وُنہٕ وُچھ تاپُس رَنگ کَنہٕ تیتھجَن
وُنہٕ کیا ژیر تہٕ کوسہٕ ژُلہٕ لار ؟
دۆپنَس ژیے چھے ووتھہٕ وُن یادُن
مٔے ہا بَبہٕ سورئیو تیٚلہٕ لوکچار
ژٔے چھُ ہَرکُک ہَر ہانگُل چھاوُن
مٔے چھُ مَتہٕ سونٹنی مُشکنی دار

(۲)

آبہٕ رٕکھاہ اَکھ ہیٚرٕ وُژھ چکہٕ نکہٕ
نکہٕ تلی ما ہیتھ ووڈٕ دِتھ تاج
وُنی کھسہٕ ویتھہٕ یُپ، ییپہٕ گرٕتھ دُنیا

یێیتہٕ یوٗکُن آسہٕ میثوٗنے راج
اَکہٕ ڈٲکہٕ ہچہٕ کھٔنڈ لٔج سیکہٕ شاٹھس
ژھوٚز رس پوچھر چھُپنہٕ موحتاج

(۳)

راتچہٕ ژھوپہٕ دوٚپ ٹھٔنہٕ پیوٚ شبنم
وُٹھرس وُٹھرس گیٔے گمہٕ سرٛان
صُبحچہٕ زٕژٕ گیہٕ پوٚت وُژھ کھیپرٕنہ
ییٚلہٕ تمۍ سُہ دگہٕ لشہٕ دِتی پرٛان

(۴)

اَند کُن نیٚتھٕ نوٚن کُن زوٚن پھیرٕ لستاہ
کاوَن نکھہٕ ڈٲکہٕ کاوا بَس
بونہٕ اَکس لٔج چھنگ پَنہٕ وُٹھرن
شُرۍ کھیٚنچہٕ اَکہٕ کوٚر ٹاوا بَس
لنگہٕ لَنجہ لِتھ دِتھ پانَس پانَس
کاوٕ یێنہٕ وول ژوٚل واوا بَس
پھرستن اَندۍ پکھ ؤنۍ دِتی داراہ
سُہ تہٕ بیٚیہٕ دپہٕ سُند تاوا بَس

(۵)

واوٕ رنگاہ اَکھ دژلے پہٕ سالَس

ماُلس گرٛزِہنس پیوٚتس ماُل
رٚنیہِ طوٗفانَن پَنٕنِس ذاُلس
تِ گوس یِتھ تس اَس نہٕ ہاُل

(۶)

اٚوبرِ لنگا کھوٚت وُلہِمنٛز بالس
نالس دیٗتنس وُزملہِ چاکھ!
کھوٚنہٕ مٔنٛز ہینہٕ آو مٔنٛز پاتٕرالس
دالس لوٗگ پیٛوس وُپھنس ٹھاکھ!
کنہٕ گنڈ ہیٚر گوس وٚوتھ پاتالس
موٚچھ چیپرِتھ ژھٹھ شٔریٚ زٔن باکھ
اَسہِ دوٚپ گگرایاہ گیہِ حالس
یوٚت تام گرٕ پیٚپہِ وأتِتھ لاکھ
یارن یاراہ گرٕ اوٚن سالس
نوشپنٕس کٔر پٔرٛزِتھ کٔتہِ زاکھ

(۷)

کُلِ لنٛجہِ نِشہِ گو ژھیبہٕ پنہٕ وُتھراہ
ایران تہٕ گیپران پتھرِس پیوٚ
وِرمنَن دوٚپ یہ چھُ میٛوٗنٕے میٚتھراہ
اَڈٕ ڈنگہِ پیٹھٕ وُوتھ پتٔرِس پیوٚ

(۸)

دوٚٹھ کُڈ سٕٹرکہِ تہٕ گیہٕ کوچس کُن
تَتہِ اٰسی اَنہٕ گٹہٕ دِتۍ مَتی موٗل
بَر جو راہ اٰسی کَنہِ کَن ہِلوِتھ
لوٚ تہٕ لوٚ تہٕ کَتھہٕ کَرنَس مشغوٗل
سٕٹرکہِ وُچھتھ کوٚر دوشوے اُسنا
کَرٕ ہو باوتھ تہٕ لَگہِ کَتھہٕ طوٗل
.بوٚ تہٕ ہی تَھرٕ اٰسی اٰشی پھیر زدتان
ہیٚرٕ نَبہٕ بے پیٹھ تارکھ زوٗل

(۹)

وُتھو دَگہِ تَل ئِج اُبزِ لیٚجاہ اکھ
بُتھ چھٔلی چھٔلی کھٔر ڈلہٕ دوٚبی باے
دُمرِن واٰنُسن ہِشدی مَٹہِ کھٔتی مَتی
پاپ تہٕ پوٚز تَس چھلنَے آے
ادرٕ آو کُس تام کھوٗنتا گوٚڈلَس
کَترِن کیٖنٛژَن لوٚگ بٕٚیہِ آے
دوٚیہِ دوہہٕ سَنرٕ لوٚنگ لوٚگ مَنز کوچَس
دوزخہٕ پیٹھہٕ جَنتہ پٔدی ژھاے

(۱۰)

بۆٹ کھورا اَکھ وَتہِ پیٹھ پیٖوٗمُت

اَسا وُہرِتھ ژھاران تڑلیش

ہٗوناہ اَکھ آو لمِناہ کوٗرنَس

پُھچہِ مَڑ بُتھو کھنجہِ دِتِنَس پھیش

ڈالا دِتھ نیٖوٗن نالہِ اُکس مَشنز

تڑلیشہِ ہَتِس دلِو اَز پُھٹہِ تڑلیش

سپراہ اَکھ وُژھ بڈِ ہٹہِ کَنہِ کُن

ژٕ تہِ اَڈ کھوٗراہ، بٕہ تہِ مہاراَنی

(۱۹۶۲ء)

# شہلہٕ کُل

شِہلہٕ کُلاہ عظیم زٕثیٕژ تہٕ زیوٚٹھ زَن چھُ جَد پَنُن
وسیع تہٕ باگہٕ بوٚرُت رأیِلاہ بُلَند قد پَنُن
ژُہر تہٕ وأنس بےحِساب
تھزَر بَجَر تہٕ لاجواب
زمین اَتھ چھُ گوڈ تہٕ آسمان اَتھ چھُ حد پَنُن
شِہلہٕ کُلاہ چھُ جَد پَنُن

چھُ برٛگ برٛگ أنتہٕ زٕرٕژھی ، لنگن لنجن شُمار کیاہ
وُتھر وُتھر چھ تازٕ دَم ہیٚتر سَدا بہار کیاہ
سبز سبز چھُ نور ہیوٚہ
یہ سونتہٕ کُے سرُور ہیوٚہ
شگِستہٕ یہ سورگہٕ وولمُت چھُ دِوتہٕ چنار کیاہ
شِہلہٕ کُلیٚک بہار کیاہ

گُہُل چُھ سونٛتہٕ اَدٕبرٕ کٕے یہٕ زُلفہٕ کٕے سمنٛدراہ
شہُل ژٕنٛدُن لوٗتے چُھ شبنمٲہ ہُران خوٗش ہوا
مُژھیُل چُھ زٕنتہٕ لولہٕ ہوٗت
مٔنٛے جِگرٕ ہُنٛد یہٕ نالہٕ موٗت
رُشُل چُھ پوشہٕ نوٗلہٕ سُنٛد یہٕ نوٗجہ آلواہ
شہُل چُھ سونٛتہٕ خوٗش ہواہ

دٕپان اَتھ گوڈس چُھ پٕرا کھ زٕنمہٕ امرِتھاہ پیوٗمُت
دٕپان دٕستہٕ پاک اَتھ دٕیَن چُھ پانہٕ ڈولمُت
چھیٚتیو نہٕ اَتھ یہٕ رُنگ زانٛہہ
مُلیہ تیتوس نہٕ ہُنگ زانٛہہ
سَگِتھ اَلال خان آسمانٛی گٕنٛگہٕ پولمُت!
دٕیَن چُھ پانہٕ پولمُت

یہٕ ژھور لولہٕ سان آسماتہٕ کیو جَنا وَرو
یہٕ کونٛچھ مایہٕ سان شش جہاتہٕ کیو دِلا وَرو
دوٚ ییکھ لَسو بَسو یٕنٛتی
گِنٛدو، دروہ کو اَسو یٕنٛتی

زہوو ، زُدو ، پھولَو ، نَوو ییٚتی پَنُن سُمت کَرو
یہِ دوٚپ حسین جناوَرو

چھ پٔریٖنی تہٕ چھیٚتی تہٕ ہٲری کیٚنہہ تہٕ کیٚنہہ چھ زگ تہٕ شامہٕ رٔنگو
چھ کیٚنہہ تٕرکو تہٕ کیٚنہہ عجمو تہٕ کیٚنہہ بیٚترکو تہٕ کیٚنہہ فرٔنگو
مگر یمن چھ اُلی ییٚتی
یمن چھ ماجہ مٲلی ییٚتی
یمَن چھ عید ییٚتی ، وٚیشاکھ ییٚتی تہٕ ہولی رنگ برٔنگو
کُنی چھ پٔریٖنی تہٕ شامہٕ رٔنگو

چھ بول بوشہٕ داریاہ   وَزان زَن چھیٚ بَنسری
سرُود ، طبلہٕ ، نوٚٹ ، سِتار ، راگ سوٚے اسوری
ٹٕرو ٹٕرو تہٕ گو پیو
چٕرو چٕرو پیُو پیُو
صَدا چھُ بیوٚن ، اَواز کُنی یہٲے چھ سأنی بَرتری
وَزان زَن چھ بَنسری

(۱۹۶۲ء)

# باراں کوٹ

کمٕرس مُشنہٕ ژاسن

تہٕ باراں کوٹ کوٚڈُم نالہٕ

اَویزان تنہٕ ووُم کوٹہٕ کلس پیٹھ

ہُنگہٕ مُنگہٕ پھیوٗرُس پوٚت

تہٕ یُڈ بُرتھ نظراہ کٔرمس

باسیوم زَن چھُس سبٕے

اُتھ کوٹہٕ کلس پیٹھ اَویزان گومُت

پھیکر ترٕ تہٕ ، نرٕ زیگھہٕ تہٕ ، بیٚیہٕ شانہٕ تہٕ ،

سُے قامتھ زیٹھُم زوُلہٕ، تہٕ نالک آرٕ تہٕ سُے

بٹلنہٕ ہیٚیرٕ بوٚنہٕ کاجرکہٕ دژسہٕ سیتی پنی ہوی ڈٕلہٕ متی

وُچھنا کوٚرمس ہیٚیرٕ بوٚن پوٚختہٕ

تہٕ بَر مُژٕرتھ دژاسن پانہٕ تہبرٕ

وزاسس پانہٕ نہبر اَمہِ تھانہٕ نہبر
ایوانہٕ نہبر ، دۄکانہٕ نہبر

کم تام زُنی جوراہ آکھ
پرٛژھ نکھ
ہے تُس جَنتھ گاٹرن
توٚہہِ مایٚیتہِ کانٛہہ باقے یُتھ کُن نیب نشانا ؟
ژُٹ پُٹ کانژھا یا کل پوٚشا
کاکد وُرقا تازٕ کلاما ؟
پوٚت گرِ تَس اوس لاگتھ آسان باراں کوٹاہ
" اَہن حَفض اوُسس کوٹ سُہ اوس بیرولنجہِ اَویزان
گوڑ ما ودہ ٹہرِ آد تھتھ کُن وُچھنس
پَتہٕ لوٚگ اَکہِ دوٚہہ پانس پانس
پوٚت تام آو مُوافِق لوٚگ تہٕ پَتہٕ ترٛوو اَنٛدر کُن
کیٚنٛہہ دوہہ گٔیہ آو جَنٛدرٕ گوٚرا اَکھ تسٔی کُن اُخر
" توٚہہِ کتھ لگہِ ہے ؟
اَسہِ حَفض اوس بکارٕ ے اَدبی میوزیم با پَتھ
توٚہی ڈٔنی تو کانٛہہ نیب ییٚمتیک
بیٚیہ کَس توٚہہِ کُنہٕ وَن ؟

دِیوٕ وُنہٕ ییٚہ اَکھی ؟
کَنھہٕ ساٚ وَنہٕ ییٚہ کَنھہٕ ییٚہ اَتھٕ اَز ؟
جَنڈٕ گٔری وانَس جَنڈٕ اَنٛبارا
کَتہٕ ژھاٚرِو توٚہی
ووٗنۍ گوٚ اَلبَتہٕ نیب سُہ بوٗزِو
ٹیب کٔڑِتھ اَسترَس پیٚٹھ آ رسس
ہِشرِ ہِشنز لیبَل
"شیخ اِلٰہی ٹیلر ماسٹر"

(۱۹۶۲ء)

# زِنٛدگی

زِنٛدگی چھَنہٕ کھَسہٕ وَس وُہہ ناٲجن
زِنٛدگی چھَنہٕ پھٔژِکہٕ وِنٛی واٲنٛج بَس
اَکھ زِندگی اَکھ اَکھ پَن چُھ اوٚدُر
یوٚتام سرٛیہہ چھُس توٚتام ہاوَس
یَکھ یَکھ پھِرناوُن حسرت کاشہہ
کوٚتامَتہٕ تھٔوی زٕبس نالَس تھَپھ
تھَپھ ترٛاٲوِتھ !
زاٲنی زِبُتھی پھِر زِندگی ژُنٛڈ لاٲیی
پُژِ لوٚشٹھ پَنٛتی نوٗ ہاوی زاشہہ

(۱۹۶۲ء)

# ٹاواہ ـ ٹاواہ

پھرٕپستکی کاوَن شُج اَکھ ہَچہٕ ترٛشی
وُپچھ کُلی تہرِس پیٹھ کھاٗجِن
لَنجہِ پیٹھ ستھاوِن چکہِ ہکہٕ ڈُکھرِتھ
واوِ رِنگا اَکھ آیہِ تہٕ ترٛاوِن بوٗن کُن ؟
ٹُلہٕ کُلُ کاوَن وَنہِ کُڈ جَل جَل
زاگا ہیتھ اوس ٹُلہٕ کُلُ کاواہ ؟
تُمی نِیِ جَل جَل ہیٚور کُن کھاٗلِتھ
کھوکھرِس مَنٛز تھاوِن ڈُکھرِتھ
رُوٗدِ چھوٚلاہ پیوٚد ترٛشی پیٚیہِ بوٗن کُن
بوٗنہِ پیٹھکی کاوَن لُب دَتہٕ پیٹھ ؟
ژھوپہٕ دوپہٕ تھاوِن ڈُتھرَن پٕنٛشرِتھ ؟
بوزو کوٚت تام واو ستھوٚپس سیٚود ؟
نَہ چھنے ترٛشی ٹھہران نَہ چھُ کُنہٕ اولا ؟
اَسہِ ووت صُبہِ پیٹھ بوزان خاٗلِس
ٹاواہ ٹاواہ ٹاواہ ٹاواہ ؟

(۱۹۶۲ء)

# سانیٹ

پٔرتھ سمیس منزپیتہٕ دیار گرِکھ یارہ پچھ کارِتھ یا سوٚن کارِتھ
دیارو سیٖتی دُنیا دارد زیٚون اُپز پوٚز کرٕی کرٕی ٹوٚکھ مُدا
زربأفی ڈولیٚت طمہس کھورِکھ کینژ أبی سچوُکھ حرص وہوا
شوقس پیوٚو پیٚتہٕ صحراو گرٛدُن کہہ وچھ کھارُن یارُد مارِتھ

خود دار جنوُن کھوٚت تیٚلہٕ ورگس ییٚلہٕ اسمانس کھوٚت پکھہٕ وأہرِتھ
تنہٕ جامہٕ فقیری ہٲندی لاگِن منہٕ وُزنووُنے میوٚٹھ صدا
پٔرتھ کأنسہٕ ہیوُے ورتاو گوُرن سوٚنہٕ رہ پہ کنہٕ پزرِ لولہٕ دُعا
کنہٕ ژٔڈی ژٔڈی ہنہٕ ہنہٕ سنگلاخن پتھ رُود نہٕ کُنہٕ کُنہٕ دِل ہأرِتھ

ییٚمی خوٗنَن سنگہٕ نوو لولہٕ شماہ تمہ تٔرناوٚیا نہ اتھہٕ ہرِدہٕ ژھٹھ
تمہ کیا کرِ شُشرُک زیوٚٹھ سفر، تمہ کیا کرِ واوِچ یاوٕ گلن
تمہ خوٚلنس شولن شوقہٕ ملر، سوٚدرن لٔہرِ ڈٔ واٗلنج اژِ نٹھ نٹھ
تمہ خوٚلنس ییٚلہٕ بنہٕ نارِ تیوٚلگل، اسمانکی تارکھ نام اَلن

اتھہٕ وُشکہٕ سوٚتس وُنہٕ ٹیے چھ ترٛزر اتھہٕ فقرس وُنہٕ رِنداہٕ ادا
وُنہٕ وتہٕ ہاوُک چھکھ ذوقِ یقین، وُنہٕ عرٛبن مدِتس شیرِ خُدا

(۱۹۶۲ء)

# پاں ژاور

گرگر گرار گر گررز گررر
گرگر گرار گرر گررر گررر
دژسہ دِتھ وَسہ وِنی آبر مَلر
گرگر، گررر گر گررر گررر

جرجر جرزر جرزر جرزر
جرجر جرار جرار جرار
شَر شَر شرار، شرار شررر
شر شر شرار شرار شررر
رَسہ رَسہ چھُ کران آرِ مَژر
شَر شَر شرار شَر شرار شررر

ترتر تژار تر تژار ترر
ترتر ترار تر ترار تررر
کولِہ مَنز وۄتلے پہ رکود ہُبر
ترتر ترار تر ترار، ترارر

سَر سَر سرزر سَر سَرار سرارر
سَر سَر سَرار سَر سررر سرارر
وۄچھ ڈَنجِہ میٚنزِ شژپ پاں ژادر

(۱۹۶۲ء)

# موت

تَرٕ تک تابُن ترٕ۔ تم۔ ترٕ ترٕ
وُنہِ چھُم وأنجہٕ تھَرٕ۔ چھَم۔ تھَرٕ تھَرٕ
شَرٕ شک شاپُن شَرٕ۔ شَم۔ شَرٕ شَرٕ
ہَرگَم پوشِ گیٛہ بَرٕ۔ گم۔ بَرٕ بَرٕ
دَرٕ دُک داسُن دَرٕ۔ دَم۔ دَرٕ دَرٕ
پُرنَم اُچھ لجہٕ دَرٕ۔ نَم۔ دَرٕ دَرٕ
زَرٕ زک زامُن زَرٕ۔ زَم۔ زَرٕ زَرٕ
وَچھ دم، ہَٹہٕ اَرٕ ہَرٕ۔ دَم۔ ہَرٕ ہَرٕ
پَرٕ پَک پالُن پَرٕ۔ پَم۔ پَرٕ پَرٕ
تُچھ نَم اَبہٕ سِنہٕ دَرٕ۔ نَم۔ وَرٕ دَرٕ
لَتہٕ کرٛم مۆٹھ میٛتہٕ گَرٕ۔ کرٛم۔ گَرٕ گَرٕ
ہَرٕ مک ہامنی ہَرٕ۔ اوم۔ ہَرٕ ہَرٕ
مُنٛز گوٚل اوٚش وۆتھ جَرٕ۔ تَم۔ جَرٕ جَرٕ

(۱۹۶۳ء)

# ہے ژۄرو ہو

ہے ژۄرو ہو

ہے میو ژۄرو ہو

کُلۍ تھٔرِس پیٹھ چھُوِ وُنہِ اَکھ ٹنگ

ییٚنہِ تِژاُوِلۍن وٲلیۍن گٔبل لاۓنہٕ

رۄدِ شیٚنہِ چھُہ دژامُت تاوَن زَد

ڈوکھَس دِتھ سیٚنہِ تہٕ ژَھٹھ ژالِتھ

یہ چھُہ ہوٗنۍ اُڈِج ؟

پَرِ ما تھوونَس شیٚنَن رۄدَن

یہ چھُہ توتہِ تیشُھُے !

ییٚلہِ دِیُس توٗہۍ لانٛز تہٕ فکرِ ترلِس

وَنہِ کٔہۍ پیٚوم گرٛز

پلِرنَے یوٗد لانٛز، تیٚلہِ ٹھُلوتون

سَرِ تُو بۄتھ کُل

پلنَے وَسہِ بوٗن کُن یتھی پھیٚشُر ٹنگ

چھُٹہِ آخر شنکرنۍ پژانۍ ہٕکھ

(۱۹۶۳ء)

## مِصرٕکین مُجاہدَن ہِنٛدِ ناو

دَپیٛوم اَز لیکھٕ بیٚیہِ کیٚنٛہہ پٔرأنی پاٹھو

دَپیٛوم شبنَمَ ہٕ ہوٚلہِ وَن موٚختہٕ ژالَن

دَپیٛوم صُبحَس دوٚزم ہیمہِ نۄرٕ دوٚشلُن

دَپیٛوم بیٚیہِ روتلِس دِمہٕ ٹیب نالَس

دَپیٛوم نوِ آیہِ گلشَن مُشکہٕ ناوَن

دَپیٛوم عشقَس تہٕ حُسنَس دِمہٕ کرِتھ مِیُل

دَپیٛوم وَن وِگنہِ دُزناوَکھ کنٛزَل وَن

دپیٛوم سوٚمبراوِ لَے آرَن کوٚلَن ہٕنٛز

دَپیٛوم صُبحُک ہَوا شاہ مُشکہٕ ناوَن

دَپیٛوم ہیمہِ تارکَن پَے زوٗنہِ وَنہٕ شیٚچھ

دَپیٛوم کھوکھلاوِ آرَس پیٚٹھ وُتی تاپھ

دَپیٛوم گگراہِ ہتہٕ کرٕ دوٗرِ گاٹَکَل

دَپیٛوم وُزَل دِمَن بےٚ زأدی جارَس

دپیٛوم اَشی ٹأری تمُ ہِنٛدی کرِتھ مَنقَل

دَپیٛوم بُتھ بیٚٹھی تمی ہِنٛدِ کھارِ سوٚنٛزَل

دَپیٛوم پلشہِ جار صُبحُک وُشنہِ ژھادَن

# صُبح گاہی

سِیاہ موٚٹ ژادراہ زُن رانٹھ خاموٗش
حیاتُس موت پھوٚرمُت ، آورینہٕ بل
پہ کتھِیا گوٚ ییٚت قلم ؟ کیاہ ناد وُنتھہ پیٚو
دِپن گیہ اتہٕ گٹس ووڈھہ کُڈ خبر کُو
ہَوا ترٛہرپوٗو گلیٚن اندر پکھ ہِسر لج
ہُپارِ رٛس کیٚسرِ گیہ اکھ روت ژھایا
بنے شوٗنکس زال ژھیوٚن ژرس پھر پیٚو
تھِکے لج اتہٕ گٹس چھنگ بوٗنہِ پتی کتی
دیا دب لج شکھر زن ڈیرہٕ وٹنس
وُتل وُژہ راتہٕ کرلن بے خبر پاٹھی

کمُس نیٚہہ آیہٕ کتہٕ کُس رٛوٗد ژھیپہ دِتھ
وُتِن دوران دَوان گوٚ روت کالس

کول لونگ لونگ ڈوچر دِتھ شَب سِیاہی
گیپاری تانی کاشہ لُتھ اَکھ آپہ نیرِتھ
سوژ یُوکھ کونڈ گُپہ شٔرپِتھ زَن روت موکَل
ہیوتُن بیٚیہ مۆمتین ٹۆربن دودشُن پھۆر
پھرِمکَن ہنیِوت واوِ کھینگرِبو آپہ وولہِ سِتھ
اَکی زَنزِ زَن سِیاہ وَرقَس پہ کَت ژھُن
نٔتے گلُ دَرخ پُری نُر واژ قافس
گرَھان دُب دُب وَچھَس تَل بَبرِ کاٹھَس
سِیاہی گو وَچھَس زَیُس نور دولیِو
گٔنی شاہہ کولَہ سر چیتھ نیوٗ یہ کمہِ تال
گپارِ کھوت کامہ دیو وُلہ مَنی پہاڑس
دو میزَن کاو رہِمتی پھۆری بَنڈ بَنڈ
نَبُر کمہ آشہ بیٚیہ کوڈ واش نَرِنے
گُنڈ دوسہ راتھ یَس تھَمرِ زاے آس پوش
سنگرمالَن ٹینڈَبن رَنگ دودبَن کھوت
دَرژَن کانجہ شٔردہ کے ہتی نار مُژرِکھ
سِیاہ خانَن تہ ٹشگہ بَر آے نیرِتھ
سوسَتے ہشِر زَتِنہ کھُشر داچ ہَنا بوٹھ
اَما زاد پیشتہ نے زو تاو شاید

ٹرِو ٹِٹ ٹِٹ ، چرِو چیٖپ چیٖپ ، گگوٗ گو<br>
بہٕ پچ پچ پچ ، یہٕ پی پی پی پیٚچھ ہو

ژِ تھرِکۍ ہینٛژتِ ماگ نیرِتھ آنٛچہِ ژھارُن<br>
ژُ سِتھ آے رٔنٛگ لاگِتھ رنٛگ بٔہارُک

سبز لیندرٕ ووٚد ، لیٖنٛدرٕ ووٚشلیوو تہٕ شولیوو<br>
عیٚبٲسِس شوخ تیٖتھ گیہٕ وارٕ تیز ووٚد

سُگٕنۍ اکھ ژٕ ژیٖٹھ کوٚڈن کرٕنٛہِنس جہالس<br>
سُگٕنۍ ژٕ ژیٖٹھ کٔش سٕڈِتھ گرٕتھ ہیٚے دوٚہس سوٚتب

بٕ منٛگہ ہا بس یہٕ سے گرٕتھ واٲنس آسی۔

(۱۹۶۴ء)

# گٔرُنز پھیر

یَتھ سَیکِہ لِس مَشنز ٹسراو ژ کھوٗر

بوٗن بوٗن بوٗن تام

اَتھ چاٗنس پدی آکارس پیہ بُکہ آب بُرِتھ

آلَس چھُ پیٚنٹھیشم تہَہ بیٚہ خرکتھ

تَہہ مُنزی اَکھ نارکھ زٕژ ژوٗک ژھارنہٕ وٗژھ

ژُکہِ کنہ پھلہِ سٕتی کھیتوٗن چوٗٹ

ہیوٗر کھُژ وُپھ لأبتھ

بیٚنٹھ ژھوپہ دوپہ ژھوپہ دوپہ چاٗرس وَچھ دوگنہٕ آرس

ژرِ بچہِ زَن پھوٗر چھُس دوٗٹھ لایان

پھرِ ژیک پھرِ ژیک، پھرِ ژیک، پھرِ ژیک

ژِنے تہٕ کَنَ کپس

منّے تہٕ اُچھن وٕتل

اَکھ اَکس چھ اُسی اَز مُدیہِ وُچھان

سمسارس دِتھ ژوٗدان - پَتہٕ تَہِ نادِتھ ہِکی ناش گٔرِتھ

رٕچھتھ، پالتھ، بیترِتھ۔ پدی آکارس، وَتہٕ صاف کٔرِتھ

(۱۹۶۳ء)

# حٲرِ ناتھ

مُرشہٕ گرِن اَکھ تصویرا گۆر

تَنہٕ گٔیتھ سرٕی گرِی پُوٚرنس مَنگ

گنتھ گرِ دِنہٕ رَنگہٕ ٹیٚنچہٕ چھکرا وِتھ

نۆن سۆڈلِس پٔژون اَکھ اَکھ آنگ

بُتھ سیۆد تھلہٕ تھلہٕ دُچھنس بالس

رأوِتھ پٔژوُن ، پٔرأوِتھ ٹھنگ

---

گِہی رِیُوٚنزا اَکھ ہارپو وَنہٕ سۆڈ

دۆرسے بُلہٕ ہٕٹہٕ دیٚتنس نادٕ

کیاہ یا سُلہٕ وِلہٕ کۆت سکھر دُوٚتھ

کُس دَردِل چھُے پِیوُمت یاد

تۆہی چھےٚ ہَردِ چ سَن گُڈراوِن

مےٚ چھُ سۆنتس سۆنبرُن جادادٕ

کوٗرِ لٹھس پیٚیہٕ میلہٕ چھکھاہ اَکھ

دۆہلہٕ شونگِتھ لجٕ وِدرِنہٕ راتھ

پٔیوم ژہتَس پھیرنَس دٔج لاگِتھ

وُچھنہٕ لجیوو میٔتہٕ وُلکہٕ اَرساتھ

چھوٚت تہٕ کژہُن گیٔہ رٔنگہٕ رٔنگہٕ ٹھولہٕ ٹھول

پوٚز اَتھی پیٹھ چھےٚ دُرِتھ وُنہٕ ذات

---

پَنہٕ پونپُر کَہٕ ہہٕ داہنی داہنی

تھَرِ تھَرِ پھیران گرٕ نکھہٕ آو

وَتہٕ وَتہٕ کوٚرہَس گُل بار پوشوَ

دوٚہہَس وَلہٕ بیٚہہ یادُن چھاو

تہٕ ہہٕ چھُو برٕم دِتھ یِم مُژراوَن

مےٚ چھُ معلہٕ ناوُن یٔلہٕ چکہٕ چاد

---

اَڈٕ رہتہٕ کالی موصُم پھرٕہ پستَن

برگَن برگَن لٔج زَن چھاٹی

ژھاگگی گٹہٕ تام مَس دال رُوٕ دِکھ

باتھےٚ نیوٚکھ ٹھلو ٹھلو رُدِ داٹی

اَصلی بوزِد اُرم پاٹرِم

راہ مساٹرِ فرِ ہیٔتہٕ اَنزاٹی!

(۶)۱۹۶۳)

# وطن

وطن، وطن، وطن سانے حیاتک بہار
تھکیتھ لالہ زار پژزلوٗن خمار

وطن سون، سانین دِلن ہُنٛد قرار
وطن بالہ یار ، وطن ، بالہ یار

یہ سون پوشہِ مالِنٛن یہ اسہِ شیر تاج
یہ سون باٗسے راج یہ سون مہر داج
سیٹھا رُت تہٕ یوٗت توشہ دِن پوشہ زار
موٗلُل موکھتہٕ ہار
وطن سون سانین دِلن ہُنٛد قرار
وطن بالہ یار، وطن ، بالہ یار

سنگرمُت چھ اَمی سانہ لوٗلک گولاب
سیٹھا بے حساب، حسین لاجواب
چھ انٛجسان کرِتی بے حد بے حساب
نہ شُم چھکھ نہ تار

وطَن سون سانِہن دِلَن ہُنٛد قرار
وَطَن بالہِ یار ، وطَن بالہِ یار

دُلو از یہ شیرون تہٕ پاّرون زبَر
گُنٛڈتھ دوّر کمَر، بنِتھ راٗچھدَر
وَندوس دِل جگَر، آلہٕ دوس لوکہٕ چار
گرِتھ سَر نِثار
وَطَن سون سانِہن دِلَن ہُنٛد قرار
وَطَن بالہِ یار ، وطَن بالہِ یار

(۱۹۶۴ء)

# کاکد وٲلؠ سٕنز کتھ

کٲپی کاکز اَخبار ہیٚنو

ژُٹ پُٹ چھو ژَچہٕ اَشبار ہیٚنو

پھوٚل ہیٚول ٹھوکھٲرِن کھارٕ ہیٚنو

دَھن دیار ڈُبو گرٕ بارٕ ہیٚنو

ژُدی کاغذ اخبارٕ ہیٚنو

بوزِتھ زوٚر ڈٕشِتھ اوٚن لاگو

کُمی کیا گوٚز تہٕ ہہِ کیا ژیٚون لاگو

کھارا کھیتھ سَنہٕ کھوتہٕ سوٚن لاگو

زیٚوِ رٔہن کرِو گُفتارٕ ہیٚنو

ژُدی کاغذ اَخبارٕ ہیٚنو

ہُمی کتہٕ اوٚن اَتھ کَتھ سَنہٕ بےقل

یٚیمی کُن چھوٚن، یٚڑھ کَتھ وَنہٕ بےقل

کھوتہٕ وٕٹہٕ کھوڈ کیا کھَنہٕ بےقل

پٔرنہٕ کانٛہہ کُنہٕ چھُو پھیر ہٕپیار کٔرنو
ژُدی کاغذ اخبار کٔرنو

ہُمہٕ کُن غارٕ رُتھ، توٚہی مَتہٕ ٹسٕنی تَو
بیٚیمی کوٚڈ حاجتھ، توٚہی مَتہٕ ٹسٕنی تَو
ووٚب کُن پٕیژ وُتھ توٚہی مَتہٕ ٹسٕنی تَو

باہِ قیٚ چھوٚنا؟ اَمار کٔرنو
ژُدی کاغذ اخبار کٔرنو

(۱۹۶۴ء)

# اَسہِ کوٗر فاضل

اَسہِ کوٗر فاضل سیٚنزرس پنزرس روزُن نالی نال

راچھ گٹہٕ کاسۍ پنزِ صُبحہِ چھ پترِ سون استیقبال

اَسہِ دیُت کلہٕ کاپیناس اَسُنک دوٚپ سمہٕ زارک دائے

اَسہِ تھوٗ پننین قولن فیصلن لسنچ بسنچ ترائے

اَز تہٕ گواہ سیلنے دِل صافی پزون ہمالک سال

اَسہِ کوٗر فاضل سیٚنزرس پنزرس روزُن نالی نال

اَز نام کاتیتا اوٕ کی بورکہ اَسہِ ژھین دِرہٕ پوٚت آسے

اَسہِ زانی ساری پننی پانی، نَن اَسہِ وچھ تکلہٕ زالے

جانا وار چھ بٲون بٲون بانُس کرُن سوٗ چھیکھ کُنی چھیکھ تال

اَسہِ کوٗر فاضل سیٚنزرس پنزرس روزُن نالی نال

علمس اَدبس گمہ سپتی سنگہٕ وتھ سمیس بدلاو ترالے

اَمنس تَن مَن آیت تھاوِتھ اَنزرو، ساری نیتاے

صُبحک شبنم لول تہٕ ستہ ہیتھ پتراران بُری بُری تھال

اَسہِ کوٗر فاضل سیٚنزرس پنزرس روزُن نالی نال

ییٚسے مشترکہ اَسہِ لبہ وَزِھ ترادو، چشمن کاسوٗزھاے

ششرس ونہٕ کیس دَند چھٹہٕ آدِتھ سونتس شیرو جاے

وطنک اکہ اکہ دِل تھاوو اَسی شیبہِ سمٔنی مالا مال

اَسہِ کوٗر فاضل سیٚنزرس پنزرس روزُن نالی نال

اَسہِ کٔر اَز تام پَزَرس پۆزا ، اَپزِس ژھۆٹ گیہِ جاے
لولَن تھۆوشہَ بلہٕ ژارَس ، شور زَن دِلہٕ سے دُبرلے

اَسہِ روزِ پزٕرِ وٕنی لولہٕ مَشأیا ٹۆڈھ جوٲہِر لال
اَسہِ کۆر فأصَل سیٚنزَس پزَرس روزُن تأ لی تال

(۱۹۶۴ء)

●

## نعت

سوبتھ تہٕ زیٹھ نظر ماری موٗنڈ مُژھنیل گاشس

ہیوان چُھ کھونہٕ کاپنا تَس، کران چھ سپرن فاشس

پُترسس دِدان چُھ کدِل، باطلس تلان پُرخاشس

وُڈو چُھ عشق ہیٚچھان ییٚلہٕ پکھن چُھ نیران واشس

کدان یراوِ چُھ نو وتھ پکان چھےٚ بزدِنہٕ برونٹھہٕ آشس

منزان چُھ عشق سمندر، عقل بنان آکاش

سوبتھ تہٕ زیٹھ نظر ماری موٗنڈ مُژھنیل پراکاش

وہ کھان چھ بنٛدرِ وچھس منٛز قلندری انداز

وزان چُھ آرِ گرزان شانہٕ بوٗڈ یہ فقرک ساز

بران چھےٚ گوڈ ییٚلہٕ ہتس شرا فتیح آواز

گرزھان چھ ہنہٕ ہنہٕ اِفشاء موحبّتکی شنز راز

نَھدان چُھ آدمی قدییٚلہٕ گرزھان چھ اِفشا راز

وٕہ کتھان چھِ نٔندرِ وَچھِس مَشنز قلندری اَنداز

یَکان یہِ وہنتھ ییلِہ اَسہِ کِنہ نوَان چھےٚ ساَنی کٔشیر

پٔرزِس پٔرزِس چُھ گرزھان مِثِل بنےیہِ ساَنی ضمیر

سگوٗ اُمی میٚنتہِ دِل پھاشِھلوو چون ضمیر

سیٚٹھا وسیع چُھ اُمِیک شریٚہہ تہٕ مایہِ ہٚوت تاثیر

تہٕ لاَر جاہ و جلالَس چھِ ساَنی نان شعیر

دُعا سلام تہٕ اِلٰہی ثواب جَبر قوٚبوٗل

کٔشیرِ سانہٕ رٚیشُت ٹوٗٹھ فخرِ حُبِ رسول ؐ

(۱۹۶۵ء)

# کرٛسمس

دوٚسہِ تَل وٲتِتھ زَن کانٛپیوٚس ہیٚتھ
اَتہٕ اَنٛد پوٚکھ دَم چھُٹہٕ شٔہَہ کھَسہٕ وَس
بَرِ گوٗمُت وَق ژھپِتہٕ گوٗمُت دوٚہہ
دوٚسہِ تاٲرِم لانٛچھ تہٕ روٗزِتھ گوس
کلُو تَنٛدلاہ نیٚتھہٕ نٔنی، اُڈٕی جوی کرٛنٛز
سُتٔرِس پُتھرِس مُنٛز نیٚبر رُوِتھ
پکھہٕ کوٗلِس دوٚدہٕ، کاوِنہٕ ہتھ شتھ
ترٛوٚدِ لجہٕ مَژٕ گوڈٕ پیٹھہٕ بٔہرِس تام
کلہٕ کِنی چھ کینٛہہ اَویزان کینٛہہ نلہٕ کِنی
کینٛہہ پُتھرِس چھکرِتھ زَن پوٚہی پَن
ہےٚ بُنگہٕ ہیوٚہ اُکُس شاہ گنٛزران
پیٹھہٕ کِنی آے جانا وار ژُرِتھ
ژٕرِ ہارِ بچارِ ژُمری کرٛیکہٕ ناد تُلان

زَن ہَنگہ مَنگہٕ رۄٹاہَس ژھۄر کرَان

گَتہِ آم تہٕ پٔیوم ویتہٕ نام ژہ تَس

ہُکہٕ ذٕہنَس مَنز وۄتلیوم ٹیۄٹھ دٕہہ

ٹُکہٕ ناَرو مَنزٕ زَن شور پکُھم

ژَمہِ ژھٔنۍ ژِھنۍ لاریم نارٕ تیوٗ ٹنگل

سینٛدِ گوس یَنہٕ زَن وٕگلِتھ گوس

(۱۹۶۵ء)

# سیٚنٛدِ وانہٕ ٹھٔہر

سیٚنٛدِ وانہٕ ٹھٔہر کتھ باتھ کرٚد
رِشنہٕ مانہٕ پرژھو درجاتھ کرٚو
سیٚنٛدِ وانہٕ ٹھٔہر کتھ باتھ کرٚو

یہٕ چھُ مولق بال ووٚڈِنی زن دَن موٚہنیٛو
جَمپھ دِتھ کھوٚتمُت ہٕلیٚر ہیٛور تہٕ ہیٚورُے
پیٚٹھی پیٚٹھی ژٔرے گومُت اوٚبرٕ لنٛگاہ
زُن کنہٕ گچھ راٹھ چھنٛے دژاہٕش دۄ دۄِ تژو یہٕ مٔنٛزٕ کُن
اَسمانَس رَنٛگ گوٚشوم سری لوٚسِتھ کرِ تام
ہُتہٕ یارِ لُبرَ اَکھ چھنٛبہٕ گومُت
زَن وُزلہٕ پژٕ اُٹھتھ تژٕاو قلاے
وُنی زَوٚن چھنٛے دژاہٕش اوٚڈ گوڈٕ کوٚر ہیتھ بازرکُن
کُلی گہٕلس مَنٛز چھُژ بژٕ آر چھنٛے باسان پھیانگان ہٕش
لَرِزھ کُت وَتہٕ پوٚد ہوٚل ہوٚل چھُ پکان

شَرشَر آبک زَن ژھو پہٕ دوٗ پہر ہش
ڈُنگ دِتھ وَتہٕ ڈوٗلمُت
بے خاوندگرُ
ٹھک ٹِھپ ٹھک ٹِھپ
گوڈٕ زٕوُنہٕ وُچھان
پَتہٕ روٗٹہٕ گرٕژھان
دیدمان اوس وُنی
وُنی گوٚ گوٚت تام
تُس تھامہٕ گومُت رٕہلار پکنُ
ژٔنے تہٕ تھامہٕ چُھ گومُت چون خوٗدا
مٔنے تہٕ تھامہٕ گوٚمُت اُزمیٖون صدا
رِشتہٕ ماتہٕ پرٕژھو دَرجاتھ گرٕد
سینٛدِ وانہٕ ٹُھہر کِتھ باتھ گرٕو

(۱۹۶۵ء)

# رنگ آمیز یادٕ واَری

اَز چھےٚ رَنگ آمیز یاد آواَری یاہ خوش بوتےٚ داو
اَز چھ بیٚنہِ مجنوٗن اَیحساسُک جونوٗنُس رُگ دِوان
بیٚنہِ پِتوان زَن یادسےٚ یُس یتھ دٕھےٚ اَسہِ یاد رَوٗد
اَکھ مُژھتُل آلو، یُس یُتھ راز ہُند موٗد برسترٚنیہ
عاشقی ہُندسوٗن تَصوُر حُبِ وَطنُک لولہِ راز
کاشرِ آرن کوٚن ہنرٚشوٗزرِ سازچ گنگرلے؟
شینہٕ بالن ہِندی وِدہٕ زٕلٕ تینتاٗلی ہیمڑ ہُند تھَزر
آسمانُک حد، خیالُک رَند تہٕ ذہنچ زیٹھ وُچھ
خوٗنہ کنہِ رَگ رَگ فقط سیماب بکہِ ناوان ژوپأری
دُنیاہس مَنزٕ یتھ پَنہٕ دُنیا رَوٗد اَیحساسُک وُڈٕ
کور ہُند مولا، زنانن ہُند رفیقے، دَردِلا
ٹوٗٹھ بویا، اَکھ جگر وولا، مگر ژھوٗپ، زُل زلا
نارٕ موٗند اَکھ خاب آزادی، علمِ ہِندوستان
ہسرِ یہِ کھسہِ وُن، بال اَسہِ وِنی، زندگی ہُند خوش خرام
کاشرِ ہنرٚشوٗزرِ میٚنیرِ ہنرٚ اُڈرن، سرکش مزاج
عالمی اُمنگ پُژھن وولا، بُلند اَکھ حوصلا

بیٚنہٕ منٛے پھو اَز یاد سٕے، یُس ییٚتہٕ دوہ ہیٚے اوس یاد منٛے

ییٚمی وُطَن ہندُستان آخر بنوٗوٗن کُل جہان

ییٚمی برابر تارٕ کانٛج واتہٕ ناوٗن اَند ژٕوپور

ییٚمی دوہ ہیٚے یوٗژہ آدَمس گوٗژھ آدمہٕ سٕند ناد بیٚون

ییٚمی دوہ ہیٚے دوٚپ اَکھ اَکِس لِشہٕ گوٗژھ نہٕ روزان کانٛہہ نہٕ بیٚون

یَس اَکے کُنِرک تصوٗر زَن لِشاہُلک سَرٕ دِکُل

اَتہٕ چھ سارٕی وُزٕی یِہکی بیٚون بیٚون پَنٕنی اَسہٕ پوشہٕ زاٗژ

اَتہٕ چھ باسان ماجہٕ ساتے سارِوے زَن دوہ دِ چوٗمٕت

اَتھ مقامَس عشق سَیدان پوٚختہٕ شوٗتک تاو کھیتھ

اَتھ مقامَس بیٛٹھ چھ مِصرک یوٗسف کنعان پَنُن۔

اَتہٕ فلسطینی مُجاہِد میانہٕ سَفرکی ہم سَفر

آب گو آبِ حیات گنگایہٕ پیٛٹھہٕ تا وولگا

اَکھ تصوٗر اَکھ پرزر، اَکھ ہُنٛد حقیقتھ زِندٕگی

گاہ چھیٚے زوتان زَنتہٕ گاندھی، گاہ چھ نہرو دَرٕ دِلکُ

ناو، یادا واٗری یاہ، یاداش زَن اَرمان شُلُک

اَز وُڈَو کرنَس چھ بیٚنہٕ شاہ پاٗز لوٗلک بے قرار

اَز ہبَر خوٗلنَس چھ زَن تاشوٗقہٕ ہیٚے سپھوٗلہِ متی گوہ لاب

اَز چھ رنٛگ آمیز یاد آداٗریاہ خوٗش بوے واو

(۶۱۹۶۵)

# سُہ تہٕ اوس دوٚہا

سُہ تہٕ اوس دوہا
ییٚلہٕ اَکی شخصَن اَکی زاجیٚو ژوٚنگ
تہٕ لولکُ مشریٚہہ ملہٕ وِتھ اَتھ ژاٚنگِس
نارٕچ ریٚہہ کھاٚرِن ہیٚور ہیٚور
ییٚتہٕ کانٛہہ زٕچہٕ مۄت بےبَس اَتھہٕ چھوٚن
اوس تہٕ تمی گُڈ دوٚکھ ہٕش ہَنگہٕ مَنگہٕ
ہیٚے بُنگہٕ گٔے در. دیوار
لوٚت لوٚت سوٚت سوٚت
ژھوپہٕ ژھوپہٕ مَنز یکی کاٚتیا کاٚتیا
اَڈکھبو بُتھی، اَڈٕ مُری اَرمان، اَنٛہری ہَوس
یَتھ ژاٚنگِس ریٚہہ اُس پرٕزلان
تَتھ لگی چھپہٕ کَتہٕ کاٚتیا دِل ہشیار
تھوٚد ووٚتھ رَسہٕ رَسہٕ بیٚیہٕ شہمار
شوٚنگمُت شہمار

تہ ژانگئیک رٔبہ گو بژادان بژادان
بژادان زَن اَس کاتھہ وُزمل
پژتھ کاتھہ دِل چھوکہ لدٕ منقل
پژتھ کاتھہ خاب بنیوو اکھ نژون شولہٕ دِدان
زَن نارٕ تُہل
ہے بُنگہ سُہ دُنیا دارن ہُند دُنیا
وٕیسرتھ پلیے راج محل
ژانگس تیز ئوو شہٕ وہ زلیوو
نارو نار سپُد دُنیا
رٔتہ ژانگی بنے یہ اچھ
لچھ بدٕ ژانگی ہیتن پژتھ جایہ دزنی
دُتی یا تژہر ئیود
سُہ تہ اوس دٔہا
ییلہ اسہ وُچھ ییتہ امہ گاشک گاہ
اکھ پیوٚنتا اکھ ژاو آنگن سون
اکھ دوٚرچ آوازاہ اکھ
زَن میوٚٹھ زُٹل کاتھہ آرٕ صدا
وُچھ یانی تہ تانی اسہ دِل وُچھلیوو
اُسی دژاے پننی ژھینی ہتی شہٕ ہتہ

پُژ لوٚنچن کیتھ دوٚپ
اَسی سوٚنبرو نوٚو گاش
تہٕ پیٚہرِن زوٚل کرو
زَچہ شیرو مچہٕ بُبلن منٛز
توٚ ملس لوزٕ کرو
اَسہِ وُشنیو ورتھ
اَسہِ وُشہٕ نوو شاہ
اَسہِ وُزِناو دیتھ
اَسہِ ژٔژھراو ستھ
پَتہٕ کیا گو کیتہٕ کٔنۍ گوٚسوزِے
پَتہٕ زانہِ خدا سانِین زَچہ پلوو منٛزی
ژوٚل نیٚرتھ سونتہٕ شہُل شبنم
تہٕ ییٚمی لوٚب تمی کوٚر خم اَتھ
کوٚرنس چھونیا ٹونیا
اُسی رٕوٗدی تِتھی
یِتھی زاہتی اُسی

(۱۹۶۶ء)

# زِنٛدٕباد

زِنٛدٕباد، مٮ۪ے حَض بَس چوٗنے سرٕ ٮ۪یہہ
زِنٛدٕباد، یہِ نخوٗتھ اَپزٕے تیٚہہ
زِنٛدٕباد، ژٕ پٮ۪وکھا اَدٕ حَض پیٚیے
زِنٛدٕباد، خبرٕ کَتہِ آیی نیٚہہ
زِنٛدٕباد، ژٕ کُس حَض؟ وُلہٕ حَض بیٚہہ
زِنٛدٕباد، مٮ۪ے داماہ ژٕ تہِ کیٚنٛہہ چیٚیے
زِنٛدٕباد، اَلٕے دوٚد، تھوٚد چھَس رٚیہہ!
زِنٛدٕباد، مٮ۪ے اردھم اردھم ژیٚہہ

اَسہِ ووٚت وُچھان پِی حال لگے
یہِ چُھہ سوٗرٕے مایا زال لگے

ہِلہٕ زار کٔرِتھ بدنام سَپدی
گاہ پوٚختہٕ تہٕ گاہ اَسی خام سَپدی
زٕیوِ پیٚٹھ کھٔسی لیلام سَپدی
سوٗن اَسِتھ زَن اَسی ترام سَپدی
کیاہ تام اَسِتھ کیا ہنام سَپدی
اَسہِ گو اہِل کٕے رٕمبال لگے
یہِ چھُہ سوٗرٕے مایا زال لگے

(۱۹٦٦ء)

# ویتہ ناگ

اَز ڈیٚشِم اَز اِنسان
چھ کأتیا، کأتیا اٗسی
بیٚون بیٚون تہٕ نہٕ بیٚون باسان
یِمے لَنجہِ لَنجہِ بامَن
اَنزٕ آنی تہٕ زأنی زان
ہِشی زَن مَنہٕ کامَن
ہَتہ شَکلہٕ تہٕ کُن اَکمان
ڈُلس مَنز سوٚنتہٕ ہَوا
موٚت شبنَم موٚختہٕ ہَران
نِشا طکُ گُکلہِ صَدا
اَکہ اَکی سُندِ کھوٚتہٕ پرٕنی جان
کوٚہَس پیٹھ پژُو شینَس
مَنہٕ شوٚدی بوٚدی میٹھ زَبان
ژَندن شیٚتہلَتھ سینَس
پرُتھ ژُمہِ نَل رَتھ ناپان

وُزُل زَن رَتھ چھُ وُشُن
پَرُتھ ڈیکہٕ زَن نوٗرٕچ کان
سُہ چھوٚت زَگ یا چھُ کرٕہُن
اَسہٕ وِنہٕ ہوٗشجہِ وَسہٕ وٕنی چال
پَنٕنی ہِش ماے پَنٕنی
مَس کھاسی چھ مالامال
اَچھن مُتر ترٛاے پَنٕنی
ویت نام پَنُن ویت نام
یوٗہَے زَن سون وَطَن
مِصرُک پَزرُک پاٛغام
یوٗہَے زَن سون وَطَن
اَفریقہٕ بَنہِ نہٕ غوٗلام
گَکَن ہالو تہِ گگَن
دِیہٕ گاہ سون اَنہٕ گَنٹہِ دام
پھولَن گُل دارٕ پھولَن
اَز ڈیٛٹھِم رٕتی اِنسان
چھ کائیناتس کاٛئناتس آسی
ٹُلہٕ تَلہٕ بہٕ چھُ مئوٗنے پان
چھُ سوزَس سازَ گَرِتھ

# خدشہ

(اکانوسانیاس نذر)

کُلِ عالمہٕ کین شہیدن ہندِ ناوٕ

ہے منے نہٕ سأ چھنہٕ پانس تامتھ
وَنہٕ کیا کُنز ما تُلہٕ کُنہٕ ساتَن؟
اَنی گأنی پأٹھی زَن لأیم
پھٹہٕ تَن رَوقس شیشو دأراہ !
بجلی بَنہٕ ہتہٕ کنڈلِنہٕ لگِ تَن !
ژھینِ تَن غلطَن کُنہٕ جالارس !
کَن اَلِ تَن اوٚنگلس پیٹھ بوٚنگلس
پِشہٕ ہَن وُڈِی تَن دیوان خانس
نَس کَن ہلِ تَن کُنہٕ دَرِ طوطس !
لگِ تَن سپنس سیوٚد پھوکہٕ ڈُولِس
ٹوکھ لگِ تَن کُنہٕ موہ کھتے ہارس
اُڑِی تَن کھرٚوب کُنہٕ موٹر کارس
تأجی پیٚنے تَن کُنہٕ مُرتی وُسی

چھوکہ لد گرٛھو تَن آنہٕ سنگارک
اَجہ میٛنگہٕ قراقُلی کاشہ پیٛیے تَن
چھِھ لگو تَن کُنہٕ سوُٹس بوُٹس
گرٛھو تَن پیٛٹھ کہنی کُنہٕ کَنہٕ پوُتلس
ہکو تَن ہری پیٛٹھو کُنہٕ ڈالاکس
گرٛھو تَن برٛنگ اَستانکُ زخمی
عاباہ تہٕ مَنٛدٕ چھا ساٗری سوچُن
کُلہٕ تکہٕ موٗت منصوٗر یہ پاگلَ
بُتھو پھشیر، فاٗرتر، بیقل آخر
بہٕ تہٕ اوس ہیلے توٗہہ شِتھہٕ ٹلی دِل
وُچھ ساٗ ماچھس پالس تامتھ
سو کیہہ موکہہ ماٗیلن اَز مَنٛدٕ چھاٗون

(۱۹۶۷ء)

# سانیٹ

دوہہٕ اَکہِ کوہہٕ پُتی زوٗن کھٔژ ژوٗٹ ہش
ناَلس ژھیٚنہِ مژٕ تَتہٕ وُژھ تژاَوِتھ
روہپہٕ تَنہِ ہَنہِ ہَنہِ داغ نُنی راَوِتھ
پُنہٕ پَنہٕ گاَمژ پوٚشپری پوٚٹ ہش
زوٗن کھٔژ ژوٚٹ ہش چھٕچژ گوٚٹ ہش
زَن موٚزریٚنہِ کَستام ژھلہٕ راَوِتھ
ٹھیکہ دَرَن اَکی تھٔو پُشراَوِتھ
پُھٹہٕ واَرِس سیٚتی روپیا کھوٚٹ ہش
زوٗن کھٔژ ژوٚٹ ہش بوچھِ لَج بالَن
اوٚبرَن ہیٚژ بنیہِ گَج ژھیو راوِنی
وَنہٕ وِگنیو پیٚوو زَن ووتھِ دالَس
بَتہٕ کلُو زَن کھُتی سنگرٕ مالَن
مئےٚ تہٕ ہیٚتر فاقہٕ پھرِس شیٚچھ باوِنی
اَچھ پھرِ پھرِ وُچھ میٚتہٕ اَسمانَس

# سمجھوتہ

پمپم گُلی گُٹ

گاسہٕ، دزمُن، زنٛڈ، کچھ

یمہٕ سیرِ تہٕ سپمٹھ

دارِ نہٕ کٔشِ —

میٚیثرِ موٚہنیو زَن پیٚیٹرِ بَنہٕ زامُت —

یہ چھیٚے بوٚنگلہٕ تنٛڈَل،

ہُہ چھُ جنگلہٕ گُنٛڈِتھ

یہ چھُ سوٗرے وٗلنہٕ یوان میٚیے زَن

ہَنہٕ ہَنہٕ چھُم تیلان،

گَنہٕ گَنہٕ وَسہٕ نام سُنٛزِتھ گُژھان

ژُکہٕ یُہ تہٕ اُنٛدرہٕ کھوٗکھرٕ سوٗرے

گَترٕ نوٗبُل بَھٹہٕ!

" اَرتلہٕ فونوٗس تہٕ صابنہٕ پوٚس

اُکھی اَژنام اَکھ سُمسار وٚیپیوٗ

اَنہٕ گوہ پھ ہُٹ شد زٕٲیس

یُتھ اَز تام لچھ بُڈی بُھٹی گیہٕ رأسی
ییٚیمی اَز تام ژٕلہٕ وُن کال نبینگلُ
تم گژٕنہٕ رٕوس ژٕہی

ہُتہٕ ہُتہٕ بُڈی وٕہی
سوہ کھ دوہ کھ لوٕ ے گوٕ ے

دٕ ے ماے تہٕ پٕشی
ٹاچھَر میچھَر لوچر کژٕ بچھَر
پھوٕلہٕ وُن آدَن مدٕ موٚت یاوُن
'ووٕ نی توٕی توس سکھ'

زَن اوس نہٕ کھیں
زَن اوس نہٕ کانٛہہ
تژاوِ وگنہٕ
کانٛہہ لَہرا تژاوِ و
بَس تِی چھ سیٹھا

(١٩٦٧ء)

# اَچھ

بتھ سٹرکہِ وُنیشدُر اَزلُس زَن
راتی راتُس گَس ، موٹُر دِو دِو
بُتھو پلشجہ چھٹے نیٖنہٕ ولو ہار کَران
اَدِ صُبحَن گَژھ ہیٖس اُچھ پِنھٕ اُچھ
اَمی نژکہ چھٹی ہوٗنی ٹوٗں ٹوٗں لوگُس
پیٖیوس نیٖندرِ وُتھن
اُچھ مٕوراں مٕوراں کاڈ کوڈن
واتُل موکہِ لیٖوس وُنی بُتھ سٕروِتھ

---

سکریٹکر دَروازَن کَرُ زامَن
زَسمہٕ ڈٔجِس
وُنی ہیٖکہِ نہٕ یہٕ ظاہِر اَس وُرِتھ

وُنۍ اَزِ مِچھ ساساہ اَتھ أَسس
شٔرۍپہ شۍکمس اَتھ
پۆت شۍنۍہلِبن زٔمن ہوشس پۍس
مِچھ ساس وُتھنہٕ واپس نیرِہس
گۆژہٕ مٔڑک رٔنبوٗد تہٕ ہێنۍپہ سکھرُن
بێنۍپہ راتس پێٹھ
مِچھ راتس پھیرن کارُن پێٹھ

(۱۹٦۹ء)

---

# شونا تھَن

اَکھ واو رِنگا آیہ تہٕ چھول زَن سون جِگر  
دٕژھ مُشکہٕنی دار تہٕ لَبہٕ گٔیہ سوٚنہٕ سٕنٛز طرفاتَن  
وُچھ میوٚڑھ سوٚپُن وآلنجہِ گوٚ دُب دُب اَڈ راتَن  
تَن ناوِتھ اَمرِتہٕ مَنٛز گٔھرٛ وُنی ساٚنی نَظَر  
یَکدَم دِیہِ نَفرٔژ ہُشد چیتھ کمٔی تام زَہَر  
روٚٹ بٔنیہِ اَکہِ وزِ وٚیہہ پانہٕ ہٕٹس تَل شیوناتھَن  
تُل لولہٕ وَتَن کُن شوخ قَدَم لُکہٕ اَرساتَن  
لوٚگ اَنہٕ گٹہِ چاک گریبانَس ووٚسہِ آو سَحَر  
ووٚدِ گوٚڈ کال میٚتہِ چکہٕ نکہٕ اَتھ وَتہِ وُچھنَس  
مٔنے چھ باسان زَنتہٕ بِلٛشو مُت چھُس یَتھ شہرَس مَنٛز  
تَمہِ آیہ گژابہِ تہٕ تژابہِ چھُ اَسہِ لبَس دژیہِ قسَمَس  
اَسہِ پژتھ وزِ کوٚر کاندھی وُڈرُن کیٛژت لَڈہِ لَڈہِ سَفر  
اَزتُلناو لاد تہٕ پژژھی توَ کأنسہِ ژِکُس باچھکھ  
پژتھ کأنٛسہِ چھُ موٚٹھمُت، مول وَنان "کُس چھکھ، کُسٛ چھکھ"

# آنہٕ ـــ زِندگی ہُنٛد

گوٚمُت چُھ گوٚنٹ آنہٕ زنٛدگی ہُنٛد
چُھ لوٚت ہیوان شُہرُتہٕ مُشرِ غُبارس

نظر چھےٚ یَخ بَستہٕ زَن خیالَن
جِگر چُھ وُنہٕ لوو نوٚ بہارس

پُرٕس تہٕ اَپرٕس چھےٚ باٚج دِٹھ ہش
نہٕ ہتھ نشان بُتھ نہٕ یتھ نشان تھر

لوڈیو داماہ ساہٕ شوٚقُک!
چھ دٚل زٕٹھ آسی پُھٹس اَمارس

مٔنے ڈینٛجہ کھُر اوٚن اموب پانٔے
پَنٕس پَنٕس دِژ اَلگ اَلگ سِنھ

یَپارِ زٕژ داوِ داو نیرِتھ!
ہُپارِ وَر زام گاٹہٕ جارس

یہ اوس ناشوق خام پَمنہٕ نُے
دَماہ دَماہ کوٗر اِشارنہٕ پَتھ

جوٗنوٗن گوٗژھہ پوٗز جوٗنوٗن آسُن
چھوٗنُے ہَوَس کَر کھڑدو دارَس

قَدَم تُلُن اوس بجا سُہ تُل نا
قَدَم کَڈُن کیاز ووٕنی چھُ مُشکِل

تھکان چھُ ناپوٗختہٕ شوق شایَد
ہُران وُہرِ یٖلہِ چھُہ انتظارَس

یہ اَنہٕ پوٗٹ پَلنہٕ زندٕگی ہُشد
اگَر یُتھُے تھوٗو غِلاف گَری گَری

نَہ بُتھ ہیکِھ زانہٕ پَنُن ژِ ڈیشِتھ
نَہ نیرِ کانٛہہ تَر مےٚ زاآدی جارَس

(۱۹۶۹ء)

# یِنہٕ والِبن کُن

ٹھُہرِو ٹھُہرِو توٚہی
وُتاوٕلی مہٕ کٔرِو ـــ ٹھُہرِو ٹھُہرِو
کُنہِ کُنہِ وُنہِ کالہٕ اڈُبُرچُھ نبس ژٔن نال وُلِتھ
نیٚہہ دٔراو چھُ وَتہِ وَتہِ ییٚر دِنان
وَنہٕ واو چھ ژھایَن اَنٛدی اَنٛدی پھیٖرِتھ

یُدی میٖنان
کھوٚر موٚرِتھ شبنَم اَرِ یَس کٔری کٔری دَم ہاران
وُچھ کارِ پٔتلِن وُنہِ بارٕ تَتان
وُنہِ ژٔو ے چھےٚ سیاسَتھ اَنٛزراوان
وُنہِ پمپوشَن گیٖنجہِ گٔنڈی گٔنڈی
اَڈٕ اَڈٕ چھ گٔڈان
اَلہِ ترٕوہِ چہِ گوٗمُت
وُنہِ پوشَن چھ ژٕھر پیٖٹھ ہیٚرِتھ پھٹی پھٹی نیران
وُنہِ شوق چھُ راوان سیٚکہِ لبِن مَنٛز
وُنہِ جُنٛس عشقَس قَد میٖنان ۔ کمہِ گزٕ میٖنان

وُنہٕ ژٕکھ چھہ لگان کُنہٕ گلزارن

وَلہٕ

کٹھُرو کٹھُرو

دَم دِتھ نیٖرو

دلٕو وِز ڈُلہٕ اَسمانَس ڈُلہٕ رنگ

دلٕو

دلٕو

مَتہٕ کَرِو تَوٕیہٕ پژا وُتاوُلی

توٚہۍ یُن چھُہ ییٚو

ییٚلہٕ تاپھاہ پیٚیہٕ

ییٚلہٕ سوٚنتاہ ییہٕ

ییٚلہٕ صُبحا پھٕولہٕ

ییٚلہٕ ـــ

. ٹہٕ تہٕ آوُس ـ مےٚ سٔتی کاتیاہ

لشدٕنگ لاس چھُہ اَسہٕ لوٚبمُت

یُس توٚہۍ تہٕ لُبو

(۶۱۹۶۹)

۞

# کتھ باتھ

نَظر لجِس شایِد اِپی لالس!
کَس رُٹ
اُمِس سوٗنتس رِشکس لدِس
بِنیہِ کَس لگہِ ہے ؟ توٚہی زاٗنیوٚن نا
کُو دِژُنس ؟
پَنہٕ نی یاٗنٕن ۔ بِنیہِ کُس دِیہٕ ہس
چھُس تا بانہٕ تہٕ بُتھ اُکھی لایق
کتھ پیٹھ دِژہس
آپُرِس پَنہٕ لِس پیٹھ بِنیہِ کتھ پیٹھ ؟
ژھَپیہ ژھپیہ کُری کُری سوٗنتہٕ سُلی اوس پُھٹنس آمُت
اوٗس کیاٚ ؟ پُھٹنس کتھ آیوٗد
ہیٚے آمُت لوکہِ چارس مُنز چکہِ چاو چھُ آمُت ؟
خدا آسان پژتھ کتھ خدا آسان
رَنگہٕ ٹیٚچھِ اکہِ زَن بشگہِ ٹیوٚٹھ دیٚتنس
سوٚن تہٕ دہگن گوس مُشی تھے سوٗرِ ؟

ہے پمہٕ چھنے کیتھ
اَمی سے کھوٗتہٕ راہ ؟
کَتہٕ کاُتیا ییتہٕ پَھٹنَس آمتہٕ
اَزکَل مَنٛزٕ لیٚبہٕ چھےٚ پانٛژو
اَدہٕ تَم کیا آخر کیٛا پَراوان
خَدہٕ نیرِن گو بُتھی یَن زالنہٕ
دوہٕ ذٕ ادس نَہلے ؟
اَسہٕ کیا گژھہٕ ہَمس پَنٕنِس پانَس
مَرٕمَرٕ تھووٗن سانِس جانَس
بیٚنہٕ رَژھہ کھنٛڈٕ گیہٕ ڈُبہٕ نا دُنیا

(۱۹۶۹ء)

# جَنگُل

جَنگُل ــــ جَنگُل
ہَنگہِ مَنگہِ باسیوم گَیتہٕ گَیہِ واوَس
یارِ ہشرِنہِ ژِھنی، ژِھنی زَن بوٗزُم
وُچھان وُچھان گَیہِ تارِ بیدار
"ہا وَلو ــــ ہاہا وَلو"
ناگہِ بَلَس لٔج وُزِنی

شرار ــــ شرَ
نیل بَلَس پوٚک ہَوا
شہِ بؤ۔ شوٚ

ہا وَلو ــــ ہاہا وَلو
زَن پرٕژھمَس کوٚت پیٚٹھ چھُم آلوَ
گیٚودنَم ژِیچ ژِیچ ژِیچ بُلبُلو
زَن دۄیمَس ژِیچ ژِیچ شُہ تہِ سوریو

گیوٗرنَم نٹ نٹ چھیہِ ڈانبلو

زَن دۄپہمَس تیٚتھہ مۆرے بُہِہ شوقس

دۄپنَم بُتھِہ بُتھ چھے مُنٛزلو

زَن دۄپہمَس[1] وَتھ کتہِ کُس ہاوِہم

گیٚووَنم ٹِن ٹِن ـــ ٹِن قافلو

ہاوَلو ـــ ہاہاوَلو

ہاولو ـــ ہاہاوَلو

●

(۱۹۷۱ء)

---

[1]: پرُژھمَس

# نظم

اَکھ چھُ دُنیا — یِیتی بٔرِ وٕنہٕ کَنہٕ ڈلیشمان
اَکھ چھُ شُنیا — سیٹھا دۄر وہم وگُمان
اَکھ چھُ دُنیا — پۄتُس پَتہٕ چھہٕ آمِتی وُچھان
اَکھ چھُ شُنیا — ہیٚتِرن ووٕنی گرٛزھنی یاٚری زان
اَکھ چھُ دُنیا — سَمے پَتہٕ گرٛزھتھ بیٚیہِ ژلان
اَکھ چھُ شُنیا — بُڈان زانہٕ نہٕ ہَرَدَم جوان
اَکھ چھُ دُنیا — ٹیٚچھر پیچھرَس سٕتی رُلان
اَکھ چھُ شُنیا — بےٚ رَنگ بے صَدا کاروان
اَکھ چھُ دُنیا — سیٹھا کوٚڑ کَرکِٹ سَمان
اَکھ چھُ شُنیا — ہیٚنوٗ وے ہیٚوٗ بُتَل آسمان
اَکھ چھُ دُنیا — گگرٕ وٲج سۄمبٕ کٕنی مۄژان
اَکھ چھُ شُنیا — سٕدرٕ اَکھ وُسی کاروان
اَکھ چھُ دُنیا — پَیاپے پَکان نَکھہ دِوان
اَکھ چھُ شُنیا — نہٕ کُنہِ گوڈ نہٕ کُنہِ اَندٕ لِوان

(۱۹۷۱ء)

# تمہِ دۄہہ

ٹھنِز ٹھنِز ٹھنِز ٹھنِز گرٚچھے وَزان
سۄ سۄ سۄ سۄ رَتہٕ چھُ گرٛزان
گُلِ لالَن تگ ، گُلرنگ ہَوا
برٛیٚہہ نارٕچ زَن رَنگہٕ ژرِ ہٕنز دَد
پیشہٕ کُلُ دیٚدرِن ہُند شوخ وُڑُو
موصُم کھوٚرٕ پُھلی ٹِکہٕ ٹِک ، ٹِکہٕ ٹِک
اَناٚرک پَلَو ہُتہِ یوٚت ، چکہٕ چکہ
اَکھ اَکھ شُر گژرکہٕ وِنی کھٔژکہٕ دِنی ریٚہہ
یہِ چھُ ہِتروکھَن کیاہ تام چھُ وَنان
اَکھ اَکھ بوٚڈ مُرنہٕ کہٕ شوٚقچ تیٚہہ
مےٚ چھُ رَسہٕ رَسہٕ کیاہ تام یاد پیوان
ملے سُمہِ نکھہٕ رتہٕ گٔتی کینٛہہ وَتہٕ پُدی
کھاتِن چھُ اَمرِ انسانٔی نِشان
گیٚبہٕ مۄلہٕ وَچھَن ییٚلہِ اَکہِ دۄہہ گدٕ
مےٚ چھُ یاد پیوان ، مےٚ چھُ یاد پیوان
کھاتِن چھُ اَمر ، سَر چھُم مےٚ نمان

(۱۹۷۱ء)

# بلبیہ اَز لُجاکھ بَکھ

## عرب مُجاہدن ہنٛدِ ناوِ

دِراے تارکھ بازر کِنہٕ ہَن ہر

ہرساَے تہٕ ہٹہٕ ما ژُژھ لوٗکَن

گٹہٕ گوو پھ مَنٛز کیا سَنٛر واز سپنز

ژھوپہ گل گوشیچ بلبیہ مَنٛز کڈ ژُتھ

پوشِچ ژھوٚٹ واٚنس ہُنچ گژھ

آکاشک ژٹیہہ گوٗ کاشہ ژوری

نَتہٕ کاٚنسہٕ کوٚتاہ کانہہ نبہٕ تارکھ

لبہٕ قرن گرزنہٕ اُچھ ٹٹہٕ واہرے

پھنٛدِ اُسس دِتھ بیوٚٹھ سون سمے

بااُسس کتہٕ وٚیوپ اَہرِنٛز جلَن

کنہٕ داجن پھُٹرتھ تیز دیٚتکھ

اوہہ ناجن بیٚون بیٚون وِگلتھ سکھ

مادانن سنیکہٕ رتہٕ داوی کھُلے

نمرودِنی دم - فرعون اہم

اَز بێیہِ لُج ہٕکھ ۔ یوٗسُف چھُ کُنٕ
کاںٛہہ ہێیوٚ ؟ ہێیوٚ ۔ کاںٛہہ کٕنہِ وِکنو
اَز بێیہِ لُج ہٕکھ یوٗسُف چھُ کٕنٕ
وۄزجو چشمو ہێوت زوٗل کرُن
خَشمُک بُتھ بێیہِ گوٚ نارِ تیوٚ لنگلُ
یَتھ اَڈ کھوٚرِس سمسارَس
کُنہِ چھُنہٕ نارس ژھٕلن
ہُترِ ژھیوٚراوہو رتہٕ چھپہ دِی دِی
بێتہٕ نمروٗدو بێیہِ ہُرِ دِژہَس
وۄزجو چشمو ہێوت زوٗل کرُن
خَشمُک بُتھ بێیہِ گوٚ نارِ تیوٚ لنگلُ
نمروٗدِنی دَم ۔ فِرعون اِہَم
یِم گئے کیٚتھہ ژِہی ۔ کیٚتھہ آدمی ژِہی
وُنی اَسی تہٕ وُنی زَن اَسی نہٕ زاںٛہہ
پوٚز کاشہِ وُری چھا زاںٛہہ سوٚرن ؟
زِندگی یکہٕ وِنی چھا کھوٚر نوٚرن

(۱۹۷۱ء)

# کنہٕ باتھہ گرٕو

وٕلہٕ یِوٚکُن بێیہہ کنہٕ باتھہ گرٕو

ژٕنترٕ چھکہ تھوٚکمُت بہٕ تہٕ چھس تھوٚکمُت
اَندہٕ روٚس کرٕدہ ژٕ تہٕ بہٕ تہٕ چھُس پوٚکمُت
اَز دِمہٕ ہوٚ پھیڈٕر کرٕکیا تقیوٚکہٕ مُت
شَب زیٹھہٕ شَبَس دوٚسہٕ راتھہ گرٕو
وٕلہٕ یِوٚکُن بێیہہ کنہٕ باتھہ گرٕو

دوٚنہٕ لوٚکمُت اَز بێیہٕ دِنہٕ بازٕو
کیا دوٚن کمہٕ وزِ سانیو شارٕو
لوٚکہٕ چاڑک بێیہٕ شطرنج واہرٕو
شاہ دِتھ اَکھ اُکس اَزمات گرٕو
وٕلہٕ یِوٚکُن بێیہہ کنہٕ باتھہ گرٕو

سوٚنت آمُت بێیہٕ ڈٕل گُن نیبرٕو

پوشس پھولہٕ ہتی بونہٕ ڈیرو ڈیرو
سۆنتھٕ پیٚنٹھی داہنی داہنی پھیرو
فرصتہٕ سان مشخص ساتھ کرو
دِلہٕ یوگن بیٚنہہ کنہ باتھ کرو

کُنہٕ جایہٕ چھےٚ ژھایہ تہٕ دُنہٕ پیٲول
ہُت یوٚت ییٚنہٕ ہش ییران جل جل
پیٹھہٕ آکاش نوٚن مخمل مخمل
اُستان کھسو ، درجات کرو
دِلہٕ یوگن بیٚنہہ کنہ باتھ کرو

(۱۹۰۱ء)

# حکایَتھ

یُتھ شَہرَس مَنٛز اَکھ وِزِ اوس اَکھ شوٗد بوٗد چھانا

آسہِ ہے پُرزِ کٕنٛی شوٗد بوٗد چھانا

فٲتر مغزا، بےقل چوٗنچا، دوٗج نادانا

ہَنٛے ہَنے بےقل دوٗج نادانا

ٹُھنڈ اوس کاسان موہلِن بَرٕ ہِن ٹنگ اوس شیران

اَدِ کَنتھ لگِہ ہے ٹنگ اوس شیران

اَتھو پھیٹھ اوُسُس پہلان پانَس چھوٗن گزرانا

بوٗز ہو غُربَتھ مَنٛز گُذرانا

نِیتھ ہیٚنَس کُن ساری مُفتے بَتہِ میوٗنڈ کھیاوِتھ

بیٚنیہ کیا بَتہِ ہیٚس زُوٗ نُہناوِتھ

نَتہِ ییٚلہِ پیہ کُھ عار تہِ وِہنَس ٹُونکا آنا

تیٚلہِ اَس بُڈ کَنتھ ٹیٚنکا ٹُونکاہ آنا

اَتھ شَہرَس اَسی لُکھ بے مُروتھ، رازاہ جاہِل

بے مُروتھ لُکھ رازاہ جاہِل

ییٚلہِ زَن مَتہِ ہے تیٚلہِ مَتہِ ہے زَن کانٛہہ مُشرانا

کیا وُچھمُت آسی مُشرانا

راژس طالیع کھوٚٹ روٗد دٲنسہِ شُرِ مُرِ روٚستُے

کھوٚٹ طالیع ہیتھ شُرِ مُرِ روٚستُے

رانی ترٛووِ نہٕ کُنہِ کانٛہہ ترِتھاہ کانٛہہ اَستانا

طالیع روٚس کرِ کیا اَستانا

دِہہ پتہٕ دوہہٕ گیہِ ژُکھ تہٕ شرارتھ راژس غٲلِب

شوٗنڈ یِتھ اوٗسس تی گوس غٲلِب

گاہے وولان گاہے شولان موٚت دیوانا

مُشرانا یا موٚت دیوانا

آخرٕ تنگ آے لُکھ تہٕ ہیٚنہِ لگی دَیہ ناوساری

پَترِ وزِ ہیٚیہہ نَے دَیہ ناوساری

رونہِ دَران اَستانَن کھاران دِلہِ ندرانا

پُنہ ہیکھ کھارُن دِلہِ ندرانا

ڈیے بوٗزکھ اَستانَن، مَندرَن پھو نوٗرک گاہ

لوٚب لوٗکو دَیہ ناوُک آگاہ

گاشا وُچھ آشاہ دیُت شہرس مَنز ٹھیکانا

دَیہ ناٚوی دَیہ گُرٕ کوٚر ٹھیکانا

اُتھو مَنز راژن رانی وُچھ سوٚپنس مَنز کُس تام

بدٕ آغاژس لوٚگ رُت انجام

دۆ پنکھ آگیہ وأتو کرٕ زِ پۆز شُکرانا

پرٕژ آگیہ پنزُرت شُکرانا

ٹلِہ چھ ڈیڈ نیبر کنہ مولُق گو نۆرانا

ووٚندٕ صافی ہُند پۆز نۆرانا

نۆرن ژھٹہ کڈ پۆرکنن گیہ بڈ کنوانا

عرشکہ پزرچ تھدٕ کنوانا

کنوانہِ منز بۆز رازن شہرس ٹنگ چھی ڈۆلمُت

ہنگ ٹنگ آسہِ ہے نتہٕ ٹنگہ ڈۆلمُت

نہ چھُ کانہہ کاسب نہ چھُ فنکارا، ڈسیلا، چھانا

آسہِ ہے نہ فنکارا جانانا

پزرکہ کانہہ کاکِ کتھل زیوٕ زیوٚ ڈھا کھوکھرے تینہہ ہتھ

ڈپو سراسر اپزے تینہہ ہتھ

ماے موحبتھ تھپکہ وان ڈۆلمُت چھکھ میزانا

موحبتہٕ روس کتہ درٕ میزانا

فن کیا ہاوس یا ہتکہ تاوس نتہٕ چکہ چاوس

ہاوسہٕ موت فن کیا بو ہاوس

رنگہِ رنگہِ شہرس رنگ چھولہٕ پن زن پنگہ جانانا

شہرا تبنہٕ ہے اسہِ جانانا

بوٚزِو بیتہ چھوچورا پھیشورا دوٚرچ نادانا

بیقِل وُنی توس یا نادانا

پارے دی تو ژوٕن طرفاتن چھانا اُنی تون

تس چھنہٕ کسبس شوٗقی سیٚنزرا سہ چھُ ٹلہٕ چھانا

پزرُک طالِب ژھوٚسب اَکھ چھانا

ژٔندن ہٹ دِتھ ڈُپی نوس گوٚبرا دِتہٕ گرناوِتھ

سُے ہیکہٕ ژٔندنس شر گرٕناوِتھ

پارے دیاوِکھ ژوٕن طرفاتن، چھانن ژھانڈو

اصلی اوس تس چارس ژھانڈو

چور لوٚبکھ رازن کشہٕ کڈِکڈی دیُت جُرمانا

اَتھ بارِ کھوٚت شاہی فرمانا

چارس زن گیہٕ پوٚت وژھپرتھ ییلہٕ شینچھ بوٗزن

آشینہٕ مرنچ شیٚنچھ گرِ سوٗزِن

ہیچہٕ موٗکنن ہیتھ ژوٗرِ لوٗبن کتہٕ نام ٹھپکانا

موتس سیتی لوگُن یارانا

داہ دہ ییلہٕ گیے نادان چھانا ؟

تھیٚپہٕ تھیٚپہٕ ژھوٗرُک ناوہیتھ گوٚرکھ ؟

شہرن گامن جنگلن مرگن کُنہ نہٕ نِشانا

یُس گوٚتس کتہٕ آسہٕ نِشانا

ڈُنبی دادِ رازٕ تہٕ رانی پرتھ شیہٕ ژھارنہٕ دراے

بےقل چھان کُنہٕ وُترٕ پیہٕ ناے

کُلہٕ گوگرِس مَنٛز اُخرس لوٗبھس نیب نِشانا

پُھچہٕ مَنٛز ژور ژٕ ہُنٛد وُسخانا

رازِس آو نہٕ لٮ۪بنہٕ اُچھن بیٹھہٕ کِبرِچ پٔٹ تَس

کِبرَن آسہٕ ہے کُنٛڈ مَنٛز ژٕھٹہٕ تَس

لوٗکَن باسیوو اُڈٕ گور مٔڈٕ گور ژٕنٛدن مونٛکھ

لوٗکو ہیوٚت کیا ہتا مُت شانٛکھ

رانی باسیوو ژٕنٛدن ژوٗ نٔبہٕ مُت زَن دُردانا

تَمہٕ آسہٕ کھو نہٕ ہینہٕ تمُت سفتانا

کوچھ مَنٛز ہلو چھ مَنٛز ہچہٕ ہیوٚت وُچھ تَلہٕ چے بَبہٕ ژہ دِین

اَنہٕ وَنہٕ نوٗرے لوٗرا ساتھٕن

لُکہٕ مُتی زون فَن چھا فرزانا کِنہٕ دیوانا

اُصلی فَن گوٚ موٚت مستانا

چھان مگر وَنہٕ آو نہٕ کُنہٕ زانہہ تو پَتہٕ لوٗکَن

تَم ژٕڈ اُمی غَمہٕ نٮ۪ اُمی شوقَن

اَز تہٕ مگر کُلہٕ دَدرِ چھٮ۪نہٕ لاگان سونٛتہٕ دُکانا

کُلہٕ گوگرَن مَنٛز زَن سے چھانا

(۱۹۷۱ء)

# مُناجات

زیوٹھ پہ صحراو، پہ صحراو، پہ صحراو
آش، تہشد ناو، تہند ناو، تہشد ناو

آب، زُون پاے، زُون پاے، زون پاے
شوق، بنے پرواے، بنے پرواے، بے پرواے

عشق، بلا ویر، بلا ویر، بلا ویر
وصل، پہ شمشیر، پہ شمشیر، پہ شمشیر

میٔون قضا، ژھوٹ تہ بنے پھؤند ژھوٹے گرند
چون رضا، اسی چھ رضامند، رضامند

خوٗنہ جُبرِتھ چوٗنہ، پہ صحراو پہ صحراو
گاشہ بُرِتھ آش تہشد ناو، تہند ناو

(۱۹۷۱ء)

# اَز راتھ معراج

ازراتھ کیُت ییٚلہِ موٗلہٕ پیٹھے پھیوٗرِ گُلین پےٚ
پٔچ شبنمٕچ شیٖشِچھ گاسہٕ کرٛچٕن زٔنتہٕ صُبحٕچ شےٚ
بُنتہٕ راأژ بُبُر کھٔتی تہٕ میٚجِکھ زٔن رٔتہٕنٛچ آگےٚ
یِم بے وَساہ اَسی روت روتیٚ لٔب تِموٗ آگےٚ

زٔن آتشہِ رٔستین آش میلِتھ ژوٗل دِلک زٔن ہول

لاچارسیٚکہِ کھٔلہِ اَتہٕ ہژرٕ لَد پان پر کھاوان
نٔوتہٕ آیہٕ ہَوا رِنگ ہیوان یےٚ چھُ کتہٕ طوٗفان
بُتراتھ شوقہٕ چھہ ترکہِ تولان آسمانٕچ شان
زِتنین چھُ تَران فکرِ، شَفَق کیاِ زِچھُ شولان

ییٚمی ہیرِ پأنس لأج تمی وَعدٕپنٕنُ — پول!

یَتھ ژیرٕ کُجہِ پٔوک لولہٕ یےٚ تتھٕ زانہہ لگیا پیوٚند
شونٛکُ سٔدرٕ چھُنہٕ لہرِ موٗت نہٕ چھُ ساحلن پابند
ییٚمی لوٚب وُجوٗدُک آسمان تہٕ تارکن چھِنہٕ گنٛد
اَکھ لانچھ اَکےٚ ژیوٗہس، نہٕ چھُس گوڈ تہٕ نہٕ چھُس اَنٛد

ییٚمی لول بوٗر لولس تہٕ تِمُس ستی لگان لول.

یَتھ راژ سحر پزار چھنے سوے راتھ مۆدُر مَس

مُتہ مُتہ چھُ نیران شوق تہٕ بیدار گژھان حِس

ارمان ہیوان لۆب تہٕ نوان وُپھ چھُ زن ہاوس

یَتھ کُن چھُ روزان شِہہ چھُ ہیوان نارِم خوٗدالِس

اَتھ عالمس یِم واتی تِمو ژۆک تہٕ مۆدُر ژول

اۆتام زن چھِنہٕ میثاقِ پلَن پۆز مٔنے فرماوِو

سۆتام کرِ یچھر ژالِہ اٰخر سپر میٖنتہٕ باوِو

اَنزان شۆد بۆد آسہِ کاشِہہ تَس زان کرناوِو

یَس دزِ ییٖتھ پیہِ نہٕ وَتھ تہٕ تمِس پانہٕ وَتھ ہاوِو

نتہٕ شاعرا چھُس تارِ گۆمُت سُندی جِر دِوان نۆل

(۱۹۶۱ء)

# نعت

تَصوٗر تھٔنٛدِ روٗیک آدٛ مُشخص گوٗ گوٗ لابس رٔنٛگ
تھٔنٛدی کیھوٗلہ وِنی ڈیکٔن دیت ادبروٗے گاشری سنگرمالن
لوٗبک پیٔے تھٔنٛدِ سَردِ قامتک قد دژاو پانژالن
تھٔنٛدی والیل موٗیَن راز تھوٗوسٔریہہ ماہتابس رنٛگ
تھٔنٛز خوشبوٗے بوٗے عنبرٕچ سوٗے آفتابس رٔنٛگ
تھٔنٛز آواز عشقک راز سُدرا بأگرِتھ پیالن
توٗہی وٗنی توٗ بہٕ اَکہ ہوٗت لوٗودِل کمہٕ آیہ سنبالن
کرٕیم نیٔ لول اَتھٕ روٗٹ کیا لگہم دِلہ کین حُبابَن رٔنٛگ

پوٗزٕر وٗسی سمنٛدر آنٛتہٕ روٗس نوٗرٕچ عملداری
یہ میانی ژھٹہٕ واراَتھ مَنٛز یَتھ بُھٹس یا ہیتھ بُھٹس لاگُن
چُھ اگر عالِم نوٗرک کُنٛے اَتھ منٛز وہِیٕن ساری
جگر بھر نوٗر اَستھ لول ہوٗت لیس باسہٕ تیٚتھ بارسن
اگر وَچھ آسہِ لوٗڈ لچھ دأدی اَستھ تس چُھ گٔژھ مَنٛز گاہ
یتیمن توٗنٛز حُب چُھ تس سیتی رحمتِ رسوٗل اللہؐ

# دود

سۆت سۆت تہٕ سۆتُے

یہ چھُ دود پیٚٹھے

اَتھ دأدِس نَہ چھُ کُنہِ اوشت نہ وونت

رہ تہٕ کأل، ہَردی، یا وَنٛدٕ یا سوٗنٛتی

اَتھ دأدِس نَہ چھُ کُنہِ اوشت نہ وونت

یٖس اَکہ ژیچ ٹُوپھ

شانَن بوڑِتھ اَکہ میٚخ

زَن ہٹہِ، گٹہِ

پِشانَن کُن دِرٕ، بنٛدٕ بنٛدٕ تھَرٕ تھَرٕ

مُژہ ماز ژھان، پاٹھ تیلان، ہیٚر بوہ نہ گمہٕ شران

بیوٗٹھ سونٛتہٕ پَچَن ہٹہِ تزوپرتھ ووتھ

دأنج چھوٚپ چھوٚپ

اَتھ دأدِس نَہ چھُ کُنہِ اوشت نَہ وونت

سۆت سۆت تہٕ سۆتُے

یہ چھ دود پیتھے

اَتھ دأدِس نہ چھ کنہٕ اونت نہ وونت

یِتھ بالس کوتاہ سپنہٕ دوگُن

قُرنو پیٹھٕ شرٛ وہرِتھ آدمی دگ

بلہٕ وان رگ رگ

ڈلشن ڈلشن ، ژالن ژالن

ژٹ سمین وگ

رتہٕ دأوی گلن لجٕ وتہٕ وتہٕ تگ

یہ چھ دود الگ

اَتھ دأدِس نہ چھ کنہٕ اونت نہ وونت

سوٚت سوٚت تہٕ سوٚتے

یہ چھ دود پیتھے

اَتھ دأدِس نہ چھ کنہٕ اونت نہ وونت

•

گوٚن جنگلاہ ، کھوٚر شپی واوکران

ہتہٕ ہور نہٕ اَتہٕ کاتھہ زن زأنپُن

کنہٕ لیپہٕ منزی گاشس

باشہٕ پوان

اَنہٕ گوٚٹ اَنہٕ گوٚٹ
گاشَس دوٚہوان
نَپہٕ نَپہٕ کرونی ہرو پتھ کالُس
اَز کالس مَنز اَتہٕ شورٕ وُزان
زَن اَندہٕ وَند پھوٚرمُت جود
مگر یہ چُھ دود اَلگ
اَتھ سارٕ گژھان چُھم بروٚنٹ
چُھ گٹہٕ مَنز نافہٕ وُہان
اَتھ دأدِس نہٕ چُھ کُنہِ اوٚنت نہٕ ووٚنت
یہ چُھ دود یتھُے
سوٚرت سوٚت، تہٕ سوٚتُے
اَتھ دأدِس نہٕ چُھ کُنہِ اوٚنت نہٕ ووٚنت
یہ چُھ دود یتھُے۔

(۱۹۷۳ء)

# "اَکھ سے مجلس مَنٛز"

اَکھ سے مُجلس مَنٛز گرٕ ساس

پٔرتھ کُنہِ مَنٛزٕ دہٕ سہٕ دیوار گنٛڈِتھ

پٔرتھ دارِ چھہٕ پٔراٛنی وَگوی ٹھٔرِ

پٔرتھ کانٛہہ وۄب زٕچھہٕ دَستار گنٛڈِتھ

پٔرتھ کانٛہہ بے ترٕوٚپرِتھ اُچھہٕ مُچھہٕ زَن

پٔرتھ دَروازَس ٹُلِی یار گنٛڈِتھ

پٔرتھ آنٛگَن زَن سُنیاسی مَن

پٔرتھ برانٛدَس زٕچھہٕ تہٕ کھار گنٛڈِتھ

ہُتھ پُرٕنہِ چھہٕ ٹُنگ کُل برانٛدَس تَل

یِمی پُرٕنہِ چھہٕ کِنٛز ٹِکہٕ تار گنٛڈِتھ

ہُتھ گنٛڈی ژھرِ چھپہٕ توگ سون ٹَینگ

یِمہٕ وۄب کورُس تکرار گنٛڈِتھ

اَتھ کیٚاہ بَنہِ یہٕ دٕرس گیہ ہُر ہُنٛد گوڈ

اَتھ کیٚاہ اَنٛدِ دہٕ سہٕ دلوار گنٛڈِتھ

وُتھی توٚ چھناوی توٚ یِم دہٕ سہٕ ہُٹ

بوزن کُن ترٕاوِو دیوار گنٛڈِتھ

(۱۹۷۲ء)

# دوٗر

کَنہٕ کٔنۍ پٮ۪ٹھٕ کٔنۍ پٮ۪ٹھٕ تھَم
تھَمہٕ پٮ۪ٹھٕ تھَم تام کَنہٕ بِلہٕ وَلن
کٔن کھوٗنمُت بوٗن تَل تَل پاتال
یَش ژُولمُت ہیرِ وُزَن مارِتھ ژھال
کھٔنڈۍ پھٕٹ جُس بُڈ بیہہ چھُکھ مان ہیٚو
اَڈکھیو دِہ زَن گاڈِ لمان
پٔروُن دِوٗر یَتھ کالُک نیب
اَز چھُ پَنزَر تیٚلہٕ اوس فِریب
اَنٛد پوٚکھ اَندٕ وَندٕ وآران شلے
لیہ مُنزی تَرو یہ مُنزی ڈُکھ پھسارٕ ے
بُتراژ سِینس ژھوٗپ ڈُبہٕ راے
پَدٕ پَدٕ دوٚتلان لٔٹہٕ لَدٕ ژھلے
پٔروُت دِوٗر یَتھ کالُک سہر
وَتہٕ پٮ۪ٹھٕ کَنہٕ کٔنۍ گوٗمُت گٕپر

تیٚلہٕ اوس شرٕ یہ نَظرَن ناشوق
اَز چھُ بہتھ زَن ترٛاوِتھ ٹوٗک
یَتھ لحظس میٚنہٕ ہاولون بیم
اَتھ دوٗرس گو کالس لیٖن

(۱۹۷۲ء)

# ہے ہوش کرٕو

ہے ہوش کرٕو ہے ہوش

ہے اَسہِ اَنٛدی ٹِکھ چھ ہوان سوٗنٛبراوٗن موٗلِہ ہے بیٚیہِ نار

ہے بیٚیہِ ہَم سایہِ چھ دانہٕ گُچھین مَنٛز لوزٕ بَران ہتھیار

ہے بَد باطِن تٔرِی لاران لاران ، شورِش لگی اَنبار

ہے پڑاُذِ تِمے بیٚیہِ موتہٕ کر موکَل سوزنہٕ لگی بمبار

ہے موصُم تراوِن یاوَن رایِن گٔرِ ما بیٚیہِ باپار

ہے بوٗلِ لگِتھا بیٚیہِ رَتہٕ چَھپہِ لگنس خوٗن مَنٛگتھا بیٚیہِ دار

ہے اَمن پَسنٛدو ٹاٹھیو یارو بیٚیہِ یِنہٕ گژھہ ہمنوش

ہے ہوش کرٕو ہے ہوش

(۱۹۷۲ء)

# وَتھ

یَتھ ہجہِ کجہِ وَتہِ میثون تھوٚکمُت پان
اَکھ میلہِ ہتھا آسیا پوٚکمُت؟
رَم کلو یِم وِزِ وِزِ رُوی ہتی چھکھ
کانٛہہ کانٛہہ پھیوٗر کُنہِ ہنگہِ باتِے ہوٚکھ
وہ دنی وہ دنی شُپمی کانہِ رُوِتھ
آوُرمُت چھکھ اَسہِ وَتہِ دوٚنڈ بلی
یوٚد لگہِ ہَن کَرہو اَسی تہِ شہُل
یَتھ ہجہِ کجہِ وَتہِ میثون تھوٚکمُت پان
یہ چھُہ پننہِ شہر[25] ڈوٚلمُت لوکٹے چھا؟
اَسی توتہِ وَنان چھس اُدِج وَتھ
ہُتھ تھکہِ پتنجہِ کوٚڈمُت کمی تام تھکھ
وُنہِ اَتہِ چھُہ نِشان تمی سِنڈِ بنیہنگ
یَتھ کُنہِ سِتی لوٚگمُت کھوٚنت بنیس
کُنہِ ڈُندرِ چھُہ لأرِتھ ہوٚکھمُت رَتھ
یَتھ ہجہِ کجہِ وَتہِ میثون تھوٚکمُت پان

ہتھ ہتہٕ کھیتھ لبہ کنہٕ پئوٚمُت ژھیٹھ

مُنزٕ پوٚکمُت ریڈٕ تہٕ کھئنہٕ ژٕ وٕتھ

میخل بوٗٹن تژومبہٕ مُت بُتھ

اَکھ کژکہٕ مَنز اَکھ گوٗ کُکلہٕ گیوٗن

اَتھ شورس مَنز رووٗ آپہٕ صدا

گُلہٕ شہلس تَل اَکھ باَر کھرا

گاسہٕ بدل چھنہٕ ژکھ ژاپان

یتھ ہیجہ کُجہٕ وتہٕ پیٹھ میون تھوٚکمُت پان

لیس دوٗرہٕ یوان کُنہٕ بوتیاہ دژینٹھی

یہ چھُہ پژانی سہٕنیک شاہکارا

نتہٕ ژالنہٕ بتھی کنہٕ تاپنہٕ ژنڈ

یتھ ہیجہ کُجہٕ وتہٕ میون تھوٚکمُت پان

کنہٕ بوٗزتھ چُرہٕ گیُش شترٕ پراوان

تژھ کژکھ چیخ وُمرن واٗلسن ہنز

اَندٕ گوڈٕ روٗس ماںہٕ تہٕ مَطلب —

# آش

پڑتھ اَندٕ ووٚسہٕ آسے مُشکِنہٕ اَنبَر
ہَرکانہہ وَتھ اُس پوٚشنی پوش

ییٚتہٕ میٚتہٕ میٚتہٕ میٚتہٕ چھِم آش
کوٚہہٕ پیٚٹھِ زیوٚوُن زیوٚوُن گاش
سیٚنکہٕ لیو مَنٛزٕ وُزوُن پڑاگاش
ووٚتلیٚو قَرزَن ہُنٛد یاداش

واو پوٚکا کِنہٕ عشقُنہٕ کاف
پوشس پھوٚلیا کِنہٕ صُبحُک گاش
وِل وُچھلیٚو کِنہٕ لولُک ساز
پڑوٚ گیہ نُنہٕ دَپھ حُسنُنٛج راگ
پوشا پھوٚل دَپھ سحرُک گاش
وادا پوٚک دَپھ لولُک کاف

دِل وُپھلیٚوو دَپھ شوٗقک ساز
شبنَم زاد دَپھ محرم راز

مَدٕ وۄتھ روٗتُل
زۄلِ گیٚہ اَنہٕ گَٹہٕ شاہ گوس رٲسی
مَدٕ وۄتھ روٗتُل خَدٕ ییٚلہٕ دڑاو
زۄلِ گیٚہ اَنہٕ گَٹہٕ شاہ گوس رٲسی

تارو پیٚنٹھی پَچہٕ صُبحچہ پڑوٕ
پڑوِ ترٛوو پۄد زایہٕ شنگرٛفہٕ راگ
سنیکرِ لِس تھَنہٕ پھوٚشِ شرم ناگ

# ہَنگہٕ مَنگہٕ وُنۍ وُنۍ

ہَنگہٕ مَنگہٕ وُنۍ وُنۍ
بَشہِ گُنۍ اَچھ
وُدۍ گیہٕ اَنٛدٕ وَنٛد
سوٗرے گیہٕ ہےَ بُنگہٕ تہٕ دَم پھٹو
وُٹھی وُٹھی ہیٚنہٕ آے نظرَن ہنٛدۍ مَس وال
تہٕ مالا مال سَپُد اَنہٕ گَٹہٕ ہُنٛد باڈُو
پُتھرَس پیٚٹھ تُلہٕ کَنٛترِس پیٚٹھی پَچ
گرٕ پھسرارے
وَتہٕ وَتہٕ تھَپہٕ تھَعہٕ ساہہٕ رارَرے ہیٚتھ۔
سَمیَن ، قَرنَن ، پَہرَن ، ہُنٛتی لین اِہنٛہرارے
پوٗگہٕ چونکھرِ پیٚٹھ پوٗگہٕ چونکھرِ تام
دٕہی آماسَس مَنٛز گیہِ غأَب
تہٕ وونۍ کَتہٕ پیہٕ اَتھ
ڈِفرِ ڈِفرِ تہٕ ڈٕپھرِ چھپے
ژھاین ہٕنہٕ سیتی اَکھ پہرا

کُلٕ گٕھرِلِس اَندی اَندی
وَن واٗنِک باس دِوان
لۄکھمَن ریکھِ پیٹھ پیٹھ پۆد ترٛاوِو
اَنہِ گٹہِ منٛز کتہِ ژھارِ جٹاین
وَسِتھ ہنٛد رَنبہٕ وُن آکار
ڈُلہِ وان ڈُلہِ وان اُنی کھۄتہٕ گےٚ ؤتھی
کھَلہِ ہیٚوت ژھایہ کھیٚنجرِ کھیٚنجرِ نیٚرُن
ہورِ یوٗ ہورِ یوٗ اَنہِ وَنہ کھیٚرُن
وُنی ہیتہٕ نَس وُنی ییتہٕ نَس
وُنی منٛڈلس منٛز جورُ یو جورُ یو
پانٕ پنٕجرِ اَتھٕ منٛز گیہِ ہیرِتھ
زَن پتہٕ ژھہ لاوِس بڑاٗرِس لۆٹ رۆٹ
وُنی اَتھٕ آد تہٕ وُنی گو راٗسی
زیوٗ وُنی ریوٗ وُنی اُچھ ژلہِ وَن ہِش
ژھیوٗ وُنی ژھیوٗ وُنی لہہ کہِ چار کو دہہ گیہ پاٹاٗسی
اَندکُن چھُس نٕنِس وِرِ وارِس تَل
زوز ریہش اکہ ژھاے
تہٕ یہ چھُ میٛوٗن پان
تہٕ پی چھُس بوٗ

(۱۹۷۲ء)

# ژھٹھ

گوٚ یہِ کھورِ اُسس ژھٹھ
پُچھ ہٗو ہٗو ہٗو
وَتہِ دَتہ چھکراں ماس پَنہٕنی پےَ
پُژرُ مُنیہ باہٕڑی ہوٚی نکہِ سِکہ گُچھلو

تَہہ دَر تَہہ
پُیہِ پیٹھ پُییے
سوٚ شبرِتھ ساَدِتھ و شپرِتھ پاَرِتھ
کانہہ وَنہ پوٚد چھا کُنہ دژیشٹھ یوان ؟
پَتہ کُنُ د نَظَر
رَم کتہِ تَم نیب ؟
نِشانہِ ، نقش
پَتہ کُنُ دِ نَظَر
چھا کُنہِ کیٚنہہ کُنہِ وَجہ دژیشٹھ یوان ؟
وَقتکُ سوٚم سوٚنٹھ

چھُ پوٚکمُت پڑتھ کُنہِ پھلیش دِوان

دُچھ پیتہٕ صُحراو

دُچھ بُتھِ سینکہِ لمُ

پیٚیتھ وُنل

تہٕ ژُکہِ زَن دوہ تلان دٕپہ

ا پانہٕ ژَمیتومُت چھُکھ

تہٕ ژمان گژھ

بیٚیہ ہَن ژَم

ژَم ژَم ژَم ژَم ژَم۔

ژَم تیوٚتاہ، یُت موٗژکھ اَکھ آہسری دانہٕ

تہٕ ولِگلنُ چون

وُڈِتھ کھَسہِ شُنی یاہَس مَنز۔ میچہِ موٗکھتی !

نَتہٕ پڑاژکھ

پڑاران دوہ نٔہ ما اوے

ژُ تہٕ تراوُن بور پَتھر

اَتہٕ بور سمیتومت ہَر ہانگل

زَچہِ مَنتہٕ دَلیوٗ ژُ تہٕ چھُکھ ہانکلہِ موٚت

دوہہٕ ٹاسی گوٚمُت چھے چون آیہ

مَنٛدٕ چھومُت تاپھ
بَرٕ گومُت رَنٛگ
کوٚلہٕ کمزنام گومُت رأسی چھُ آب
بَنے ہٕژ وَتھ
چھا کُنہِ کانٛہہ نیب لِشانہٕ نقش
یُس پَرٛزِنٲوی؟
ہژاران چھُے
ہژار
پکان چھے وَقتیٚچ ژھٹہٕ
وُنہِ وِڈراوی
بٔرنز کھنٛڈ گرنے ناوَس کانٛہہ پیٚور
تہٕ پَتہٕ کُس کیٛا
بَس تہَہ دَر تہَہ
پیٚٹھ پٮ۪ہ پیٚٹھ پے
پَتہٕ تہَہ دَر تہَہ۔

(۱۹۷۲ء)

# گرہن

ہشگہ مشگہ وُنی وُنی
ہشنہ ہیچ کُنی اُچھ
وُدی گے اَنڈ وَنڈ
سورُے کینْہہ ہئے بُشگہ تہٕ دَم پھُٹو
وُٹھو وُٹھو ہیٚنہٕ آے نظرَن ہشدی مَس وال
تہٕ مالا مال سُپد اَنہٕ گنڈ ہشد باڈو

(۲)

پتھرِس پیٹھ تلہٕ کترِس پیٹھو پیٚچ
یکھ پھسرا رُے
وَتہٕ وَتہٕ تھٕہ تھوسہ ، اتھہ رارُے ہیتھ
سَنین ، پہرن ، قرمن ، لشکن ہشر اتھہ رارُے
یوگہٕ چونکھر پیٹھ یوگہٕ چونکھر تام
دِہی اٹاسِس مُشر گیہ غائب
تہٕ وَنہٕ کتہٕ کُنہ ییہ ۔

(۳)

ڈپھر تہٕ ڈپھر تہٕ ڈپھر چھٹے
ژھاین ہشر یینی ییران

کُلؠ گُہلِىن اَنٛدۍ اَنٛدۍ

وَن واتُسک باسس دِوان

لُکھمَن رِکھو پیٚٹھی ہیٚنٛہٕ پوٚد ترٛاوو

اَنہٕ گٔرِ مَنٛز کَتہٕ ژھارِ جٹایَن

وَستَن ہُنٛد رَنٛبہٕ وُن آکار

تہٕ رامَس کَتہٕ ہیٚہہٕ اَماوُسک چھوٚر کُنہٕ ڈُنٛجہٕ اَنہٕ وَترِ

(۴)

ڈُلہٕ وان، ڈُلہٕ وان، اَذٕ کھٔتۍ گےٚ وُکھی

کھَلہٕ ہیٚوت ژھاوٕ کھیٚچہٕ کھیٚچہٕ نیٖرُن

ہورلو ہورلو اَنٛدٕ وَنٛد کھیٖرُن

وُنۍ ہُتہٕ لَس، وُنۍ یِتہٕ لَس

وُنۍ مَنٛز مَنٛڈلِس جورلو جورلو

پاڈٕ پشیٚجہٕ اَتھٕ مَنٛز گیہٕ نیٖرتھ

زَن یوہ ژھ لاوِس بڑارس نوٚٹ رٔوٹ

وُنۍ اَتھ آے تہٕ وُنۍ گیہٕ راتس

رٕلو وُلہٕ زِلو وُنۍ اَچھہٕ مِلہٕ وَن ہش

ژھسو وُنۍ ژھسو وُنۍ لوکہٕ چارٕ کُر دوہ گیہٕ پاماتسی

اَنٛدٕ کُن چھینس نُتس وِرِ وارس تلَ چھوٚپ کھارِ وُژھش

زوہ زیٖرےٚ بِہژ اَکھ ژھاے

تہٕ یہٕ چھُ میثُون پانُن، تہٕ پی چھُس یہٕ

(۱۹۷۳ء)

# اۆبُر

یام لو کچارِ ہیٚتھ پیٚیہ اَز یاد کیتھ
لہر ماران کھوٚتھ نبَس وُٹھو وُٹھو اۆبُر

شامُرن ووٚشلیٚوو نبہِ دۆند نارِ ژونگ
سنگَرن پیٹھ گوٚرِ ہیتھ دم چُھٹی اۆبُر

زُن چھپےٚ جہاراژس وَنان تُہریٚنی لوٚتے
ژھوہ پہ کرِو ہیرَن کھسان چھوکھٹو اۆبُر

وُزملو ہیٚوت سٹی کرِتھ نیٚرن ہُپارِ
پوٚک یپارِ گگرایہ ہیتھ چُھٹی چُھٹی اۆبُر

جنگلس لوٚت لوٚت وَلان رو پہ سُند ووٚلاس
وَتہ پدین وَتہ وَتہ جَران باوِٹی اۆبُر

سام ہیٚنہ دزاو بالہ پیٹھی مَرگَن سُرن
کالپداسی ہیتھ چُھ آمُت چھٹی اۆبُر

یام بوٚزن نوبہارک آو آو
ڈال دِتھ ژرِول شال زن کن چھٹی اۆبُر۔

(۱۹۷۳ء)

# حمد

ژیرِ سیٹھا دوٗلُس
پُڑھی دِژاہتی کھیتہٕ چھتھ
ہے بُٹگہٕ میٚزبان
وُڈھ پھسرارسے
بیٚوٗٹھُس لیٚہ کن
مَنٛدِ چھیتھ، مَنٛدِ چھیتھ
اَتھہٕ پٹھرم
دَسترخان وَہر ووٗکھ
مجمٲہ ووتُم بڑَوٚنہہ کُن
بسم اللہ تُلمُس سَرپوش
اَتھ نہٕ کیہہ
دیگا کھوژ۔ مجمُس پھوچوٚپا
کیہہ نہٕ چوٚپا،
کھونت، قاب، بٹیہ ترٛووٗکھ مٚتے کیہہ نہٕ

کھیٖوو مئے رٕکھپں نۄ

وِزِ وِزِ آیہٕ ضیافژ بڑوٚنۍہ کِنُ

رٔنگہٕ رٔنگہٕ نیٖشامژ

رٕکھپں نۄ ــ رٕکھپں نۄ

چوٚنچُو چوٚنچُو

رٕکھپں نۄ ــ رٕکھپں نۄ

میٚنٛڈِ میٚنٛٹھِ میٚتہٕ کھیٖوو

رٕکھپں نۄ ــ رٕکھپں نۄ

کھیٚتھ یِتھ پوٗرُم کھمُد

وُچھ کوتاہ 'رٕکھپں نۄ' چھُے ووہ پدٕ ثوٗمت

اَز سٕپدُس یُژ کاٗلۍ ہٕ سیر

(۱۹۷۴ء)

# از دوہ تہٕ تیٚشتھے

اَز دوہ تہٕ تیٚشتھے
رَتھ میٚون ژٕہِتھ وہتہٕ گاٮ۪ژ
زَن کانٛہہ نارٕ تیٚمبر
اَز دوہ تہٕ تیٚشتھے
سَتھ سوٗرِتھ
ہر ریٚچ وَسہٕ وِنی دولہٕ نَظرَ
اَز دوہ تہٕ تیٚشتھے
دَتھ کاڈ گُڈِتھ پیٚمژ
نَلہٕ گوٚمت زَن یاژر
اَز دوہ تہٕ تیٚشتھے
یَتھ کاٗلک یادٕ ووٚتُر ژٕتران
مَرنہٕ وِزِ کانٛہہ بُڈٕ موٗرت گرٕ
اَز دوہ تہٕ تیٚشتھے
زَن وُنَل وُرِتھ نیٚتہٕ سونٛہ

کوہہ ڈنڈی ڈنڈی شوٗنگمت سر
اَز دوہ تہِ تیٚشچھٕ

کاشہہ شام گٔنٛزٕ زوٗن وُڈھ پھیشان
کھوڈُس نکھ بازی گر
اَز دوہ تہِ تیٚشچھٕ

مَتھ چھُم مےٚ گرٛڈھان بُتھ ناہوَس
ہول مُژرتھ ییٚلہِ گژھ شام وسحَر
کَتہِ روزِ تیٚشچھٕ

وَق دیاوَن لَر
نِکہِ جَل جَل گَر
پھَر پھَر پھَر پھَر
پَتہِ مُژرن وَر

(۱۹۶۴ء)

# مُرلی

تھَر نکھ زایَس ہَر پھۆلی پوش
قَدٕ ووٗتلیٖیایَس حَدٕ مَدٕہوش
مُژرَنہٕ آیَس ئژر خاموش
پھَر ووٗشلیٖیایَس سَرٕ پمپوش
خام وانٛجہِ وہتُرم آمہٕ تاو
مَژ مَسوَلہِ پیٚوم مُرلی ناو

وَچھ تَلہٕ ووٗتلیٖنیٖ زُنہٕ پچھ داغ
داغَن سٔرو گاٗم تھَنہٕ پیٚمہٕ راگ
بکہٕ آو لولکُ پھِرگہ وُن ناگ
یوٗتر اَژ ہ رٔتھ آم دآراگ
نِبھ نَنہٕ تَنہٕ ژولم وَنبھ واو
مَژمَسوَلہٕ پیٚوم مُرلی ناو

اَکھ دۄہ صُبحاُے وَنہٕ آم شام
ہَنہٕ ہَنہٕ رۄٗدُم مَنہٕ آرام
وُچھتوٚن کُنہٕ کِنہٕ وَنہٕ ما آم
لول آم وۄنیسے لول ہئے آم
اَچھ لوسَم کوسَم زُزریاو!
مَرٕ مَسوَلہٕ پیوٗم مُرلی ناد

دِل ہاوِتھ دوٗرُم سُنزیاس
پرٛوٗدُم اَنزاٗنی وَتہٕ وَنواس
ژوٚل مۄکھ مَنٛدچھِن گوٚل اینحساس
زِندٕ پانہٕ دراٛیس گِندنے راس
روٗپ چھُم شوٗم گوٗپی پاگراو
مَرٕ مَسوَلہٕ پیوٗم مُرلی ناو

(۱۹۷۴ء)

# ژُنڈِ رێشہِ

سۄدِ یۄدِ شۄدِ مَنہِ شانٛت سۄ باوٕس
ژُنٛڈِ رێشہِ لاگےٚ ناوٕس پوش
گاشِر مَنہِ کاشُر پٲراوٕس
ہا رێشہِ لاگےٚ ناوٕس پوش
کَتہِ کیٚتی مَتہِ مۄشجہِ گرٕیہ خَض ہاوٕس
کَتہِ کیٚتی گُل یێتہِ ژھٹہِ لگی جوش
نُنزٕ تَن وزٕ وزِ لٲج وێتھہِ داوٕس
ہا رێشہِ لاگےٚ ناوٕس پوش
کٲشِر زبو کٲشِری خَض ہاوٕس
چانی ناوُک دوٚشونی بوش
کَتہِ شرپہِرَن گرتام صُحراوٕس
ہا رێشہِ لاگےٚ ناوٕس پوش!

تمہِ دۄپ ٹماٹھس مَن مُشکاوس
گگرِ گگرِ چوٗدن حبس تےٚ ہوش
سوے خوشبوٗ وَتہٕ وَتہٕ ییٚتہٕ واوس
ہا ریٚشہٕ لاگے ناوس پوش
نادِم کٲشرِ واوس تہٕ کاوس
اَتھ سوٗنہٕ شیٖچھ تھاوس گوش
کٲشر کتھہٕ پیٚٹھ چھس تُلان ٹاوس
ہا ریٚشہٕ لاگے ناوس پوش

(۱۹۷۴ء)

# سَرِ صُبحاؔے

پۄک داو صُبحاؔے لۄت لۄت، لۄت لۄت
کرٕژ گو دٕرِکۍ چَس کرٕژ رَسہٕ رَسہٕ سۄت
مُژرٕنہٕ آد کنہٕ کنہٕ۔ نَظَر دٕژم
گاش اَمُت کر دوہ آمُت یور
گُلہٕ تیٖہرٕ تاپَن مۄلمُت سون
پَنہٕ وُتھرَن شیٖنمی موختہٕ ہُلم
کوٕلہٕ بُٹھی بُٹھی گاشُر موٕلہٕ وان پوش
تُکرِ اَندی ٹیکھی پَنہٕ پوشپرِ گل گوش
کُنہٕ شایہٕ وُنلہٕ ہٕنزٕ ڈٕفرِ تہٕ کیٖنٛہہ
گُلہٕ گہہ لبن مَنز پھرٕکہٕ وُن روٗتل
دٕپہٕ وَے یتھ باغس چھُتہٕ کیٖنٛہہ کَم
یَنہٕ بنیٖو پَنُن تَنہٕ آے ہُرئوس
کمہٕ کمہٕ اَندٕ لولہٕ مَتہٕ لاے ہُرئوس
پۄز گیاہ تام کتہٕ تام توتہٕ چھُ کَم

باغ گوٚ نہٕ فَقَط باغ کینٛہہ ٹۄری تہٕ پوشہ  
باغ گوٚ نہٕ محَض شۄد سوٗنتہٕ ہَوا  
باغ گوٚ نہٕ فَقَط پاݨ ژادرِ سوزٕ  
باغ گوٚ نہٕ پھموارن ہُنٛد موٗت شاہ  
باغ گوٚ نہٕ اُلِف ہیٛوہ سَرو روان  
باغ گوٚ نہٕ گُلَن ہُنٛد رَنٛگہٕ واہ واہ  
باغ گیہٕ نہٕ یہ بُنٛدٕ رِش ڈۄرِن ہُنٛز  
باغ گیہٕ نہٕ خرامان آبہٕ جوٗیا  
باغ گوٚ نہٕ پیٚترِس کھوٚتمُت نیچر  
باغ گوٚ نہٕ کونٛہہ پیٹھی کیتھ دوٚتمُت گاہ  
باغ گیہٕ پَزٕ گُلٕ شینٛہ جارِس پیٹھ  
باغ گیہٕ پَزٕ جانا وارِس پیٹھ

(۱۹۷۵ء)

# حُسینؑ

وُسوار یَراوِ، پوختہٕ یقین، اَلماس جوٗانی، لولہٕ مژر
راہبَر ہمراہ اَکھ نام خودا وَتھ ہاوِنی کرِ فولادی نظر
ییٚمی ییٚنژہ پژہ وُزنو سیکہٕ صحرا تِتھ پژہ دزامُت اَزتازِ چھُتر
پھرِکرِ وُن پھرِکرِ وُن گزیکہٕ وُن گزیکہٕ وُن تتہٕ پھوکرِ وُن اَکھ سوز جگر
اَکھ بَرژکہٕ قافلہٕ شوق پکان یہ چھُ عشق اَتھ کانْہہ خوف نہٕ ڈر
اَتہٕ چھِنہٕ گژ قدکاتیا سیٚتی ییٚکن، اَتہٕ چھُنہٕ غم کوناہ زیٚٹھ سفر
اَتھ نولِس وَنہٕ کیاخوٗن وَنا، ایمان چھُ پژزلان لعل گوہر
یَم چھوکھ چھِنہٕ چھوکھ یہ چھُ سوٗنتھ اَسان امرینہٕ سدرس کھتی لوٚتہٕ شبر
ییٚنہٕ قول چھُ وَچھ تلہٕ لولہٕ تزر، ییٚتہٕ تریش ہمان چیتھ خوٗن جگر
اَکھ عزم چھُ شولان نارِ تیوٚ لگُل، مَنزٕ چھان چھِ فرانکو آبہٕ مُلر
اَتھ وَتہٕ پیٚٹھ لوٚک شوٗد سادِ جنوٗن، پزرچ پژہ ہیتھ بےوائےٚ حُسینؑ
اَتھ وُتہٕ وُنہٕ مولا ناچھ کرِتھ اَتھ شاہ یہ چھُ موکلِن پلےٚ حُسینؑ

# آتش

مدِ وۆدتھ روتل گو پاٹائسی
رۆدِ گیہِ اَنہِ گرِ شتھہ گوس بائسی
لوتہِ لوتہِ ولگِتھ گیہِ اَنِ ژھاے
روہنہِ گُنڈی گنڈی دژاپہ دِلہِ ڈُبراے
پۆد ترٛدو پتۆِ ناپہ شونگرُن ماگ
سینکہِ رِس ٹھکنہِ پیوٚ شُشرم ناگ
لوِ جُنج دِیھ شِلہِ شینہہ جار
زِژہ بسرِ پہچہ دِیھ وَنہِ وُن پیار
داواہ پوٚک دِیھ زِلہِ وُن شوق
پوشا سپوٚل زیو وُن ماشوق
دِل وُچھلیوو دِیھ لوٚلک ساز
مَن مشکیوو زَن محرم راز
کنِہ شینچھ دِیھ ماچھُک موٚدریہ
وُچھنچ شے دِیھ سودرگس ہیر

سالٕے وَتہٕ دَپھ پوشی پوش
ساڑی کُلہ دَپھ لولہٕ مَنوش
حُسنہٕ کرٕ بُکہٕ شولیٖو آکاش
دوہ تلیٖو قَرنَن ہُشُد یاداش
زیوٕ وُن زیوٕ وُن رَنبہٕ وُن گاش
سیٖکہٕ دانَن دُزٕ وُن پژاگاش
مٕٹے تہٕ چھَم آش
مٕٹے تہٕ چھَم آش ، مٕٹے تہٕ چھَم آش

(۱۹۶۷ء)

# آوازٕ ہِنٛد مالیٚ

رَبابہٕ ستھوٚدہَم بٔرٕوٚتھہٕ کَنہٕ
تھَلہٕ تھَلہٕ وُچھمَس
وُچھان وُچھان گیٚیہٕ تارٕ بیدار
سوہٕ رتالہٕ ہیٚوت گنگرادُن لوٚت لوٚت
میٚوٗٹھہٕ وَژُن اَکہٕ سوٚت سوٚت
ہا ووٚلو —— ہا ہا ووٚلو
زَن ناگہٕ بلَس رٕژ وُزِنی —— شَرَرشَر
تیل بلَس پوٚک ہوا —— شہوٗ شوٗ
ہا ووٚلو — ہا ہا ووٚلو

پٔرٛزٕمَس کوٚت کوٚت ، کوٚت چھُم آلوٚ
گیٚوٚد نمی رٕچ رٕچ ہیٚچ بُلبُلو
وٕدِیمَس رٕچ رٕچ کنتہٕ ووٚنی پھوٚرہم

گیڈو ژمُر نَٹھ نَٹھ ڈامبلو

ہا ووٕلو ـــ ہا ہا ووٕلو

دۆپمَس تھوٗکمُت شاہ چھُم شوقَس

گیڈو ژمُر بُتھ بُتھ مُنٛزلو

دۆپمَس وَتہ ما ڈیٚنٛٹھم لولَس

گیڈو ژمُر ٹُنٛز ٹُنٛز قافلو

ہا ووٕلو ـــ ہا ہا ووٕلو

(۱۹۷۹ء)

# ترٛے نظمہٕ

## لوکہٕ چار ـــــ

تھَنہٕ پیٚتھ تَنہٕ چھُم پَنہٕ نے ژھایہ
گاہے اَسُن تہٕ گاہے ترژُن
گاشَس شاہ ہیٚتھ واشاہ کَڈُن
اَنہٕ گَٹہٕ سَن دِتھ یِچھ زَن موژُن
ٹِکہٕ ٹِک وٕٹہٕ وٕٹھ مَن زَن پارُد
ہانگُل جنٛگلی نیرُن تہٕ اژُن
کھیٚن چَن مَشُن ، بوچھ بوچھ پِشُن
ٹیٚوٹھ آژناوُن ، مٔودُر روژُن
ہشرُک عالَم سورُے ہیوُے
پڑتھ کُنہِ کَنتھ پیٚٹھ کھَلہٕ مَن پژُن
سُے لَلہٕ اَدِ گوم واکھ تہٕ وَژُن
تَنَے ہیٚوتُم نَنگے نَژُن

## یاوُن

سٲنِس وڑالیٚس کہِ حَصہِ ہاوَسہٕ
چھوٚت تہٕ کرٛۄہُن ہیتھ مالِنی کرانے
باغَس تھَلہِ تھَلہِ وَتہٕ پٔدی رآوِتھ
ماہ کیتہٕ وَہ آم منٛے اَن زانےٚ
یاوُن زٕرِ گُل چھاوان آلیٚس
تَن ہٕے ناوِم نَہٕ سیٚنٛدرِ والنے
صُبحَن رَسہٕ رَسہٕ ڈُٹھ گَنٲوِتھ
سُنہٕ پوشَن کوٚڈ کیتھ میانہٕ مانے
بِچھونکہِ دوہ آم سوران سوران
وَتہٕ گوم کیتہٕ گَنٛڈ کیتھ روزہٕ پڑانے
ہیچِو ہارٕ ینژہ پٹیٚشرٔو کان گوم
اَنِکھ چھان پتوم یتھ رازِدانے

## بُجر

ہٕنگ زٕرٕ رے سونتَس رنگ بَرِگو
صوٚرتھ روٗزِ نہٕ رُوٗدو اَنہار
یتھ اَنہِ وَتہِ اَسی رَنگہِ ٹیٚکِی وَتھرِتھ

مُسرِ وِگہٕ بُزی گوٗسے سمسار
ووٚنۍ کَتہِ وُچھ دِتھ اَسمان میٚنُن
ووٚنۍ پہن ژھارِنۍ گو کِچھ تہٕ غار
کوٚت گَییہِ تاپِنۍ پھوٚتۍ کولہٕ یادَن
کَمہِ سہرِ ووٚتلِتھ آو شِشٕھنیار
تیٚلہِ اوس پٔژتھ شُبہِ وَرشُن ورتَن
اَز چھُنہٕ ژ ہتھ دِتھ کُنہِ دیدار
آمہِ پَننہٕ سوٚدرس ناوِ لمان چھُس
کَتہِ بوزِ دَے میون میٚتہٕ دِیہِ تار

(۱۹۷۶ء)

# وُنی اوس یہِ سنسان

وُنی اوس سنسان پہ کوٗہہٕ دامَن
زَن ہَفتا کالِتھ بُڈٕ کا ژھا
پَنہٕ پَنہٕ گومُت یَس یادٕ دۄتُر
تُھتھ ٹیبہٕ کَڈان سِٹھیا مُت گُر
یٔینہٕ ژھینہٕ ہِژ وُتُن پٲٹھ تاران
پُتھ کالَس ڈلہٕ مُتھزی سٲل کَران
وُڈا گُمہٕ نِتھ مۄدرِس مٲل کَران
وُنی اوس سنسان پہ کوٗہہٕ دامَن
وُنی آو ہِنگہٕ مَنگہ دامانَس بَرِتھ
پَژرِتھ کانِہہ تژشی سوٗتہٕ سامانہٕ گَرِتھ
ہَر کانِہہ زَن چھوٗن آو بانہٕ بَرِتھ
پَنہٕ دُتھرَن نالَس موٗختہٕ جَرِتھ
پَرِتھ کانِہہ کول زَن پَیمانہٕ بَرِتھ
ڈُرلو پوشو دامانہٕ بَرِتھ

رَنگہٕ رَنگہٕ رَنگ زَن قالیِن داٲرِتھ
ریشم رٕوسی اَلوان توٗسی
اَتھی مَنٛز پِیَیہٕ داٲرِتھ یِشٕدرٕشُبھا
پیٛرِتھ طَرفہٕ گیُوٗن پیٛرِتھ پاسہٕ صَدا
لَے تال تہٕ سُر موٗدریر تہٕ رَس
اَمنٛگ آلو ساٲری چھُہ دُعا
وَنہٕ دُن نغما رنگدار ہَوا
آہتی چھہ وُہری قاصد لولکی
ہَمسایہٕ پیٛنٛی نوٕ آیہٕ گیوان؟
وَنٛدٕ سَنٛیرِتھ لولہٕ بہارٕچ شیٖنٛچھہ۔

(۱۹۷۷ء)

# اُسی آسہٕ ستھہٕ بِیٚنہٕ

ہکہٕ آس ووٚشس
ژٕھن پتھ
توتہٕ اُسِس گٔنڈ گرٛھان
توتہٕ لگِس ہکی
ہکہٕ رووٗسے، ژہِیِکہٕ رووٗسے
دۄن پٔنس جگری، بوٚد جگری
سٕنے ہٕنے گیٚہ ناوس ناوٕ بدلی
کیٚتھے ناوَس؟
بوٚموارِ ناوَس
اوٚش رٔٹھ پتھ، شاہ پھیٚر کرٕ
پکھ اَز یکنااوتھ پانس سیٚتی
وُچھ ہٕنہٕ کیا چھےٚ ژزار کھسان
ژزارٕ بزٕلسوارِ
نُندٕ بأنس نُندٕ رازٕ سٔلش
ہول مہٕ بٔر

بُتھِ چُھے جُمعہ لالہِ لولہٕ وُچھان
پانَس سِتۍ تارِ دَرگاہ
نوٗر پھولی ووٚنِد شیٖہلی ہیٚو
وَنہٕ ہاوِ ژ چھے بَنیٚز جِگر یَنۍ
بَٹہٕ وار یَنۍ
سُلہٕ وِلہٕ وٲنزِ ہارِ پَرِ بَتھ
تہٕہر مجماہ ہیٚتھ
کَنہٕ پھُلی کَرنۍ وَتہٕ وَتہٕ اَہی
شیٖنہٕ خبر پژرِ آکھواہ پژرِ
ڈُل سٲلَس گژھنَس سال کرِ
پمپوشس پھولن
غم غوصہٕ ژلن
مَن صاف گژھی
اَدِ شاپہ ژلی
ژٕندرمہٕ کھووِرِکنی پانہٕ کھسی
ژٕندرمہٕ پژاوکھ دوٚکھ دود بلی
اَدِ واتکھ اَصلی ناوَس نِش
اَدِ واتکھ مولَس منگلَ زن

(۱۹۷۷ء)

# مَدر ٹیریزا

شۆد تاپھ، گولاٮ۪ک شانت شٕہُل وُشہ نیرِ۔ اِسو
نَب صاف، دۄہ تھان پٔرو سوٗرگہ تہٕ داٗنتوٗ ہیرِ۔ کھٔسو
پٔرۆن پوٚٹ، ٹرٛیچ آواز، تہٕ وُٹھ مۆدریرِ۔ لُسو
نۆن گاش، فقیٖری جامہٕ تہٕ نوٗرنی ڈیرِ۔ لٔبسو

شرٛیٚنہہ ناٗرن ناٗرن پھیوُرم، مَنہٕ سَرٕ پھوٚلی پمپوش
وَزٕھ واٗلنجہِ وۄہ تلیٖیمَ گاشری واکھ وَنان خاموش

"یٚژ گاٗلی ژۄلُم زَن ماجہ بوٚچھ‌ر
نۆن ہرٕی یاہ
نَتہٕ ہرتیچ اَکھ زٕژ
چھتی جامہ ٹھُلیٖتھ
کھونہٕ ماے ژۄلتھ

پھٔری پھاہ شیٖران۔ پھیران بُتھی بُتھی

"یٚژ گاٗلی ژۄلُم اَز ماجہِ بوٚچھ‌ر
اَز ڈیٖٹھم زٕنگیٖنٛج موج پٔنٕنی۔"

(۱۹۷۹ء)

# کور گئے؟

واۂ دوۂ دوۂ، ژُھلیہ شرو ژ شروٕ نی تا پہ زعیپہ زعیپو سوٗنتہ شلہ
ماری مندری یم خاب کیٚنہہ تہ ہے ما خبر یم کور گئے؟
وُزملن اوس عاد تھے یم حاجہ باوُن کیا چھ کم،
دۄرِ گر وُچھیا کرتھ، تیژ اُدتھ سئے اُلس ٹُور گئے؟

شوخ گل ہلمس برم یا زخم دِل اندری زُرم
رتہ برتی اش قطرِ سوٗنبرم اور گئے یا یور گئے
اکھ یہ بیٚپہ میوٗن شوق، جگرس منز بیٚپہ چونے فراق
لولہِ سفرس منز کُنبر کتہ روٗد اُکس بیٚلہ ژور گئے

مایہ ہنز کایا گرم مایا، دُلبتہ زھلے ژج ڈُنج بچ
وقتہ کس سدرس بوٗڈِتھ لنکایہ کاہ شتہ پور گئے

# یُہس ہَرد

باغَس مَنٛز ژاے زٕنی جواہ
اَکھ شُر اَکھ بُڈٕ
اَسہٕ وِنہٕ ہو نَجہٕ اَکھ اَکِس مُدپہٕ وُچھان
باغَس کھوٚت سَتہٕ سَتہٕ گز تھوٚد چھوٚر
واوَس گیہٕ اَسی اَسی نیلہٕ
تہٕ بَند ہوی مُژرٕنہٕ آس
اَسمانَن وُچھ ہیٚرِ اوٚبرٕ لَشگا گُے سیٖنہٕ صفأیی
اَند پوٚکھ گوٚ سورُے شانٛت
رِشہُل شبنَم دوٚنہٕ پَنہٕ وُتھرَو پیٹھٕ تھوٚد
پوشو گنٛڈٕی صَف تِموٚ دوٚپ اَسی تہٕ وُچھوٚ
گلِ دوٚدَس کھوٚنہٕ مَنٛز کوٚر ٹوٗرٕ ہو سورٕ سورٕ
جاٗفری لگی وَسنہٕ لیٚودُر وَرَدن لاگِتھ
دَچھ پوشپری ہیٚپنہٕ وایان گُلی گیٚہلس چھہٕ گنٛدان
کھرٕ لستَن ترٕدو ژرٕ اَرِنہٕ پَنہٕ وُتھرا
ہوٚہس مَنٛز لوٚک ژان شوخ پَتنٛگ

اَرتَلہٕ پوشن وُکرکرگوٗ

ٹکہٕ پٔنچ ٹکہٕ داوٕج

شُرِ تُل مَنڈہٕ چھِپتہٕ مَنڈہٕ چھِپتہٕ

اَکھ پوشن

تہٕ پلہٕ نوٗوُن بُٹہٕ کاکُس کُن

یَٹ ساٗ۔ یَٹ ساٗ

ژٕتہٕ وَن بٕہ تہٕ وَنہٕ

"اَج عیٖد مُبارکھ

عیٖد مُبارکھ"

# مئے وُچھ اُدی صُبحَن

مئے وُچھ اُدی صُبحَن
اُرِس سبزِ زارس
اَندَر ژھاپہ ہوّل
مایہ موّت اَکھ جَوانا
حسین باغوانا
سیٹھا نیٚک
تہٕ اُدیٚل تہٕ زاُدیٚل
قَلمَ ہیُٚو
چھیوٚمُت تہٕ ہوٚکھمُت
ژمیوٚمُت تہٕ تھوٚکھمُت
گَر
بولہ وُن سازٕ گرُ
تازٕ دَم ہیوٚہ
پُران اَدس ترانا
حسین باغوانا
پُران اُدس

گران اوس

ژٕ اَڈٕ پھولِتھ ٹوٗرِنے کَرٕ زَبان

گاسہٕ تیٚہجِن بیٚیہٕ مٔورِنے کَرٕ زَبان

گران اوس

گُلَن کَرٕ زَبان

بُلبُلَن کَرٕ زَبان

لَبجَن کَرٕ زَبان بامنَن کَرٕ زَبان

کُلِہن کَرٕ تہٕ بیٚیہٕ اَڈٕ کلِہن کَرٕ زَبان

تہٕ معہٕ سہٕ چھُ وٕنِہن بَتہٕ پھلِن کَرٕ زَبان

زَبان ساز اَمہٕ بولہٕ وٕنہٕ سازٕ گَرٕ

اُمی حسین باغوانَن

ژ۪دوایاٚری باغَس رَسِیُل نَغمہٕ وۄہرُن

مۆدُر میٚٹھ اوٚتیُل موٚلُل نَغمہٕ دۄہرُن

تہٕ اَتھ نَغمہٕ سے مَنزٕ بَنُن ساز بۆڈٕ وِتھ

ہیٚوتُن زِندگی ہُنٛد حسین ساز وائِن

حسین ساز دایان، دایان دایان

کرُن زِندگی ہنٛدٕ نوٚی نقش پادا

قد آور جوان

اَرٕ تہٕ دَرٕ نوی

قد آور جوان

بولہٕ وٕنۍ خوش پوٚنۍ

مگر رُت تہٕ ہیوٚت باغوان

رُت حسین باغوان

زٕٹ ژٕھنتھ

اُچھن ژٕھیتہٕ گوٗمُت زِندٕگی ہُنٛد اُثر

میٹ ہٕ یاٗژن شُرین کرٕ

حسین باغوان

مگر ضایہ گوٗمُت

تہٕ بێیہِ ہایہ گوٗمُت

یوہ ہے چھا لیکھان ڈوٗٹھ تقدیرٕ قوٗمک

یوہ ہے چھا تھران رُت تہٕ ہت سازٕ گر

یوہ ہے چھا کران زندٕگی حُسن پاٗدا

یوہ ہے چھا گُلن میانہِ نے بولہٕ نادان

یوہ ہے چھا بہارس ڈکس زرے چھاوان

یوہ ہے بنیوٗوا ماشٹرٕ

# اِنتظار

کَل مٮ۪ٚ گَنٛیَم ، یَژھ تَنبہٕ لیَم
پٕژنٕن پَژھ ہیٚوت پان۔ بہٕ کیٛاہ کَرٕ
وَژھ واٲلنجہٕ تام ہولَس تَر دٔرام
دۆ پہَم یوٗری چھ یِوان ، مٮ۪ٚ وُژھ تھَر
ڈٕمہٕ ڈٕمہٕ گاٚم گٔمہٕ سٕران ، بہٕ کیٛاہ کَرٕ
جلسہٕ ہوش راٲوِم ، تَھپہٕ کھوسہٕ پٕراٲوِم
چھلہٕ چھانگرٕ ارمان تہٕ چھوٚرٕ چھوٚرٕ
اَشہٕ سٕتی ناٲوِتھ ، وَتہٕ شیٛہلاٲوِتھ
پوٗرم لَشہٕ دۄد پان۔ تہٕ زَرٕ زَرٕ
ڈٕمہٕ ڈٕمہٕ گاٚم سٕران ، بہٕ کیٛاہ کَرٕ
ژھیٚ ہتی سٕریٛہہ سٕتی ، وَچھ تَلہٕ رٕیٛہہ سٕتی
رۆژھ ڈٕم مۆز رٕیٛنہٕ پان مٮ۪ٚ نۆوسَر
مۆجبتھ میٚنتھ ، نظرو وۆنتھ
وَتھرِم زَر بُٹھی تھان ، سٕہ پیٛوم پَرٕ
ڈٕمہٕ ڈٕمہٕ گاٚم گٔمہٕ سٕران ، بہٕ کیٛاہ کَرٕ

اَشہِ سَگہٕ پأڈلم ، پَد پَدٕ زأڈلم
چشمَن ہِندی شمع دان مٔنٛے اَرٕ دٕرٕ
جِگرٕکی نأوِتھ ، داغ ووہ شلأوِتھ
آکھ چھم ژأنٛگی پتٕر زلان مٔنٛے گرٕگرٕ
رُمہٕ رُمہٕ گأم گمہٕ سٕران ، بٕہ کیٛاہ کرٕ
وَق ووت ، وِزِیہٕ ، دِیہٕ دَرشُن دِیہٕ
لِیَہ ہوٚت موٚت ذی شان ۔ بٕہ کتہٕ دٕرٕ ؟
گاشُر ساتھاہ ، نوٗرٕ برٲتھاہ
نَمہٕ نَمہٕ سٕرٛیہہ شیہلان ۔ مٔنٛے اَچھ دٕرٕ ؟
اوٚش چھُنہٕ کنہٕ ٹھہران ، بٕہ کیٛاہ کرٕ ؟
پارٕدی زَن گأم پرٕان ۔ بٕہ کیٛاہ کرٕ ؟
ولَس ماکھسہِ ہان ، بٕہ کیٛاہ کرٕ ؟
رُمہٕ رُمہٕ گأم گمہٕ سٕران ، بٕہ کیٛاہ کرٕ ؟

# دُژیوت

کھُرٕ شانٕش گگر اُسی بالس کھُتی

ہوکھ ہیُر ترٕ گگر اُسی بالس کھُتی

کوٚٹھو لوٗسی گگر اُسی بالس کھُتو

دیُت خوٗن گگر اُسی بالس کھُتو

ہیٚچھ کنہٕ چھو مرگا شانتہٕ رٕشیچ

منٛز باگن دوہتھ ووٚن سبزارا

ترٛاوِو وونی ڈکھ وِزی لوٗر پتھر

سبزارس گنڈی تو پلی یارا

بنہٕ کھارا ارزی تو، کھٕنے تو، چلیے تو پھیرکھ ترٛاوِتھ

اسمانس تام چھ کینٛہہ اوٚنگل، لبس کینٛہہ اوٚنگل

ہئے بنگہٕ ہوی گے اسہِ گیہ نہٕ خبر

ہنگہٕ منگہٕ گے شاید تارِ ترِتھ

گیہٕ غالب موٚہہ مایا ترٛٹھ یتھ اسہِ سورُے موٚٹھ

سبزارس اُندی اُندی پلی یارا موٚہہ زال اُچھن

# ٹھیٛپ

اَکِ تھوٚونَم بڑوٚنٛہہ کَنہٕ روٗپہٕ سُند ٹھیٛپ

یَتہٕ نیو پَردِلو اوٚند پوٚکھ ووٚلہَم

کَتھٕ کَرِ پُزی ٛیارِلو اَپزیارِلو

لوٚکہٕ چارچہ ہلیہِ ترٛیہِ تھاٗوِکھ ٹھُرٕ

ہُمی ترِم دُنیٛنَم کھٲبن چَن ہاوِتھ

یِیٚمی سوٗنہٕ روٗپہٕ رٕنگی شبرنٛگ وُنی نَم

کٲٹھِس کُن یَکہٕ نوٗوُس ٹاٹھیو

دِگہِ دِگہِ نیوٚکھ قَند موٚدریر مُہِتھ

ہَوَسن ترٛوو وُچھنٕک شوق ژٕہِتھ

اَتہٕ کھَلِہ دوٚپہَم گژھ اَژھ پانَس

میچھر لَب میلکھ بھگوانَس

کژ یچھَر نیرِی وُچھنٕک وُڈنٕک

سوٗکھ شیٛہلِہ بٔنِہ دوٗہ گُزراوِکھ

اَسہِ پٔرِوو دوٚہےٚ وۄنی ژٕتہٕ پٔراوکھ
گرِ پَنٕنہِ بہٕتھ سوٗنٛتھا چھاوکھ
لَنٛجہِ لَنٛجہِ پھیپرِتھ رۄدوٗے یاوُن
بُجرَس مَنٛز ڈوٚکھ دِتھ عاشا کرَ
کھیٚتھ چیٚتھ پالَس اَسہِ ہَلماہ بَرَ
کھوٚڈٕ تقدیرَن اَلبوو مٔنٛے ڈُھیپ
کمہِ حشمتہٕ آخر پٔرِوو مٔنٛے ڈُھیپ

# اَکھ زانٛژ۔ اَکھ اینٛحساس

موسم وٕہ ہٕڈرا گُل پھولہٕ وُن
پھنٛبہٕ توٚمب ، نٕنہٕ باٹُر تھولہٕ تھولہٕ وُن
پٔرٛینہِ اوٚبرُک توٚمب سونٛتس زامُت
پٔروِ ہُنٛد موٚنی وِہہ زلہٕ وُن زلہٕ وُن
زن پوٹ تہٕ سیٚنٛحرٕ چھُ تھٕنی اُڈٕیل
ڈٕل واو صُبحُک ڈٕلہٕ وُن ڈٕلہٕ وُن
پھنٛبہٕ سیرِ یہ ہے زن پھٕژ کہٕ وُن پھوٚر
ہوٕ چھُ مٔنٛز ریٚشم ریٚشم ژٕلہٕ وُن ژٕلہٕ وُن
گُلہ تیٚنٛھرن پیٹھ ژٕژٕ باشہِ کٔران
نوٚو پوشہِ ڈٕنٛھر إلہٕ وُن إلہٕ وُن
کھنٛدٕ کٔرِ کٔرِ آلیس پاے کٔران
زِنٛدگی ہیٚوتمُت سُلہٕ وُن سُلہٕ وُن
گُمناوِ اگر وُٹھ فِرستہٕ اٰسٕن
وٕدِ یوٚد ڈٕیکہٕ دٕرسہٕ کھٕسہِ ژٕنہٕ گاشس

نَرِ زَنگہِ وأیتھ تُلہِ عالَم تھوٚد

کَتھ کَرِ اَڈ کَجہِ گَژھ سَتھ وَقتَس

تَس وُچھ وُچھ تاپَس ضاف ژُلَن

سَمیَس دوٚکھ دأدِ تہٕ شاف ژُلَن

نَژِ مأج تَمِس زَن مَرژٕ پِپنہٕ

ہیپہِ بیٚنہِ دوٚلسنَس ٹِکہِ داوٕج

بَب دوٚسہِ پیٚوَن پیپہِ شوٗرِ پَتنگ

بُڈِ دیرِن بامَن ہیٚن نیرِ ژ

موصُم دوٚدِ ہیڈرا گُل پھولہٕ وُن

پھنبہِ توٚمب، ژُنہِ باٹُر تھوٚلہِ تھولہٕ وُن

بُڈِ ژُندرَس دوٚہہِ پَتہٕ دوٚہہِ ژُنہِ پَچھ

ہٕس پھیرِس ہیٚیہِ اُتھزُن گَنژرُن

تُلہِ کھٔری پَنہِ نٔن لادِن سیرَن

پٔژھ گٲر کَرِتھ کَڈِ واش کَتھَن

بُہٕ تہٕ بادَس اَندرِم ہیٚبرِم سر

اَتھ رُڈ رُڈی ہاوَس وَتھ مَنڈ ہٕر

تھیکہِ ناوَس اَسہِ کوٚد کیاہ کوٚر؟

کُس ماے تہٕ موٚعبَتھ وَطنَس بوٚر

کِتھ کُنی کَر لَب اَسہِ آزادی

کِتھیا مَتی یوٗ کھٔتی دارَس
کِتھیا لگٕ زالَس مَشرٕ نارَس
دُیت زُد کِتھواہ ٹھارس مَشرٕ
پُتُرٕ وَنہٕ آے کِتھیا اَڈ پھوٚلی گُل
کَر رونہٕ مَہرِینہٕ نِے ٹیوٚک نٔہوکھ
کَس ساوِینہٕ لوکچے ژھیوٚن ۂٹہٕ پھوٚل
لُرِ پار گژھِتھ لوٚب اَسہٕ مَنزِل
دودٕ ہڈٕرَس بوٗزِتھ بُتھ دوشلبس
ڈیکہٕ پَرزٕلبس صُبحک گاہ پھولہٕ وُن
تھزٕ کارٕ تھٔوِتھ پکہٕ بَڈشاہ زَن
ودتِھ زَنتہٕ بھگت سِنگھ ہوٚل چارِتھ
ہیٚیہِ اَندرٕ نبرٕ سِیٚلہٕ اَڈ نیرُن
آذرٕ یازرٕ سِیٚلہٕ ہیٚیہِ پھیرُن
مُحرم گژھِ رازَن ہیٚیہِ سوچُن
اَتھی سارِ نبض وَقتُک وُچھ وُچھ
آزادی ہُنرٕ سعہ رنٔے بوٗزِتھ
بُتھ ژٕ کرِتھ سِیٚلہٕ سِیہٕ گرٕ والبَس
دَندٕ چیرِتھ پَرژہٕ مے آس شُوِتھ
چشمَن مَنزٕ آسِس ژوٗٹھ سوال
ڈٔلی تو گیا وَنہٕ ؟ کُس بُتھ دِمہٕ تَس ؟

•

# مےٚ چھُ یاد......

## سجاد ظہیرس نذرانہٕ

دِلہٕ جِگرکۍ چھاۓ وِتھ لاۓ وٕ تیوٗ ٹنگل
شہہ قلمہٕ کہٕ تاۓ دِتھ لاۓ وٕ تیوٗ ٹنگل
مَنہٕ منقلہٕ باۓ وِتھ لاۓ وٕ تیوٗ ٹنگل
ژ نِیے گوڈٕ اَسہٕ ہاۓ وِتھ لاۓ وٕ تیوٗ ٹنگل
گوٚ شورٕ قلم ایجاد دوٚہے
مےٚ چھُ یاد مےٚ روزِ ہم یاد دوٚہے

ترٛ سَیکہٕ وَتہٕ پیٹھٕ پوٚک قافلہٕ سون
دوٚد ژونگ تہٕ وَتہٕ آو منزِل سون
جَل بولنہٕ لوٚگ اکہٕ ہوٚت دِل سون
قلمچ سوٚہ عبارتھ حاصِل سون
سُہ نعرٕ چھُ زِندٕ آباد دوٚہے
مےٚ چھُ یاد مےٚ روزِ ہم یاد دوٚہے

اَسہِ تھِمبر لٔبے یہ ییٚتہِ پانَس مَنٛز
اَسہِ ویٚتھہ تیلیٖوو زُو جانَس مَنٛز
ساٗنی آوٗ ٹکی اَنزانَس مَنٛز
ژےٖ تہِ فیض پوٚکُے زنٛدانَس مَنٛز

زبتہِ لولُک کیتھہِ آزاد دۄہے
مےٚ چھُ یاد مےٚ روزہم یاد دۄہے

اُمیٖنچہِ وَتہِ پرٛدوُتھ لولہِ سَفَر
کھُلہِ ڈُلہِ اَز موٗدتھ لولہِ سَفَر
ٹکی ٹکی اَسہِ ہووُتھ لولہِ سَفَر
آخر پرٛزلوُدتھ لولہِ سَفَر

اَز پۆرہِ گوٚرُتھس وادِ دۄہے
مےٚ چھ یاد مےٚ روزہم یاد دۄہے

•

# چأرِ کتھ

مپلہ گُراہ ٹُرٹاق چٹ پٹ
ترأخ تہٕ پٹراخ ترأخ تہٕ پٹراخ
ژٕچھن تہٕ کھوورِ کلہ جوراہ رگہ وان
تہٕ پیٹھ کنہٕ ژُجہٕ گڈٕ فٹ فٹ
مأنژِ گوڈ دا گٹ گٹ
ہا بو۔ ژُجہٕ گڈٕ ہا دہ تہٕ لیٖوو
پھر پھر پھر
کھسان تہٕ ہینوٗر کھوت
وٕٹھان تہٕ دٕلوٗٹھ گو
میانہٕ خدایا نرِ ژنگہٕ کأژاہ
شرٕڈٕنی تہٕ بزنٕ
موچھ دیار سوٗنٕبران ہُوٗ ہُوٗ ہُوٗ
دہ ژہ دیار چھکران اللہ ہُو
گرِ کوٗرِ نٕژُنا شرٕدٕنی شرھنٕ شرھنٕ

دارِ تہٕ بر پھُٹی بڑینی بڑینی

بٹیہٕ پھیوٗر واپَس

ترٛاخ تہٕ ترٛاخ

ترٛاخ تہٕ ترٛاخ

جُمہٕ گَڈٕ پھراٹیوو

جُمہٕ گَڈٕ وہٕگلیوو

از گرٕٹ زِ مانَسیل گرٹ

ژھوٕ ڈیوو تہٕ ژَمہٕ ٹھیوو، ژھوٕ کیوو تہٕ موٕکلیوو

پھوٗ پھوٗ پھوٗ اللّٰہ ہوٗ

دِلُک داغاہ، اَمارہ ، لالہٕ زارَس تام واتُن گوٚژھ
ژھُہ پنہٕ نُے زاؔنٕ کاراہ ، زاؔنٕ کارَس تام واتُن گوٚژھ

ژٕ نٕے کھوٚتُھ نَظرِ ہُند مَس پیالہٕ پنُن نُے پنہٕ نٕن نامَتہٕ
مٕے تام نٕے واتہٕ ہے میٚالِس اَمارَس تام واتُن گوٚژھ

یہٕ یاوُن میٚون توٚن ڈراوکھنجہٕ کھٹنَے شیٖنہٕ تَلہٕ بامَن
ژٕ نَے پنہٕ نی نَظر کرِہس بہارَس تام واتُن گوٚژھ

صُبحَن ییٚلہٕ شبنَمَن سیماب باگُر یادٕ پیوٚکس تام
یہٕ مالِس داغدارَس، بے قرارَس تام واتُن گوٚژھ

جوٚنوٚتَن ژھاؔرِ پانٕے زپٕٹھ دَکھ مستی ژٕچھِس شوقَن
ہوس تِتِبلیٚو دٕپان ڈُلی ڈُلی خُمارَس تام واتُن گوٚژھ

اَپیرسوٚتٕنک ژٕچھو ! باغَس دپان گاٹہٕ م مٕے ییٚنہٕ ژٕل
سوٚ کَس تام انتظارَس، نَوبہارَس تام واتُن گوٚژھ

خَبر تُمو اوس دوٚیمُت اَزپگاہ تام واتہٕ وَقتَس پیٚٹھ
بوٚ تھوٚ ہا تیٚہہ ژٕچھنہٕ یَتہ لوکہٕ چارَس تام واتُن گوٚژھ

(۱۹۵۶ء)

# نوِ طرزُک غزل

راتھ محرم اِضطرابس ... اوٚپ چھ شبنم کیا وَنے
تارکو گوڈ دِیُت شرابس ... چشم پُرنم کیا وَنے

رۄے وۄشلیوٚمُت گولابس ... نارِ جم جم کیا وَنے
حُسن وۄگنیوٚمُت شبابس ... عشق سرگم کیا وَنے

حَبہٕ خوتن دژاپہٕ آبس ... پادشاہم کیا وَنے
زۄن چشمن آفتابس ... لول گوٚ غم کیا وَنے

اوٚبرِ وُزملہٕ سیتی خابس ... زُلفِ برہم کیا وَنے
دار اڈٕ وُزہ گیہٕ نِقابس ... کوٚنگلن خم کیا وَنے

لٔج یِنۍ بہر زل وَر عذابس ... کس امیک غم کیا وَنے
تار ژھیٚنۍ شاید ربابس ... کُکلہٕ گوٚ رم کیا وَنے

پییٚے وُتھر ژھیٚنۍ گولابس ... نظرِ آدم کیا وَنے
نادمن حم کھور آبس ... چھن پہ کم کم کیا وَنے

نٔو چھیٚے تیٚنہٕ اُزۍ کس شرابس
شولہٕ عالم کیا وَنے
چشمہٕ تہٕ پراران چوابس
لاٚدی بادم کیاہ وَنے

(۱۹۵۹ء)

پۆو سُقراطَن چۆو اَکھ جام
تَتھٕ چۆو اَسہِ بۆڑ ڈل اَز تام
پینہٕ سانٛ دِل دِتھ ہارِکھ دِل
پینہٕ سانٛ جِگرَس تھاوِکھ پام
نَتہٕ ژٕرِتہٕ وُچھہاکھ تمی سُندٕ شوق
وُنہٕ چھُنہٕ چھانَس پانَس تام
لوٗ اُس اَزلے پٔرِو ہُنرِ ملے
اَسہِ گٔے اُشی پھیرِ تُلی بدنام
اَسہِ گٔیہٕ اَز تام صُبحکو بُراُشی
یوٗت تام نکھہٕ ووت مَندرِ بن شام
دُب، دُب، دُب، دُب، دُب تلواس
کنوہہٕ دِلہٕ کُنہٕ وِتہٕ پُکٕ آرام
ژٕریتہٕ چھے وَچھِ پوزٕ پری گَتھ
ییتہٕ ویوٗر چھُم شمعُک انجام
اَکی گوٚ لوٗد، اَکی چۆد اَکی مۆ آسی
اَنٛتہٕ مَنٛتہٕ نادِم گو بدنام
(۱۹۶۲ء)

گُتُل مێے کَر چو شراب بایو  مێے دارِ کَر پھۆلی گوٗلاب بایو

اُچھو ڈٕرِم وَتھ یتیم خوٗلَس !  اَلٕس مێے مُسے کھۆت ثواب بایو

جگر پٕژہال وَن بو پٕزار کوتاہ  دِلَس پہ غَم لوسہٕ آخرَش شاہ

گِنڈان شوقَس چھێے سو پینہٕ مایا  دِیِو سَوالَن جواب بایو

ییٚمِس چھُ زہر ہِلال ژھاران  ہُمِس چھُ وَتہِ پیٹھ صلیب پٕزاران

بوٗ تے توٗہی ہیٚژو جدید بَنہٕ ہا  مگَر یِوان چھُم نہٕ تاب بایو

ٹھَیابہ وَرِنہٕ تھ نَبَس سَتُن گوٚژھ  اِشارٕ تہٕ آدِتھ پۆزُسے وَنُن گوٚژھ

توٚہی اُچھو پیٹھہٕ نِقاب تُلِو توٗ!  چھێے زِندگی بے حجاب بایو

گرا چھێے تُھچِہٕ ہِژ سوٗ پٕرٲنی آشا  ژھۆرُے تَسلی، چھَنی وۄمیدا!

بنیٚو حسرَتھ بَڈیو تمَنا  مێے دولہٕ خابَن چھُ خاب بایو

مێے تے رَچھو لول حُسنہٕ باپتھ  مێے تے دِژوو زُو جۆنوٗنہٕ اَرزَتھ

نۆیِہ زَمانہ چھێے کَس کِشنہٕ سَتھ  کَمِس اُچھَن مَنز چھُ آب بایو

اَتھ مێے اَزلے گیٚوو پانَس  دِیُوم بُتھ بدلہٕ یِتھ جہانَس

چھُ ناز پٕرٲنی نۆوِس زَمانَس  مێے دولہٕ خابَن چھُ خاب بایو

یہ ماچھ بلی ٹھوٗر اَسی خیالَن — چھ گاش اَستھ تہٕ ژونگ زٕلَن

نَتےَ چھُ شنگرَف وُزان بالَن — زبوان چھُ گاہ بےحساب بایو

اگر نہٕ مۆدُس وَنوٗ سورُے — ژھینٛو وکُھ کیاژ پانہٕ مورُے

پھبیٛو وکُس رووکُس بچورُے — کَنفَن چھ کاتیٛا حجاب بایو

دَپیٛوم توٗہۍ عَلتھ دوٗہا یہٕ برٕ ہا — سہ پژاَنی پاٹھِن کَتھا بہٕ کرٕ ہا

وُریہ لجہٕ دوٚکھنہٕ بیٚیہ نَظرَ ہا — مےٚ دژاو کرناتہٕ حُباب بایو

دَپان چھُ نادِم کَنتھا یہٕ کرٕ ہا — ژھیٚتھ جنوٗنَس بہٕ شور برٕ ہا

وُریہ لجہٕ دوٚکھنہٕ بیٚیہ نظر ہا — مےٚ دژاو کرزاتہٕ حُباب بایو

(۱۹۷۰ء)

# وَژُن

گُنٕ گنٛڈِ باشوکُنٕ اُشہِ دارِ اَدٕ پھوٚلی وارِ سانے پوشس

گیٚوو ییٚتہٕ دُدرلوٚ بیٚپہِ وَن ہارِ اَدٕ پھوٚلی وارِ سانے پوشس

ییٚمبرزَلہِ دَنہٕ کوٚڈ ٹلی ٹارِ روٗدُس پیارِ پَیہٕ نُے اوشس

گُمہٕ ستیٖ سَگہٕ ناٛدی اَسہِ نٹی نارِ تیٚلہِ پھوٚلی وارِ سانے پوشس

حَبہٕ خوتوٗن پٔراران انوارِ تَس میٛوٗل روشس شاہانے

رَتہٕ کھور کوٚ شُرتمہِ اَچھ دارِ، اَدٕ پھوٚلی وارِ سانے پوشس

کَمہٕ تام سٕریٚہہ سَگہٕ نوو اَسہِ پیارِ پٔرتھ کانٛہہ کُچھ گُل مَستانے

دَنہٕ ووُس دیٚدرلوٚ بیٚپہِ وَنہارِ، اَدٕ پھوٚلی وارِ سانے پوشس

ژٕدک تہٕ موٚدُر تُل اَسہِ اَٹہِ بارِ سانے وارِ چھُ بَرنے روشس

گُنہٕ اَسہِ وٕنہٕ ہوہ ٔنجہِ گُنہٕ اُشہِ دارِ، اَدٕ پھوٚلی وارِ سانے پوشس

ییٚمبرزَلہِ مالوٚب ٹلی ٹارِ، روٗدُس جانہٕ جانانے

سَرنوٚ مرتھ ییٚلہِ کانٛہہ اوشس ہارِ، اَدٕ پھوٚلی وارِ سانے پوشس

یَنہٕ میٖثون دِل وٕڈو ژنہٕ گیہٕ وٲنٛس
زہٕتہٕ چھُم جِگرس ژھیتہٕ ما گوٗ
ہےٚ پنہٕ وُتھرن وٕٹھ تلہٕ واس
ہےٚ کنہٕ پوشِنس گتہٕ ما گوٗ

تسلا نبِضن ، نبِضن گوس
اَدٕ ژوٗل یاوُن، نتہٕ ما گوٗ
سونتہٕ ہوا وُسپلیومُت شرٗ
خوش بوٕ یہٕ بٮ۪نہٕ پتہٕ پتہٕ ما گوٗ

کتہ کتہ پہٕچھ وٕسہٕ آمژ زوٗن
ژونگ مزارس ژھیتہٕ ما گوٗ
تھاویوم رٕچھ رٕچھ موچھ مٕنٛز شہ
یٮ۪لہٕ کل دژالیس پتہٕ ما گوٗ

یتہٕ کنہٕ نیرہٕ نہٕ پرٕژھنے اوٗش
اَزی ہتھی پھیٚرشا ہتہٕ گوٗ

کانٛہہ کانٛہہ کٔنہٕ چاٲنۍ یاد پیوان چھُم ہٮ۪نگہٕ مٮ۪نگہٕ چھُم کیا ہتام گژھان
وٲنجہِ ووٚبۍ کٔنۍ تاپھ چھُ مٔنٛدچھان برٛمندٕنٕن چھُم شام گژھان

تالوٚ پچہِ پچہِ گژھنہٕ چھُم راوان، بٔنٛد بٔنٛد چھُم ژلِہ لارِ ژلان
لرٕ ترٛاۄتھ لرٕ کانہٕ چھِپٮ۪ٛ پھوران، ٹٔشی تھِے چھُم آرام گژھان

ناٲرن ناٲرن شاہ ترٕ تلنی ، رُمن رُمن اُفینہٕ ٹیٚنچھر
ہری گوٚ گلس نکھہٕ شاہ چھُم ہوٚکھمُت، زیٚوٕ پیٛٹھہٕ تالس ترٛام گژھان

ساٲری دوٚہ میٲنۍ زن مہابھارت، سارِیٚے راتھ چھِ رامایَن
نٲے چھُ ہمان جگرس مٔنٛے کرٛلِشُن، نہ چھُ دِل چوٚن زانہہ رام گژھان

اَشہِ کِس سوٚدرس ژھانٛڈِ بہ ترٛاہا کرٕ ہا ٹبھٹی ٹبھٹی درشُن چوٚن
تنیٚلہِ اوس اۄد باپتھ لوٚ کچارس زٕ میثون لوٚت پاٹھی کام گژھان

آس ووٚدُم، گژھہ لوٚکھ وٕدن مٔنٛے، مانہٕ تہٕ مطلب لفظن روو
نہ چھُ ووٚنۍ کٔنہِ آغازٕ نظرے، نہ چھُ ووٚنۍ کٔنہِ انجام گژھان

گبرن کوٚر اکھ ٹبلی شری گنڈُناہ صبرن ژڑتم زیٚوٕ لاگم!
دِپنہٕ کولن ژول کیا کیا اَزتام، اَز نادِم بدنام گژھان

لولہٕ مَتہٕ ہلول ہوٚنگمے ہٲلمَ دأری دأری
دوٚد گریبان تہٕ گُمہٕ سُری ہتےٚ دامَن سپُد

ناو ہیٚوتمے نہٕ کَہتہٕ کَتھ خبَر ما گژھیم
لوٗکھ گیلَن زٕ وُچھ سأے وَناوَن سپُد

وأنِسہٕ اَلبُسوٗ ہٕمے کأنِسہٕ کوٚٹ اَکھ طمَاہ
وَق ہتےٚ دوثُم رٕنٛثیوم ادم زَن پَن سپُد

ولے لوکہٕ چار! نُنٛدٕ بون اَکھ موٚت سُحَر
پوٗش اَکھ کھوٚل تہٕ باسیوم وُنی زَن سپُد

آمہٕ تاوَس تہٕ جگَرس پٕتیم پأری زان
تارٕ توٚت کیٛازٕ ہَم راز تمَدمَن سپُد

چون آنٛگنہٕ نگُن وِگنہٕ وَنہٕ وُن بُنِتھ
زوٗنہٕ گاشَس اِہ وِہ رات شامَن سپُد

یاد تھُو وُنوم پی گوٚ مُشتھ رتی پی مُشراوِنوم تی پیٚنوم یاد

سونہٕ ہینٛز ہا تنکلہِ منتر پُری پُری شُرُک مُژراوِنوم تی پیٚنوم یاد

سیر مُشتھ گوم سپُرک مشرفہٕ گُکلہِ منٛے باوِنوم تی پیٚنوم یاد

اکہِ دوہہٕ اکہِ تیوٚ لنگن ہلنکلاوِتھ سُلہِ وُزناوِنوم تی پیٚنوم یاد

للہِ تژاگس وُاراگ سزٕ سیتی دوہ نٔد کھوکھ لاوِنوم تی پیٚنوم یاد

شبنم سوٚنبرتھ وتہ پیٹھ کنہ کھوٚل دوٚژہ دوٚژہ چاوِنوم تی پیٚنوم یاد

وٕنجہ ہنٛد کُچھمُت برمُژرتھ مَن تَنبہ لاوِنوم تی پیٚنوم یاد

لۆ کاسِتھ نظرن لیہٕ تژوٚپرتھ میٛتہ پرزناوِنوم تی پیٚنوم یاد

اکھ اکھ ہاوس اکھ بدلاوِتھ ژِھپہ ژِھپہ ہاوِنوم تی پیٚنوم یاد

کم کم دم دِتھ ہم ہستی ہنٛدی دُنیا چھاوِنوم تی پیٚنوم یاد

اندریم اندرہٕ منقلہِ مشر

دوہ ندہٕ للہٕ ناوِنوم تی پیٚنوم یاد

(۶۱۹۶۵)

# وُزُن

اُندرِ اُندرِ بال وٕدِگِنی تھزِ کارِ — یَتھ رێشِ وارِ وِتَستا راُچھ!
بَنہٕ رُڈُ رُڈُ یِتھ وَن وَن یارِ — یَتھ رێشِ وارِ وِتَستا راُچھ
سوٚنہٕ ہِنٛدی سنگرزوٚ یہٕ کوہہ مالہٕ — مرگہٕ تہٕ بال چھ پوشی پوش
کولہٕ زادن اُمرہٕ ہتھ ٹٔکی نارِ — یَتھ رێشِ وارِ وِتَستا راُچھ
للہٕ واکھن سێتی شُرکٕ دُرداں — ہێنٛدی مُسلمان ہم آغوش
اَنِہ واس رُژھہرِ کَتھ پتی مے پیارِ — یَتھ رێشِ وارِ وِتَستا راُچھ
سوٚ رگہٕ ہوا پڑاران اَنوارِ — ڈٔلہٕ بُتھی بُتھٕ کانہٕ کھوہے گوش
وێتھہٕ بُتھی بُتھی شہرِ چھ اُچھ دارِ — پڑاران تھونا دٕے اَسہٕ گوش
خانقاہ پرَ یتھ درشن دارِ — یَتھ رێشِ وارِ وِتَستا راُچھ
وِیتھ کھش اَزنام پرِتھ اَکس ٹارِ — پادشاہ راژو تھو دُس پوش

للتادت بیہ بڈشاہ گارِ
یَتھ رێشِ وارِ وِتَستا راُچھ

(۱۹۶۵ء)

کھسہٕ وُن ہِریہٕ تہٕ رامُن راج
وَسہٕ وُن ہیریہٕ تہٕ راوُن دۄد
پانٛ ژادرِ گٔیہٕ اُسی اُسی نیٛل
تَس نہٕ خبَر کٔر کوتاہ وۄد
اَچھنے تَل چھَم نَبہٕ نَبہٕ یاد
شیٖنہٕ کوہَو پیٚٹھٕ چون وَنہٕ پۄد
تَس پھۄر یاوُن آس نہٕ ویٚتھ
منٛے گوٚ بجُرس پۄت سیٚونڈ ہۄد
نَظرَن مٔیل ، وُزملہٕ کَس پیٚے
کٔر لوٚے تیٖر تہٕ کَس آو سیٚوٚد
نیٖتھ نَنہٕ اَنہٕ گَرٕ گٔیہٕ گُمہٕ شران
صُبحہٕ چھہٕ دَمدَرِ لَش اوس گۄد
پَننہٕ نٔے کاشرھا ناۄم ضاب
تۄہی دِلہٕ زانیٚون منٛے چھہٕ وۄد

(۱۹۷۱ء)

بێیہِ آسے وۄنہ تلِتھ پرٲنؠ ہاوُس

بێیہِ میثون دِل دُیچھ لٲوِتھ گےٚ

ٹاَرن ٹاَرن وێہہ سچھر ناَوِتھ

دَزِوِنؠ رێہہ زَن چاَوِتھ گےٚ

سوٗنتس سَتہٕ رُنگو سوٗنزَل ہاَوِتھ

ہرٕدس ژرزَن پاَوِتھ گےٚ

اَز نام سأنی دِژِسے ہاَوِتھ کرُ

تخِتن وَقتس یاَدِتھ گےٚ

اَسہِ ییٚلہِ تیٚلہِ لۆج دارِس کُن وَتھ

کێنہہ میٚثرِ پھلو وۄشہِ لٲوِتھ گےٚ

مُلہٕ تلہٕ بۆزِو پَنہٕ نُے چارہٕ

نہرو ہاَپتھ تَنہٕ لٲوِتھ گےٚ

اَسہِ وُتہٕ پراران گژھہٕ اَنوارسے

تَم تھپہِ تھۄوسہ گُل چھاَوِتھ گےٚ

تیوٗتا تیوٗتا روٗنل زیچھٹیوو

یوٗتا اَسہِ سَتھ تھاوِتھ گَے

اَندرِمۍ شُرگے اَندری موکلیتھ

نیبرِم دَگ وُزناوِتھ گَے

تیٚلہِ بوزَو ییٚلہِ اَنگ پیہِ زَخمَن

حالَس گَل لالَن دیٚنہہ کھیاوِتھ گَے

بَندِ پَڑہ جِگرُک دود چھُ باقے

دِلہِ کِس اَنَس چاوِتھ گَے

مَندچھِتھ مَندچھِتھ سوشتہٕ ہواوَس

کیٚشا ہتام کُنہٕ ٹلی باوِتھ گَے

تھُہنزِے دیانتھ روزِ نہٕ پَتہٕ کُنہٕ

یِم اَندرِم چھوکھ ہاوِتھ گَے

(١٩٧٤ء)

کٔتہٕ میون آلو دِگرٕک تابہ
کٔتہٕ چون مَنٛدٕ چھُن بونہٕ شہُل
اَز بیٚنیہٕ مجنوٗنَس لجُ پام
بیٚنیہ گوٚ کاوَس سیتٕی کنہٕ میٚل
روتلہٕ پٔتہٕ ریٚپہٕ، ریٚپہٕ ناگاش
وَنہٕ کیٛا پَتہٕ کیٛا چھُتہٕ دُل مُل
مٔنٛے وُچھ ژٕنے تہٕ موٗتبہٕ راَدِتھ گُل
ژٕ بے چُھکھ غاُفل مٔنٛے گوٗ بُل
نیٚترن منٛز یا پٔترن پیٚٹھ
اوٚش گوٚ شبنَمہٕ کھوتہٕ اُذِیُل
نیٚرن وِز واُٹہٕ دُنہٕ چھُنہٕ گاش
پنہٕ وِزہٕ دوٚپہم وُنہٕ چھاسُل
نادِمہٕ ییٚتہٕ رود غزلَس مال
کٔتہٕ چانہٕ نتہٕ آسہٕ پوشے تُل

(۱۹۷۲ء)

وُنہِ شاہ چھُ کھارُن، وُنہِ دَم گُذارُن
کرِ شجلیو کرِ شجلیو آبا چھُ سارُن
جگرس تھوُن ٹُکھ، موہ چھ مُشرِ رٹُن دِل
پارِد چھ مارُن، پارِد چھ مارُن
میٖنتہِ بارِ تُلو تارِ تُلتی کیٛا تھکیے بو
یا شین ماگُک، نتہِ تاپہ ہارُن
ڈلتو پہ رٹیہہ دوزِ خچ آزماوو
اَلماس کارُن چھُ اَلماس کارُن
جِتھہ ہوشہِ ڈوٗل کانہہ، نہ جتھہ فکرِ وول کانہہ
اَتہِ اور وَنتم یمیٖتہِ کیٛا چھُ لارُن
بوزو صُبحس تام کُس روزِ بلتھے
حالس چھُ روتُل، حالس چھُ پزارُن
ہا سونتہِ پوشو ناٗدِم منوشو
ژریتہِ موختہِ ژارُن، میٖتہِ موختہِ ژارُن

(۱۹۷۰ء)